# آنکون

(تنقیدی مقالہٕ سۆمبرن)

ڈاکٹر رتن تلاشی

# شکرانہ

بۍ چھُس تمہِ مأّلی امدادٕ باپتھ منسٹری آف ہیوٗمن
رسورس ڈیولپمینٹ کہ سینٹرل اِنسٹی چیوٹ آف انڈین
لنگوٕیجز میسوٗرک مشکور یُس أمۍ ادارن یہِ کتاب شایع
کرنہٕ باپتھ مےٚ دیُت۔

Published with Finanacial assistance from the Central Institute of Indian Languages (Min of Human Resource Development, Department of Education, Govt. of India) Manasgangotri, Mysore -570006 Vide sanction Letter No:- F. 51-5(3)/98-99/KAS/GRNT.
Dated Feb.3 1999 under the Scheme of grant -in aid.

کتابِ ہُنْد ناو ........................ آ نکون

مصنف ........................ ڈاکٹر رتن تلاشی

چھپن وٗری ........................ ۲۰۰۰ء

[redacted]

رچرڈس ہندہٕ ادبی نوقطہٕ نظرن متلق موخصر مضموٗن شأمل ۔کأشرس منٛز چھُ افلاطوٗن ،ارسطوٗ تہٕ ایلیٹ بیتر ادبی عألمن ہندہٕ ادبی نظریاتن متلق موٗ قابلتن زیادٕ پہن لیکھنہٕ آمٕت ۔اَتھ برعکس چھُ باقٕے ادبی عألمن کُن کمے پہن توجہ دنہٕ آمٕت ۔لانجاینس ،سڈنی تہٕ رچرڈس چھِ تِتھی ہوِ ادبی عألم تہٕ ماہرِ شعر یاتھ یہندہٕ نظریاتن متلق کأشرس منٛز سبٕتھے کم کم یا شایدٕ ے موأنکون سپز ہو چھےٚ ۔تِتھن پہلوہن کُن توجہ دِنٛچ چھےٚ یِمہٕ لحاظہٕ تہٕ ضروٗرتھ زِ کأشرِ زبان تہٕ ادب یُس ووٗنی وار یاہ وٗری ہتھ مختلف سطحن پٮ۪ٹھ درس تدریسک موضوٗع بنیوٗمُت چھُ امیک دامنہٕ گوڈہ ہتھ ہوِ مطالہٕ ستی وسیع بنٛن ۔

''اَنکون'' سوٗمبرنہٕ منٛز شأمل بیشتر مقالہٕ چھِ کأشرہٕ شأعرن تہٕ شعرِ ترایَن متلق ۔یِمن منٛز چھِ کینٛہہ مقالہٕ تِمن شأعرن متلق تہٕ یِہنٛز شأعری ہنٛزِ وبوٗدھنیہٕ ہنٛز بہٕ پٮ۪ٹھے بانٛچ کوٗشش چھےٚ ۔کأشرِ زبأنی منٛز چھےٚ بسیار شأعری وُنس تام تخلیق سپز ہو تہٕ ازکل تہٕ چھےٚ تخلیق سپدان ۔وٕوٗں گو امیُک بیشتر حصہٕ چھُ وُنہٕ تہٕ تنقیدی کھوچہِ کھسہٕ نے ۔یِمہٕ کتھ نش آسہٕ نہٕ شاید کأشرِ ادٕبکس کأنسہٕ تہٕ زأنی کارس یا عألمس اِنکار زِ کأشرِ زبأنی ہنٛدِ تنقیدُک بیشتر حصہٕ چھُ کوٗن تام نُمایندہٕ شأعرن متلن لل دید ،نُند ریوٗش ،مجموٗد گأمی ،مقبول کرالہٕ وأری ،مہجوٗر تہٕ رأہی یا نادم بیترِ شأعرن تامے محدوٗد ۔نُمایندہٕ شأعرن ہنٛدِ حلقہٕ نیر چھِ کأشرِ نقادیٚو پأٹھ کمے پہن نیران ۔مے چھےٚ کوٗشش کٔرمٕژ زِ یَتھ سوٗمبرنہٕ منٛز گوڈی تِتھی شأعرتہٕ یِنٛز یہندٕ فن مولناونٛچ تہٕ پرکھاونٛچ وُنس تام کانٛہہ تہٕ وکھرِ یا نُمایاں

# پیش لفظ

''أنکون'' چھےٚ میانہن مقالن ہنٛز سۆمبرن ۔ یَتھ منٛز بیشتر تِم مقالہٕ شأمِل چھِ یِم پٔتِمین کیٛشون ؤریٛن دوران وقتہٕ وقتہٕ مختلف رِسالن منٛز چھاپ سپدی مٔتۍ چھِ ۔ یِمن منٛز چھِ کیٛنٛہہ مقالہٕ تِم تہٕ یِم مختلف ادبی مجلسن تہٕ سیمنارن منٛز تہٕ پرنہٕ آمٔتۍ چھِ ۔ چنانچہِ یِمو منٛز آیہِ کیٛنٛہہ کأشرِ زبأنۍ ہنٛدۍ ن مختلف برگزیدہٕ قدراوار عألمن تہٕ أدیبن ہنٛدِ ذٔسی سبٛتھاہ پسند کرنہٕ ۔ یِمہِ کِہ نتیجہٕ مےٚ یِم مقالہٕ سۆمبرِتھ کِتأبی صوٗرتس منٛز شایع کرنُک شوق گنیوو ۔ حالانکہِ کأشرِ زبأنۍ منٛز کتاب چھاپنُک شوق چھُ اَکھ کٔڈ رتہٕ دزٕوگ شوق تہٕ نمنمتھ فیصدی نوقصان دٕہہ (مأٔلی رٔنگی) تہٕ ۔

یہٕ سۆمبرن چھےٚ زبان تہٕ ادبی مطالہِ کِس أکِس وسیع وانکِس وِحاطہٕ کران ۔ مختلف حصن منٛز بأگرِتھ یِم موضوٗع چھِ شعریاتھ، شعرِ تنقید تہٕ لُکہٕ ادب بیترِ وکھرِ وکھرِ گوشن پیٹھ مشتمِل ۔ شعریاتس منٛز چھِ لانجاینس، سرفلپ سڈنۍ، تہٕ

تحریری صوٗرتھ گوٚ ھ زبانٕی ہنٛز کٔنہٕ ورٕ وُٹھنہٕ ورأے آسُن۔

چھیکرس چُھم یہِ وَنُن تہٕ ضروٗری باسان زِ تنقیدس متلق یوٚ دوے مختلف أدیبو تہٕ عالمو مختلف زمانن تہٕ زبانن منٛز وقتہٕ وقتہٕ کینٛہہ نظریہ تہٕ اوصوٗل وکھنأوِی متی چھِ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ مےٚ باسان زِ عملی تنقیدس منٛز چھنہٕ کینٛہہ تہٕ تِتھی مقررِ تہٕ شبقہٕ اوصوٗل یم أسی بخشن یتہٕ ضروٗری سلح سامانہٕ ورتأوِتھ پرٚتھ کأنسہِ شأعرِ یا لکھأری سٕنٛدِ فنک للہٕ کھوٗل کرنہٕ یِہمو۔ بٔلکہِ چھُ میوٗن خیال یِی زِ کأنسہِ تہٕ شأعرِ سٕنٛز شأعری تہٕ تٔسٕنٛدس فنس پیٹھ قلم آزمأیی کرنہٕ وِزِ چھُ ضروٗری زِ تتھین اوصوٗلن ہنٛز ژأر گوٚھِ تس شأعرِ سٕنٛدِ اِنفرأدی اوسلوٗبہٕ تہٕ انداز منٛز کرنہٕ یِنۍ تہٕ یمِوٚ سٕی ہکو أسی تٔسٕنٛد فن وبرٕ ھنأوِتھ تہٕ تتھ سٕتۍ اِنصاف کٔرِتھ۔ بیاکھا اہم کتھ چھےٚ یتہٕ زِ تتھین ہوٚن ادبی کہِ علمی موضوٗعن پیٹھ قلم آزمأیی کرٕنۍ چھےٚ نہٕ سوالن ہٕنٛدی جواب پیش کرٕنۍ بٔلکہِ چھُ امیُک مقصد قأری سٕنٛدِس ذٔہنس منٛز مزید سوالہٕ وٕ تلاوُنۍ آسان۔ اَکھ عام وَنُت چھُ زِ جواب فراہم کرنہٕ کھوتہٕ چھُ سوال تُلنُے اہم تہٕ ادبی مطالس منٛز چھےٚ یُہے سوال تُلنچ عمل ادبی بحثن چلہٕ وُن تھاوان۔ توٚ ے چھےٚ نہٕ تتھین بحثن منٛز کانٛہہ تہٕ کتھ حتمی یا حرفِ آخر۔ بٔلکہِ چھُ تتھس مطالس منٛز پیٚتی ژأنگی تیوٗت گاش۔ یوٚ دوے کٔنہٕ پرٕزلوٗن تہٕ کٔنہٕ سوٗت تہٕ آسہِ۔ وۄں گو مجموعی طور چھِ یم وکھرٕ وکھرٕ ژأنگی اَتھ گاشس برٕرژر کٔرِتھ ادبی دٔبستانکس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ حصس گاشراونس منٛز پنٛن پنٛن رول اداکران۔ یوٚ دوے یہِ مقالہٕ سوٚمبرن تہٕ زبان تہٕ ادبکی کینٛہہ گٹلی گوشہٕ گاشراونہٕ

کوٗشش کرنہٕ آمٕژ چھےٚ نہٕ ۔ یِمہٕ کوٗششہِ چھےٚ یِمہٕ لحاظہٕ تہِ ضروٗری زِ یِموٚ سٕتۍ لگہٕ کأشرِس تنقیدس تہٕ وسعتھ ۔

یتھ سوٗمبرنہِ منٛز چھِ لکہٕ ادبس متلق تہٕ کینٛہہ مضموٗن شأمل ۔ چنانچہٕ کأشرِ زبأنۍ ہٕنٛدِ لُکہٕ ادبٕچ رنٛگارنٛگی چھےٚ کینٛژو وغارٕ کأشرٕ عألِمو تام تہٕ تسلیم کرمٕژ تہٕ کینٛژو کأشرٕ محققو تہٕ لکھاربو تہِ چھےٚ لُکہٕ ادب سوٗمبراونٕچ تہٕ پرکھاونٕچ کینٛہہ تھٔکنۍ لایق کأم کرمٕژ ۔ وۄں گوامہِ باوجوٗد تہٕ چھُ لُکہٕ ادبُک مطالہٕ وُنہٕ تہٕ پننس اِبتدأیی دورس منٛز ۔ مثلن کأشرِس ثقافتی تنوظرس منٛز یوٗ دوے سأئنس لُکہٕ ادبس متلق کینٛہہ مقالہٕ لیکھنہٕ آمتۍ چھِ مگر اِنسأنی نفسیاتکس تنوظرس منٛز چھُ امیُک مطالہٕ کأشرِس منٛز شاز نازٕ ے نظر گژھان ۔ یتھ سوٗمبرنہِ منٛز شأمل کینٛژون مقالن منٛز چھےٚ مےٚ پننہٕ ہترِ مطأبق یوٗہے ہش اَکھ کوٗشش کرمٕژ ۔ اَتھ منٛز کتھ حدس تام چھُس بہٕ کامیاب سپُدمُت تمیُک فأصلہٕ ہیکہٕ نہٕ بہٕ کٔرِتھ بلکہٕ ہیکہٕ پرن ووٕلۍ کٔرِتھ ۔

یتھ مقالہ سوٗمبرنہِ منٛز چھِ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبہٕ کِبن بیٚیہٕ تہٕ کینٛژون گوٚشن پنٛژھ مقالہٕ شأمل ۔ یوٗ دوے یتھ سوٗمبرنہِ منٛز شأمل کینٛژون مقالن فقط سرسری جأیزٕ یوت وُنتھ ہیکو امہٕ پوٚز زِ یہ سرسری جأیزٕ اَسۍ تن یا سنٛجید مطالہٕ میأنۍ کوٗشش چھےٚ زیادٕ پھٔنٛ اندٕ وندٕ ییہے روٗزمٕژ زِ کُنہٕ مخصوص موضوٗعس متلق دویِمن اَدیبن ہٕنٛدِ مطالہٕ کہِ رٕدقبوٗلہٕ برعکس گوٚژھس بہٕ تۍ تحریری صوٗرتس منٛز اُنن بہِ کینٛژھا بہٕ پانہٕ تتھ متلق بکٔرۍ یتہِ سنٛجید قأری سران سوٗنچان چھُس تہٕ یہِ

# فہرست


۱۔ لان جائنس سُنٛد نظریہِ ادب ---------- 11

۲۔ سڈنی : شاعری ہٕنٛدس حمایتس منٛز ---------- 19

۳۔ رچرڈس: میلا ناتن ہُنٛد نظریہِ، اِکھ سام ---------- 27

۴۔ گیٹ : اَکھ قدیم شارٕ ذاتھ ---------- 35

۵۔ اۆسلوٗبیات کیاہ گو ---------- 44

۶۔ کأشرِس منٛز رامایݨ ---------- 52

۷۔ پرمانندُن زبأنی ورتاو ---------- 66

۸۔ ''واوٗ'' مہجورن قاصد پیکر ---------- 81

باپتھ کُنہِ حدس تام سۆ ومنٛد ثابت سپد تھ ہیکہِ سو ے چھےٚ میأنی کامیأبی ۔ اما پۆ ز
یہ کتھ سرکھرکرٕنی چھنہٕ مےٚ تام بلکہِ توہہِ تام۔

اَخرس پٮ۪ٹھ چھس بہٕ تمن خارخاہن تہٕ دوستن ہُنٛد شکریہِ کرُن پنُن
فرض زانان یمو مےٚ یم مقالہِ کتأبی صوٗرتس منٛز اَنہٕ باپتھ وُتش دیُت ۔ خاصکر
چھس بہٕ پروفیسر اومکار این کول صأبُن مشکوٗر یمو مےٚ یہِ کتاب شایع کرنٕچ
ترغأب دِژ ۔ این ۔ آر ۔ ایل ۔ سی ِکس شریف النفس اہلکار شری راجندر رینہ
صأبُن شُکریہِ کرُن تہِ چھُ ضروٗری تکیازِ تمو یُس بےلوث اَتھ واس یم مقالہٕ
سۆمبراونس ، ترتیب دِنس تہٕ یہُنٛد مسودِ تیار کرنس دوران مےٚ آیہِ تِمن تھوٗ وتمہِ
کُے نتیجہ چھُ زِ یم مقالہٕ ہیکہِ کتأبی صوٗرتس منٛز یتھ ۔ بہٕ چھس محمد یوسف میر
صأبُن تہِ مشکوٗر یمو ییٚمہِ کتابہِ ہنٛز کمپیوٹر کمپوز ژُکہِ سان سرنجام دِژ ۔ بہٕ چھس
ڈاکٹر آفاق عزیزن تہٕ اتھ کامہِ منٛز تہندِ بےلوث مدتہٕ باپتھ مشکوٗر تہٕ اَخرس چھُ
تِمن اُدیبن تہٕ عالمن ہُنٛد شُکریہِ کرُن تہِ ضروٗری یہنٛدِ موادِ تہٕ مطالہٕ ستی
سیٚد سیوٗ دیا بلواسطہ پأٹھی یم مقالہٕ لیکھنہٕ باپتھ کُنہِ تہٕ رٕنگی مےٚ استفادٕ کوٗر ۔ بلکہِ
چھُ مےٚ ییٚمہِ کتھہِ ہُنٛد اعتراف زِ تہندِ نےوتہٕ پدٕن ہنٛز اَنکونہِ اَنکونہِ پِکتھ ہیٚچ
مےٚ یہِ "اَنکون" تصنیف کرِتھ۔

رتن تلاشی

تلاب تِلو جموں نومبر ۲۰۰۰ء

# لان جاینس سُنٛد نظریہِ ادب

مغربی قدیم شار یاتس منٛز چھُ لان جاینس اَکھ ویوٗ دناوینٛ دوے تسٕنٛدِس زمانس متعلق عالمن اختلاف چھُ ووں گواکثر عالم چھِ یتھ رایہِ ستیٚ متفق زِ تسٕنٛد زمانہٕ چھُ تریٚم صدی عیسوی اوسمت ۔ کینٛہہ محقق چھِ یتہِ ونان زِ سُہ چھُ مُلکہ زنوبیا تہٕ پلاطینوٗس سُنٛد ہم عصر اوسمت تِکیازِ سُہ چھُ پلاطینوٗس سٕنٛد بوٗنو افلاطونی خیالو ستیٚ متأثر باسان ۔ لان جاینٛس سٕنٛدِ نظریہِ ادبُک مطالہِ کرنہٕ پتہٕ چھُ عیاں سپدان زِ سُہ چھُ یاتہٕ یوٗنانی تنقیدی ربوایژ نشہِ براہِ راست متأثر سپُد مُت نتہٕ چھُس اَتھ روایژ ستیٚ اکہِ نتہٕ بییہِ رنگہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ تولق اوسمت ۔ اوہُنٛد اَکھ ناتمام رسالہٕ چھُ زمانکیٚ دکہٕ دول کھینٛہٕ باوجوٗد تہِ محفوظ روٗدمُت تہٕ اَتھی ناتمام رسالس منٛز چھِ تمیٚ ادبس پٕتھ کتھ کران کینٛہہ تنقیدی اُصول سرٕ کھر کٔریٚمتیٚ ۔ اَہنٛد ہِن یِمن تنقیدی

۹۔ ہم کال: شاعری اکھ سام ---------- ---------- 94

۱۰۔ ''زنتہٕ اَکھ نظم'' اَکھ مولانکون ------ ---------- 111

۱۱۔ چمن لال چمن ---------------- ---------- 118

۱۲۔ سرورُک شاعر: جواہر لال سرور --- ---------- 129

۱۳۔ لکہٕ ادبکی کینٛہہ نظریہٕ ---------- ---------- 138

۱۴۔ کاشرِ لکہٕ کتھہٕ: کینٛہہ خۄصوٗصیژ ----- ---------- 145

۱۵۔ لکہٕ باتھہٕ تہٕ جنسہٕ روٚیہٕ -------- ---------- 157

۱۶۔ کاشرِ زبانۍ ہُند گرایمری مطالہ تہٕ گریرسن ---------- 168

۱۷۔ دردستان رِوزنڈ: اَکھ سام -------- ---------- 179




اٚڈرن ضروٗری۔

شعر شناسی متلق لان جاینٛس سُند یہِ نظریہِ فکر چھُنہٕ یکسر نوٚو۔ بٔلکہ چھِ تتھی ہوِی خیال تس برونٛہہ تہِ پیش سپدی متی۔ مثلن اکھ مخصوص انداز فکر چھُ تس برونٛہہ افلاطوٗنن تہِ ادبکس توٗثراتی پہلوہس پیٹھ زور دِتھ تمت یُس چھُنہٕ کُنہِ پاٹھی تہِ ادبچہِ متاثر کرنچہِ خوٗصوٗصیژِ اِنکار کران۔ بٔلکہِ اوس ادبچہِ اَمی خوٗصوٗصیژِ موٗجُب سُہ شاعری تہٕ شاعرن بیزار سپدمُت۔ اماپوٗز تس تہٕ لان جاینٛسس چھےٚ پانہٕ وأنی یہِ فرق زِ تس چھُ چھراوٗسی پایہِ ادبُک، وٗسی پایہِ پہلو، مدِنظر اوسمُت یٚیمہِ موٗجُب تَس ادبِکس رتِس پہلوہس کُن نظر چھےٚ نہٕ وأژمٕژ۔ ادبُک یہِ پہلواوٗن تس پتہٕ واریاہہِ کالٕ لان جاینٛسن زیر مطالہِ۔ ادبُک یہِ رُت پہلو آوارسطوٗہس تہِ اتھہِ مگر تَسُند نظریہِ فکر روٗدیُژ پاٹھی افلاطوٗنی اثرس تحتھ زیادٕ پہن اِخلاقی تہٕ اِفأدی۔ بیٚیہِ اوس تَسُند نظریہِ فن مُلہٕ تلہٕ افلاطوٗن نہِ نظریُک ردعمل۔ امی موٗجُب پیوٚ وتس المیُک مقصد تہٕ امہِ کہِ زیر اثر ووتلن والہِ جذبہٕ ژٕسی معتدل شخصیژٕ ہنٛز تخلیق یا تأمیر بیٚترِ تہِ وبٕژ ھناوُن۔ اَمہِ ستی یوٚ دوے تأثیر ادبچ وضاحتھ سپز اماپوٗز قأری یَس پیٹھ ادبی توٗثرچہِ ختٕ یژٕ ہنٛز سپز نہٕ وضاحتھ۔ یہِ وضاحتھ کر امہِ پتہٕ لان جاینٛسن۔ یہِ چھُ صحی زِ اَتھ موضوٗہس پیٹھ چھُ کُنہ کُنہِ فنِ بلاغتس منٛز تہِ بحث سپدمُت یٚیتہِ انداز اِزبیانچن تمن خوٗبی یَن کُن اِشارٕ کرنہٕ آمُت چھُ یمو

اٲصولن ہٕکو موضوٗع لحاظہٕ اَسی تہٕ پاٚٹھی ورگہٕ باگے کٔرِتھ۔

۱۔ادب تہٕ قاری سُند رشتہٕ

۲۔ادبُک قدر قیمتھ سرٕ کھرکرنُک میعار......قاری سُند توثر۔

۳۔ادب پارٕچ ارفعیت تہٕ اَمِچ شناخت۔

۴۔لان جاینس سُند یہِ اڑلیوٗک رسالہٕ چھُ بُنیاد یؠ یوٗنٲنی زبٲنی منز۔ییمیُک انگریزی ترجمہٕ On the Sublime ناوٕ کرنہٕ آمُت چھُ۔

لان جاینس تہٕ برونٛہہ چھِ ارسطو تہٕ اپی کورس بیترٕ شعری جمالیاتس پیٹھ کتھ کران ادبُک اہم مقصد تہٕ مدعا مسرت تہٕ حظ بخشن تسلیم کران تہٕ اَتھ خیالس ستی چھُ لان جاینس تہِ متفق باسان۔بقولہٕ تٔسنْدِ چھےٚ جان ادبٕچ یہِ خوٗصوٗصیتھ زِ اَمہِ ستی چھُ قاری متاثر سپدان۔ادبِچہ متاثر کرنٕچ یہے خوٗصوصیتھ مدنظر تھاوِتھ چھےٚ تِم قاری یَس پیٹھ ادبی اثراتن ہٕنز وبڑھنے کرٕ منز۔سُہ چھُ ونان زِ سُے ادب چھُ اعلیٰ ییمہِ ذٕسی قاری یَس پیٹھ وجدٲنی کیفیتھ طٲری سپدِ تہٕ اَمہِ باپتھ چھُ ضروٗری زِ اَتھ منز گژھہِ رتبن تہٕ تھدٕبن جذبن کیو خیالن ہٕنز باوَتھ سپدٕنۍ آسنۍ۔سُہ چھُ یہِ تہِ مانان زِ چھرا رٕتی تہٕ تھدی جذبہٕ یا خیالے یاتی چھنہٕ کٲفی بلکہ چھےٚ بقولہٕ تٔسنْدِ ادبٕچ یہِ خوٗبی اٲسلوب تہٕ اندازِ بیانکین وَلن تہٕ خوٗبی یَن پیٹھ تہِ ڈٔرِتھ۔یانے بقولہٕ تٔسنْدِ چھےٚ رٕتہِ تہٕ اعلیٰ ادبہٕ باپتھ رٕتہِ اٲسلوبٕچ تہٕ رتبن جذبن کیو خیالن ہٕنز

عظیم ادبُک معیار چھُ سبلایم ادب ۔ بقولہِ تَہنٛد ادبٕچ ساری کھوتہٕ اہم خوصوصیتھ یَس قٲری یس متاثر کران چھےٚ ، چھےٚ ادبٕچ ارفعیت یانے Sublimity۔ یہِ خوٗبی چھےٚ ادبچن اہم خوٗصوٗصیوٗن ہٕنٛز جامع خوٗبی یتھ منٛز خیالن ہُنٛد شرف Noblity تہٕ اوٗسلوٗبُک جلال بطور جُزشامل آسان چھِ ۔ سبلایم لفظُک صحی مفہوم چھُ اکثر دٕہ یوانگریزی لفظوٗ سی واضے کرنہٕ یِوان ۔ یم چھِ تھٕزر Height تہٕ Elevation ۔ یانے مطلب چھُ یہ زِ عظیم ادب گوٚ ھہ بوزن یا پرن وٲلس تخیل تہٕ جذبٲتی تجربس بُلند ترین سطحس پیٹھ واتناوٕن ۔ اوے چھُ لان جائنس ونان زِ یتھ ہیوٗ ادب چھُ قٲری یَس پیٹھ وجدٲنی کیفیتھ طٲری کران ۔ لان جائنس سُنٛد یہِ ''سبلایم'' نظریہِ چھُ اکہِ حسابہٕ آنندوردھن سٕنٛدس ''دونہِ'' نظریس نکھہٕ باسان تِکیازِ آنند وردھن یتھ پٲٹھی عظیم ادبٕچ خوصوٗصیتھ امیک ''دونہِ'' تاثیر مانان چھُ تِتھے پٲٹھی چھُ لان جائنس اَمِچ عظمتھ سبلایم کِس گوٗنس منٛز وُچھان تہٕ دوشوٕنی نِش چھُ فن پارکس توٗثرس تہٕ قٲری یَس ہیوٗ ے دٕخل ۔

بہرحال یہِ بحث اوٚک طرف تھٲوِتھ ہرگاہ اَسی لان جائنس سٕنٛدِس نظرِیس وارٕ سنٛو یہِ کتھ سپدِ عیان زِ سبلایم تہٕ قٲری سٕنٛد توٗثرٕچ کتھ کرِتھ چھُ تمہِ تہِ ادبکبن جذبٲتی تہٕ تخیٖلی پہلوہن پیٹھ زور دیُتمت ۔ شاید چھِ امی سبہٕ

ؤسی قٲری متأثر سپدان چھُ ۔ اماپوٚز یہِ بحث چھُ اِشارٲتی ۔ ادٕچ یہِ خوٗبی زِ اَمہِ ؤسی چھےٚ قٲری یَس پٮ۪ٹھ وجدٲنی کٲفیتھ طٲری سپدان تہٕ یٮ۪ہے خوٗصوٗصیتھ چھےٚ اَمکہِ اعلیٰ تہٕ عظیم آہنٛگ شہدتھ ۔ یہِ معیار کوٚر گوڈنچہِ لٹہِ لان جاینسن قٲیم تہٕ یٮ۪ہے چھےٚ تَسُند نظریچ پھیرٕ ہاوخوٗبی تہِ ۔

امہِ علاوٕ کوٚر لان جاینسن یہِ نوقطہ نظرتہِ زور دِتھ پیش زِ ادبی بحثہٕ باپتھ چھِ أدیب، ادب تہٕ قٲری ترٛیشوٕے جُز اہم ۔ اعلا ادبُک خٲلق ہیٚکہِ بقولہِ تَسُند سُے تخلیق کارٕنتھ یٚمی ہٕندی خیال تُھدی آسن ۔ جذبن ہٕنٛزٕ شدٕت علاوٕ گژھہِ تَس زبان بیانٕکس ورتاوس پٮ۪ٹھ تہِ ماہرانہٕ تھپھ آسٕنۍ ۔

عظیم ادبُک قدرٕ قیمتھ سرٕ کھرٕ کرنہٕ باپتھ چھُ سُہ ادیب سٕنٛزٕ اِخلاقی جذبٲتی تہٕ ذہنی صلاحیژن تہٕ قٲبلیژن ہنٛزِ کارفرمٲیی اہمیتھ دِوان ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ فن کارسٕنٛزن فنی صلاحیژن یانے فن پارُک اُسلوٗب، طرزِ ادا تہٕ ترکیب بٔندی بیترِ تہِ مدِ نظر تھاوان تہٕ اَتھ سٟتۍ چھُ تتھ توژرس تہِ فن کار تہٕ فن پارچہِ کامیٲبی خٲطرٕ ضروٗری مانان یُس قٲری یَس پٮ۪ٹھ پیوان چھُ ۔

بقولہِ تَسنٛد گژھہِ اعلا ادب قٲری یَس پھِری پھِری پرنہٕ باپتھ پانس کُن رٲغِب کرنس سٟتۍ سٟتۍ متأثر تہِ کرُن ہرگاہ کُنہِ ادب پارٕچ یہِ خوٗبی زبان تہٕ علاقٲیی حدن ہنٛزٕ بنہٕ بٔندی ہٕندۍ ڈٲری تہِ مسمار کرِ تیٚلہِ چھُ پزۍ یہِ سبلایم ادب ۔

تِمۍ کُنہٕ تہٕ ادب پارچہٕ عظمتہٕ باپتھ کینٛہہ کتھہٕ ضرۄری مانہٕ ەژ۔ یِمن منٛز چھُ تِمہٕ ادب پارُک مقبۄلیہٕ دوام تہٕ قبوٗلِ عام آسن تہٕ سُہ تِمہٕ کہِ سبلائیم یا عظیم آئینٛج شہد تھ گنٛزران۔ مون زِقبوٗلہٕ عام ہیکہٕ باضے اَکھ ذٔری یہٕ شناخت أسِتھ۔ وون گو ادبُک قدر قیمتھ سرِ کھر کرنٕکۍ گۄڈن بییہٕ تہٕ تِتھۍ کینٛہہ اوٗصوٗل آسنۍ یم قبوٗلہٕ عام پڑوانہٕ برونٛہہ کُنہٕ ادب پارس پرکھاوِتھ ہیکن۔ تکیازِ مستقل مقبوٗلیت چھےٚ کُنہٕ تہٕ فن پارس واریاہہ کالٕکۍ حاصل سپدان۔

لان جائنس پٮ۪ٹھ چھُ یہٕ اعتراض تہٕ کرنہٕ یوان زِ سُہ چھُ ادبی توٗثرس متلق وجدٕکس معاملس منٛز زیادٕ شدت پسند۔ تِسنٛز رومائی اندازِ نظر چھےٚ تخلیق تہٕ قٲری دۄشوٕنی ہنٛزِ جذبٲتی شدٕ ژأکرہے سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ وُچھان۔ یَتھ متلق اِختلافٕچ گنجٲیش چھےٚ۔ أدیب تہٕ قٲری دۄشوٕے أکرہے جذبٲتی سوٗتھرِس پٮ۪ٹھ زانٛنۍ چھُ بحث طلب موضوٗع۔ تکیازِ ہرگاہ وُچھو سٲری لۄکھ نہٕ چھِ اکی انمانہٕ تہٕ اندازٕ سوٗنچان تہٕ نہٕ چھِ اکی مزازٕکۍ آسان۔ یِتہٕ چھُ پزرزِ کانٛہہ تہٕ ادبی تخلیق چھےٚ نہٕ مختلف قٲری یِن یکسان پٲٹھۍ متاثر کران تکیازِ قٲری یِن ہنٛزِ اِنفرأدی توٗژھ تہٕ بٔژ چھےٚ وکھرٕ وکھرٕ آسان۔ دۄیم کتھ چھےٚ یِتہٕ زِ پرٕتھ دورٕکین تہٕ دیشہٕ کین لۄکن ہُند جذبٲتی رٕوِی یہٕ چھُ کُنہٕ حدس تام تِمہٕ دورکین تہٕ دیشہٕ کین مخصوص حالاتن تابع آسان۔ یہٕ پزر نظرتل تھاوِتھ تہٕ چھےٚ نہٕ لان جائنس سنٛز یکسان توٗثرٕچ کتھ ہتھ فیصد صحی باسان۔

تس کینہٕ عاؔلم گوڈنیُک رومانٔی نقاد مانان۔ تِہُنٛد وُنُن چھُ زِ تمہِ وِزِ گوڈنچہِ لٹہِ پزٕلنہٕ بلاغتی تصوٗر بدلہٕ جذبس تہٕ تخیلس ژٕر اہمیتھ۔ یِہ کتھ چھُ شاید پزٕتھ کانٛہہ ادبی عاؔلم زانان زِ افلاطوٗنس تہٕ ارسطوٗہس پتہٕ آو کیٛژٕون ہٕتلبن فن بلاغتس پیٹھ پزٕنہٕ پیٹھی زور دِنہٕ۔ اَتھ دوران آیہِ ادبس منٛز فنی پوٚختگی پزٕ وانہٕ باپتھ قاعدٕ تہٕ فارموٗلا مرتب کرنہٕ۔ یِمن بناوٹی اُصولن نِش اِنحراف کرُن اُس فنی کوتاہی مانہٕ یِوان۔ یِتھہٕ پاٹھی اوس ادب تہِ اَکھ علمی یا اِکتسأبی چیز موٗژٕیومُت یَتھ منٛز فقط ہیچھنہٕ تہٕ ہیچھناونہٕ ستی مہارتھ تہٕ کمال پزٕاوُن ممکن مانہٕ یِوان اوس۔ اَتھی کلاسکیٖ خلاف آیہِ پتہٕ شدید ردِ عملہٕ کہِ نتیجہٕ رومانیت تحریک بارس۔ یِہ سورُے کینٛہہ سپُد لان جائنسس وار یاہ پتہٕ۔ مگر تمہِ اُسی اَمہِ برونٛہہ ہتہٕ ؤدی ؤری یِہ اَتھ بلاغتھ زد قاعدٕ پرستی خلاف، ادبٕچ ماہیت، امیُک منصب تہٕ اَمِکس توٗرس متلق تِتھی خیال پیش کٔری متی یَتھ منٛز توٗرس تہٕ جذبس ژٕر اہمیتھ دِنہٕ آمٕژ اُس۔ یِتھہٕ پاٹھی ہرگاہ تس گوڈنیُک توثرأتی یا رومانٔی نقاد وَنو غلط گژھہِ نہٕ۔ وٕوں گوتمی کوٚرنہٕ طرز بلاغتھ تہِ مُلے رد۔ پزٕر چھُ یِہ زِ تمہِ اَنٛی بلاغتکی خطیبانہٕ وسأیل تہٕ شأعری ہُنٛد جذبأتی اثاثہٕ اَکھأ اَکِس نکھہٕ تہٕ ادبی مطالعہٕ باپتھ کٔڈن اَکھٕوٕ وَتھ نٔی۔

لان جائنس سٕنٛدِس نظریہِ فکرس ستی آوتس پتہٕ کیٛژٕن ادبی عالمن ہٕنٛدِ ڈٕسی اختلاف کرنہٕ۔ مثلن شأعری ہندس سبلائیم کِس بخشس منٛز چھے

# سِڈنی:

## شاعری ہنٛدِس حمایتس منٛز

سِڈنی چھُ پننہِ وقتُک نہٕ صرِف اکھ کامیاب شاعر بلکہِ اکھ اہم نقادتہِ اوسمُت۔ پزٕ رچھُ یہِ زِ تسنٛز اہمیتھ چھےٚ پننو شارٕ کارٕ ناموٚکھوتہٕ تسٛندِ ادبی تنقیدٕ موٗجب زیادٕ پہن۔ شُرٲہمہِ صدی ہُندیہِ نقاد گُذریو و 1586 تس منٛز۔ اہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ آیہِ اہنٛز تصنیف( An apologie for poesie)مارکس منٛز یَس اہنٛدبن ادبی نظریاتن بروٗٹھہ کُن انان چھےٚ۔ شُرٲہمہِ صدی دوران گری لتہِ چہِ ''پیوٗرٹن'' جماژ شاعری پٮ۪ٹھ مختلف اعتراض یمو شاعری متعلق مختلف اندیشہِ پادٕ گری۔ سِڈنی ین گرٕ پننہٕ یہِ تصنیف یمنےٚ اعتراضن ہندس جوابس منٛز پیش۔ امہِ ستی دیُت نہ صرِف تمہِ یمن اعتراض ہُند جوابے یوت بلکہِ کوٗرن شاعری ہنٛدِ بچاوٕ باپتھ جوازتہِ

بقولہِ لان جاینس چھےٚ اعلا أدبہٕ سٕند باپتھ باطنی پاکیزگی اَکھ لازمی شرط۔ تکیازِ پاکیزٕ شخصیژ نشی ہیکن پاکیزٕ رٕتی خیال تہٕ شودی تہٕ شروٗژی جذبہٕ ووپدتھ۔ کینہہ عالم چھِ اَتھ افلاطوٗن سُند ٹاکارٕ اثر مانان۔

أدیب تہٕ ادبس متلق یِتھی ہوی خیال چھِ بییہ تہِ مختلف شاعرو تہٕ عالمو باوی متی۔ لان جاینسن بروٗنہہ تہِ تہٕ تس پتہٕ تہِ۔ مشرقی تنقیدس منز تہِ چھُ کُنہِ کُنہِ یِتھین خیالن ہنز عکاسی سپز مژ۔ ''چہار مقالہ نظامی عروضی'' یَس منز تہِ چھےٚ شاعرٕ سندین اوصافن متلق یژھے رائے دِنہٕ آمژ۔ مون زِ لان جاینس سٕندس اِخلاقی احساس یژھنہٕ کانہہ تہِ انکار کرُن تکیازِ یہِ چھےٚ نیکی ہنز کتھ تہٕ نیکی ہنز کتھ یِتھہٕ پاٹھی تہٕ یٚیمہِ ساتہ تہِ کرنہٕ ییہ اَمچ پرٕ تحسین کرٕنی۔ اماپوٚ زرٕ حانی پاکیزگی سرٕ کھرٕ کرٕنی چھُ اَکھ پچیدٕ مسلہٕ۔ تہٕ ہرگاہ یہِ جدید نفسیاتی علمہِ حسابہٕ چھکاونہٕ یہمو تیلہِ چھُ بس خدایی حافظ۔ ادبک غار شخصی نظریہِ تہِ چھُ لان جاینس سٕندس اَتھ خیالس بحث طلب بناوان۔

یِمو کینژو واعتراضو باوجوٗد تہِ چھُ لان جاینسن ادبی تنقیدِ کِس تواریخس منز پٔنُن اَکھ مقام۔ تَس چھےٚ ادبی تنقیدتہٕ جمالیاتکس تواریخس منز یہِ اہمیتھ زِ کر بنوو شاعرانہٕ تخیل تہٕ تواز ادبی بحثک موضوٗع۔

سِڈٕ ٲنی یَس نِش چھےٚ نہٕ شاعری چھِ علم تہٕ زانکٲری یا واقاتن ہُند بیان تہٕ نہٕ چھےٚ خیالن ہنٛز باوتھکٲری یوت شاعری ہنٛز کام۔ بلکہٕ چھُ اَتھ منٛز جذبن ہُند وٕشنیر تہٕ تخیلُک اختراع تہٕ اہم۔ یمہٕ سٕتی چھُ کُنہٕ واقہٕ کس بیانس منٛز دٕلیلہٕ ہُند رنگ یِوان۔ سِڈٕ ٲنی چھُ ونان زِ شاعری چھےٚ نہٕ محض وزن تہٕ قافیِک ناو بلکہٕ چھُ اَمہٕ باپتھ اَکھ مخصوٗص انداز بیان تہٕ آہنگ آسُن ضروٗری یُس نثرس منٛز تہٕ، وو تلاونہٕ یِیہٕ۔

سِڈٕ ٲنی سُند وَنُن چھُ زِ شاعری ہیکہٕ مورخس تہٕ درکار ٲستھ، یانے سُہ ہیکہٕ شاعرانہٕ اِختراع دِٕسی واقاتھ تتھہٕ پٲٹھۍ بیان کٔرتھ زِ تِمن کھسہٕ افسانوی مُل مایہٕ یِیمہٕ سٕتی یِم واقہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ قابلِ قبوٗل بٔنتھ ہیکن تہٕ ہرگاہ لکھٲری پُر جوش تہٕ پُر اثر طرزِ بیان پانناوِ اَمہٕ سٕتی ہیکن تواریخی واقاتن ہٕندی بیان تہٕ زیادٕ دِلچسپ تہٕ دِلکش بٔنتھ۔ بقولہٕ تٔہندِ چھےٚ نہٕ شاعری محض تُک بٔندی بلکہٕ چھےٚ یہٕ تخلیق کٲری ہنٛز تہٕ ایجادٕچ عمل۔

سِڈٕ ٲنی یَن کوٚر نہٕ افلاطوٗن یا ارسطو سٕندِس تصورِ نقلس سٕتی اِتفاق۔ تَس نِش تہٕ چھےٚ شاعری نقل مگر یہٕ نقل چھنہٕ افلاطوٗن نہٕ نظریک "نقل"۔ سِڈٕ ٲنی چھُ شاعر سٕنٛز اہم کام کُنہٕ چیزکہٕ تصورٕچ بازافرینی مانان۔ نقالی ہنٛز کام چھےٚ قٲری یَس یُس اَتھ تصورس پننس ذٕہنس منٛز ٹھوس تہٕ مُجسم شکل دِوان چھُ۔ تٔہندِ خیالہٕ موٗجب چھنہٕ اسہٕ شاعر

پیش۔ یتھِ پاٹھی کٔرتُمو شاعری ہنٛز وکالتھ۔ شاعری ہِنٛدِس بچاوس منٛز یِہ کینٛہہ ھاسِڈنؠ یِن وۄن تتھ منٛز چھِ یِم کینٛہہ نوقطہ اہم۔

۱۔ تُمی کٔر شاعری فلسفہٕ تہٕ تواریخہٕ ستی مربوٗط۔

۲۔ ارسطوٗ سٕنٛدِ نظریہِ نقلہٕ بدلہٕ دیُت تُمی ''جہانِ خوٗب ترُک تصور''۔

۳۔ اعلیٰ اندازِ بیان، اسلوٗب تہٕ خیال افروزی تاثیرکِ ذٔری یِہ قرار دِتھ کوٗرُن جان شاعری ہُنٛد اَکھ معیار قایم۔

۴۔ تُمی دیُت شاعری ہُنٛد مقصد تہٕ مُدا اخلاقِ آموزی قرار۔

سِڈنؠ چُھ شاعری اَکھ قدیم اِنسانی عمل مانان تہٕ بقولہِ تَسنٛدِ چھےٚ اَمِچ قدامتھ اَمکہِ جوازٕ باپتھ کافی۔ پرٛتھ دوٗرک اِنسان چھُ اَتھ کُن متوجہ سپُدمُت تہٕ تَسنٛدی کنہِ چھُ یوہے یِیمہِ پرٛزُک اہم ثبوٗتھ زِ شاعری چھےٚ آدمی فطرتس منٛز۔ یانے شاعری چھےٚ اِنسانی فطرتُک تقاضہٕ تہٕ اَمکس جوازس منٛز چھےٚ یِہ اہم دٔلیل۔

سِڈنؠ یَس نِش چھےٚ شاعری اَکھ تہذیبی تہٕ اصلاحی سلسلہٕ عمل۔ اَمچ لگہأری چھےٚ یِیمہِ حقیقژ ذٔسی تہٕ عیان سپدان زِ قدیم ترٛین مورِخ تہٕ عالِم تہٕ اٗسی پننِ باوژِ سیلہٕ شاعری ہی بناوان۔ بقولہِ سِڈنؠ چھےٚ شاعری تواریخکِن تاریک دورن منٛز گاشُک کام دِژھمٕژ تہٕ اَمہِ ذٔسی چھےٚ مختلف عِلمن ہنٛز پروٗرِش مُمکِن سپزمٕژ۔

تخلیق کرُن آسُن ۔ یِتھہٕ پأٹھۍ چھُ سِڈٕنۍ، افلاطوٗنَن ہِنٛدِس مثأ لی دُنیا کِس تصورس تسلیم کران ۔ یٚو دوَے یہِ افلاطوٗن ہِنٛدِ مثأ لی دُنیا نِشہِ بِدوٚنے چھُ اما پوٚ زیہِ مماثلتھ چھےٚ توجہ طلب۔

یٚو دوے وُچھو سِڈٕنۍ سُنٛد نظریہِ چھُ مثأ لی تہِ تہٕ اخلأقی تہِ ۔ مثأ لی نِش چھُ مطلب زِ سُہ چھُنہٕ شأعری ہُنٛد مقصد تہِ ہاوُن یا باوُن مانان ''یہِ کیٛتھۍ ہا چھُ'' بلکہِ چھےٚ شأعرٕ سٕنٛز کأم تہِ ہاوُن ''یہِ کیٛتھۍ ہا آسُن گوٚژھ''۔ توأرٛیخس متعلق چھُ سِڈٕنۍ یَس یہِ اعتراض زِ اَتھ منٛز چھِ باضے بدکردار شخصن ہنٛز فتح تہٕ کامرأنی ہنٛز بیان بأزی آسان یٚمہِ موٗجُب یہِ نیکی تہٕ اصلُک مقصد پوٗرٕ کران چھےٚ نہٕ ۔ اَتھ برعکس چھُ شأعری ہُنٛد دُنیا وکھرٕ ۔ یِمن جان نثارن، وَلہٕ وِیرَن، وطن پرستن یا نازنیٖن شأعرَو پننہِ فنہٕ ستۍ زَنٛم دیُتمت چھُ تِہنٛز مثال چھےٚ نہٕ دُنیاہس منٛز کُنہِ تہِ میلان ۔ یِم سأری چھِ مثأ لی کردار تہٕ شأعری ہنٛدٕ بن یِمن مثأ لی کردارن ہنٛز تخلیق کأری کرِتھ چھےٚ اکہِ طرفہٕ اِنسأنی اوٗصوٗلن ہنٛز پأروی اتہِ سپز ہٕ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ چھےٚ شأعرَ وفطرٕ ژہنٛدٕ بن بہترین نوٚمونَن منٛز پننین تخلیقی نوٚمونَن ہُنٛد تہِ ہُر بر کوٚرمُت ۔ امیُک مطلب چھُ یتہِ زِ سِڈٕنۍ چھُ صاف وَنان زِ شأعری یا فن ہیٚکہِ تیٚلی اعلیٰ آسِتھ یٚلہ امہِ ذٕسۍ نیکی تہٕ اخلاقس پوچھر میلہِ تہٕ تَس چھےٚ مورخن ستۍ أتھۍ اِخلأقی بُنیأ زپیٹھ شکایتھ زِ تِہنٛز توأریخ نِگأری

پنٕنہِ قوت تخیُلہٕ ڈسی کُنہٕ حقیقژنش زانٛنی یاب کران بٔلکہِ چھُ سُہ اَسہِ حقیقژ ہُنٛد نعم البدلہٕ نِشہٕ آگاہ کران ۔ اَمہِ حسابہٕ چھُ شاعر مورخہٕ یا فلسفی ہِنٛدِ کھوتہٕ سرس ۔ تِکیازِ مورِخ چھُ یُوٚپاٹھی مثالن ہُنٛد دیولنہٕ تہٕ فلسفی چھُ اُصولن منٛز گرِفتار ۔ فلسفی چھُ اُصوٗلن ہِنٛدی وتہٕ پٔدی مٲنِتھ اِسرارن موزن منٛز رٲوِتھ عام لوٗکن نِشہِ دوٗر سپدان ۔ مورخ تہِ چھُ حالاتن ہُنٛد جایِزٕ واقاتن ہِنٛزِ روشنی منٛزے ہاوان تہٕ ہرگاہ توٚارِیخس تہٕ فلسفس منٛز کانٛہہ چیز آہنگ وٕتلاوِتھ ہیکہِ تہٕ سو چھےٚ بقولہِ سِڈنی فقط شاعری ۔ یُہے ہیکہِ حقیقژ تہٕ تخلیقی اُڈرنہٕ ستی تصویرِ کٕڈِتھ دوشوے روح برونٛہہ کُن اَنِتھ ۔ ارسطوٗ ہِنٛدِس تصورِ نقلس تہٕ سِڈنی ہِنٛدِس تصورِ نقلس چھُ یوہے اہم پھیر ۔ ہرگاہ وُچھو افلاطوٗن تہٕ ارسطوٗ سُنٛد نظریہٕ نقل نہٕ مٲنِتھ تہِ چھُ سِڈنی نقلُک تصور بیٛہ اَنمانہٕ تسلیم کران ۔ بقولہِ تٔمِسنٛدِ چھےٚ نقلُچ کٲم شاعر ہِنٛدِ بجایہِ قٲری سنٛز کٲم تِکیازِ شاعر سنٛز کٲم چھےٚ اکھ نٔو دُنیا تخلیق کرُن نہٕ کہ موجوٗدٕ دُنیا لفظن منٛز عکس بند کرُن ۔ چنانچہِ شاعر یُس نٔو دُنیا تخلیق کران چھُ ، قٲری سنٛز کٲم چھےٚ اَمیُک نقل تہٕ تقلید کرُن ۔

شاعر یُس نٔو دُنیا تخلیق کران چھُ یہِ چھُ تیٚتھ یُس یِیمہِ جہانِ فٲنی کھوتہٕ لوبہٕ وُن تہٕ برتر آسان چھُ ۔ یانے شاعر سنٛز کٲم چھےٚ نہٕ تخیلُک اچھوٗتتھ تہٕ اَنی مٲنی ورتاوُ بلکہِ گوٚژھہِ اَمیُک مقصد تہٕ مُدا ’’جہاں خوب تر‘‘

شاعرانہٕ بیانٕس منز چھُ سہٕ مواد علاوٕ، اَچھ یِنتھ تہٕ طرزِ ادا تہٕ شامل کران۔

یہِ وُنن زِ سِڈنی یَن کوٚر افلاطوٗن تہٕ ارسطوٗہٕند بن خیالن ردٕ کرتھ نوٚو نظریہ پیش چھُ نہٕ صحی۔ بٔلکہِ کوٚر تٔمی کیٚنژن حدس تام یِہند بن خیالن نِش استفادٕ۔ مگر یتہِ چھُ صحی زِ تٔمی کٔری یِہٕندی تصور پننہِ زمانٕکو حالاتو مطابق اکہِ وَکھرٕ نوقطہ نظرٕ نوسرٕ مُرتب۔ یتھہِ پأٹھی بنیو یہِ نوقطہ نظر اصلہٕ نِشہِ مختلف۔ کُنہ کُنہ کوٚر تٔمی ارسطوٗہٕند بن خیالن بٔرژرتہٕ۔ مثلن ادب پارٕکس توثرس متعلق چھُ دوشوٕنی ہٕند بن خیالن منز الہِ پلہٕ اکھ ہشر ہیوٚ باسان۔ ارسطوٗہٕندِ موجب چھِ ٹریجڈی ہنز اثر آفرینی ہٕندی زٕ اہم ذٔریعہِ اول سہٕ ڈرامأیی صوٗرتِ حال یتھ منز خوف تہٕ رحمکی جذبہٕ ووتلان چھِ تہٕ دوٚیم جمالیأتی عُنصر یتھ منز ادب پارٕچ ہیٔتھ تہٕ ترکیب ترتیٖبک حُسن شامل چھُ۔ سِڈنی تہِ چھُ قٲری یَس متأثر کرنٕکی عنصر مدِ نظر تھأوِتھ امہِ باپتھ پُر اثر انداز بیان، اوٚسلوٗب کیو ہیٔتھ ضروٗری سمجھان۔ تِہٕندی کنی گوٚژھہِ اوٚسلوٗب زُو زبہٕ وول آسُن۔ پننہِ زمانکی کیٚنژہ شاعر چھِنہٕ تس یِیمہ موجب پسند تِکیازِ تِہُند کلام چھُس لیوٚ ژنہٕ اخو شکھ تہٕ قوتِ بیان رٕوس باسان۔

ارسطوٗ تہٕ سِڈنی دوشوٕنی ہٕند بن نوقطہ نظرن منز چھُ یہِ پھیر اہم زِ ارسطوٗ چھُنہٕ شاعری منز کذبہٕ کِس عنصرس تسلیم کران مگر سِڈنی چھُ پننہِ زمانکین شاعری مُخالف عالمن ہٕندِ ضدِ فرضیت شاعری ہُند اکھ گون

چھےٚ تہٕ پرٛن والین اخلاقی طور بہتر بناوان تِکیازِ تم چھِ پھِری پھِری اپزٕس پُزٕس مقابلہٕ فاتح ہاوان تہٕ یہِ چھُنہٕ نیکی پھالاونک رُت طریقہٕ۔ سِڈنی یَس نِش چھُ شاعرُنٛد دُنیاسہٕ برترتہٕ اعلیٰ دُنیا۔ یتھ منٛز نیکی تہٕ صرف نیکی سورخروٗ وسپدِ نیٚ گژھہِ تہٕ اپُز شکست پذیر۔

ارسطوہٕنٛدِس نظریَس منٛز چھےٚ ''اغلبیت'' اہم مگر سِڈنی سُند خیال چھُ امہِ نِشہِ بدون۔ تَس نِش چھےٚ باوتھ تخلیقی نوٚی عتھ۔ اَتھ برعکس چھُ ارسطوسُنٛد اِظہار عام اِنسانی یا تمدُنی تجربَس متعلق۔ حقیقژ ہنٛز کتھ کران چھُ سِڈنی ونان زِ شاعری منٛز گژھہِ حقیقژ ہنٛز باوتھ شاعرانہٕ انداز سٕ منٛز سپدٕنی۔ بقولہٕ تَسٕنٛدِ ہیکہِ اَکھ مورِخ تہٕ شاعر بٔنتھ ہرگاہ تَسٛند اندازِ بیان شاعرانہٕ آسہِ تہٕ اَکھ فلسفی تہِ ہیکہِ شاعری ذٕسی حقائق ذٕلیلو تہٕ حکایژ وذٕسی اثر آموز بناوِتھ۔ ہرگاہ کانہہ مورخ واقاتھ یِیمہِ آیہ مرتب کرِ زِ اَتھ منٛز یِیہِ ''کیا گوٚژھہ آسُن'' یا کیا گوٚژھہ سپدُن''۔ ہیوٚ رنٛگ تتھ تہٕ ہیکو شاعری وٕنتھ۔ ووٚن گو اندازِ بیان گوٚژھس لازمی پُرتاثیر آسُن۔ تِکیازِ سِڈنی یَس نِش چھُ ادبی تاثیرٕ اِخلاقی اِصلاح تہٕ اخلاقی درسُک اَکھ موثر ذٕریعہٕ۔ سُہ چھُ المیہِ، کامیڈی تہٕ طنزیہِ ادبُک امی معیارِ تجزیہِ کران۔ یانے مثالی تہٕ اخلاقی تصور باوجودتہٕ چھُ سُہ شاعرانہٕ باوژ پٹھ زور دِوان یِیمہِ ستی قاری ہنٛدس وونٛدس منٛز تہِ احساسچ اَکھ لہر ووپدان چھےٚ۔

# رچرڈس: میلا ناتن ہُنٛد نظریہِ، اَکھ سام

جدید تنقیدس منٛز چھُ آے۔ اے۔ رچرڈس خاص اہم۔ تٔمۍ سنٛدی تنقیدی نظرین کٔری نہٕ ادبس ستۍ دِلچسپی تھاون وٲلی لۆکھٕے متاثر یُتاہ تٔمۍ سنٛدی تنقیدی طریقہٕ کارن کٔرۍ۔ اۆہنٛدِ سائنسی طریقہٕ کارٕ دٔسی سپدی اۆہنٛدی مُخالف تام مُتاثر۔ اۆمۍ دیُت ہاۆتھ زِ سائنی طریقہ کارٕ دٔسی ہیٚکو اۆسۍ ادبی تجربہٕ کِس معالس منٛز سبٹھاہ کامیابی پژاۆتھ یانے زِ ادبچ موٲلکون اَمہِ آیہِ کرنہٕ ستۍ ہیٚکو اۆسۍ ناقابل تردید نٔتیجن تام وٲتِتھ۔ رچرڈس سُند بجر چھُ یہِ زِ تِمۍ کۆر تنقید علمہٕ چن تِمن لنجن ستۍ وابستہٕ یِمن منٛز سائنسی طریقہٕ کار ورتاونہٕ یِوان چھُ۔ اۆمۍ دیُت ادبی تنقید باپتھ نفسیاتی عِلم ستۍ ضرۆری قرار۔ تٔمۍ سنٛدی کِنۍ چھُ تنقیدُک سورُے دار مدار نفس اِنسانی کِس مطالس پیٹھ۔ بقولہِ تٔمۍ سنٛدِ چھُ جمالیاتی تجربہٕ ملہٕ تلہٕ نفسِ اِنسانی پٔچی اَکھ عمل تہٕ یہِ تجربہٕ ہیٚکو نہٕ باقے اِنسانی تجربونشہِ ژھٔنہٕ کٔرِتھ۔ لہاذا ایُس

مانان۔ تِمۍ دیُت کذب اخلاقی تہٕ فنی وجوہاتو کِنۍ جایِز قرار۔ بقولہِ تِہندِ ہیکہِ شاعِر اَپُز تہٕ غارٕ حقیقی کتھ تہِ جان تہٕ مُفید آسِتھ ہاوِتھ بشرطیکہِ امیُک ورتاو آسِہِ تمثیلی انداز اخلاقی اُصوٗل ہیچھناونہٕ باپتھ کرنہٕ آمُت۔ تِہندی کِنۍ ہیکن فرضی تہٕ غارٕ حقیقی کتھہٕ دانِش کہِ درسہٕ تہٕ اِبلاغہٕ باپتھ مُفید وٗسیلہٕ بنِتھ۔ مگر ارسطو سُند نظریہِ چھُ اَتھ برعکس۔ تِہندی کِنۍ چھِ پزرس زٕ روخ۔ اَکھ خاص تیٚمِچ باوَتھ کارِی توارِیخ کام چھےٚ تہٕ دوٚیِم عام یُس انسانی تجربن ہِندس صوٗرتس منٛز باوَتھ لبان چھُ۔ دوٚیِم چھُ ارسطو ہِندِ موٗجُب حقیقتھ باونُک برتر طریقہٕ۔ عیان چھُ زِ اَتہِ چھےٚ نہٕ فرضیتس کانٛہہ تہِ جاے تہٕ نَہ اہمیتھ۔

سِڈنی ہِندی بیشتر نوقط چھِ نہٕ أزی کیٚن نقادن قوٗبوٗل۔ تہِ گۄڈ تہِ چھےٚ تَس یِہِ اہمیتھ زِ تِمۍ تھوٚو وسطی دورس منٛز شاعری زِندہٕ روزنُک حق آسِتھ۔ تَن تہٕ شاعِری ہِندِ بن مُخالفن بروٗنہہ کُنہِ گرن شاعِری ہنٛز اِفادِیتھ تہٕ لگہاری جواز سان پیش۔



لگان چھُ۔

بقولہِ رچرڈسؔ چھےٚ انسانٔی شخصیتھ میلا ناتن ہُنٛد اَکھ مجموعہ تہٕ لوکچارٕ پتٕھہٕ بالغ سپدنس تام چھُ یہِ میلانٲتی نظام زٕتۍ ے کرٛ ژھۍ تۍ اوان یانے اَتھ منٛز چھےٚ وقتہٕ وقتہٕ تجدید سپدان۔ اَکھ بالغ فرد چھُ بے شمار میلا ناتن ہُنٛد مجموعہ۔ یِمو منٛز کینٛہہ اہم تہٕ کینٛہہ غٲر اہم چھِ تہٕ کینٛہہ مکمل تہٕ کینٛہہ پیچید ہِ کیو ہِ کنۍ نامکمل چھِ۔ شاعری ہنٛز کام چھےٚ یِمنے نامکمل تہٕ پیچیدٕ میلا ناتن متأثر کرن۔ شعرٕ تاثرچھُ یِہندِس توازنس خلل کران تہٕ پتہٕ یِمن منٛز اکھ نوٚ ترتیب وۄتلاوان۔

ظٲہر چھُ زِ شاعرانہٕ تجربٕچ اِفادیتھ چھےٚ میلا ناتن منٛز توازن تہٕ اعتدال پٲدٕ کرُن۔ یانے أسی چھِ کانٛہہ مخصوٗص نظم امہِ سببہٕ پران تِکیازِ اَسہِ چھےٚ اَتھ ستۍ دلچسپی آسان۔ دوٚ یِمن لفظن منٛز وَنو زِ سائنٛس نفسیاتس منٛز چھُ کانٛہہ میلا نات پنٕنہِ رودمُت توازُن پرٛاوٕنچ کوٗشش کران۔

بقولہِ رچرڈسؔ چھِ شعر تجربس منٛز عقلی کنہٕ جذبأتی ذہنی جو یہِ موٚجوٗد۔ لفظن تہٕ الفاظن ہُنٛد مانہِ مفہوم زانُن تہٕ وُبۄ ھناوُن چھُ عقلی جویہِ ہنٛز موجوٗدگی ہنٛز ٹاکارٕ شہادتھ تہٕ شعرٕ تجربُن ہُنٛد اَکھ وسیع پہلو چھُ ہیجانات تہٕ رٔوی یوٚ ذٕسۍ مرکب آسان۔ ہیجانات گٔیہِ تِم نفسیأتی ردِ عمل یِم پانس ستۍ جسمأنی تبدیلی یِہ تہ انان چھِ۔ رٔوی یہِ چھِ تِم جذبہٕ یِم اَسہِ اکہِ نہٕ پیٚیہ

عٲلم باقے انسٲنی تجربن ہُنٛد مطالعہٕ کرنہٕ باپتھ ورتاونہٕ یِوان چھُ سُے ہکون جماکیٚاتی تجربہٕ پرکھاونہٕ باپتھ تہٕ ورتاوِتھ یہٕ عٲلم چھُ تس نفسیاتھ۔ شاعری متلق کوٚر رچرڈسن دوٚن اہم سوالن پیٹھ بحث۔

ا۔شاعری کیا چھے؟

۲۔اَمِچ اہمیتھ کیا چھے

یمو منٛز چھِ دوٚیم سوال تیٚتھ زِ یمی صٔد یو پیٹھ مختلف نقادن تہٕ عالمن ہُنٛد ذہن آوٗرمُت چھُ اما پوٗز اَمِہ سوالُک جواب چھُ تیٚلی ممکن زِ یِیلہِ اَسی گوڈنکِس سوال گوڈٕ جواب دِمو۔ یانے شاعری ہُنٛد قدر قیمتھ یِیہِ تیٚلی مولناونہٕ یِیلہِ اَمِچ ماہیژ تہٕ وجوٗدس منٛز یِنہٕ کِنِہ محرکاتن ہُنٛد انداز آسہِ۔ اما پوٗز اَتھ متلق چھُنہٕ ازتام تہِ کانٛہہ اَکھ تہٕ شبقہٕ جواب پیش کرنہٕ آمُت۔

شاعری ہنٛز ماہیژ متلق کوٚر گوڈٕ رچرڈسن پنُن نفسیاتی نظریہِ پیش یتھ "نفسیاتی اِنسان دوستی" تہٕ وٕنتھ ہیکو۔ بقولہِ رچرڈس چھُ ذہن اَکھ تیٚتھ نظام اَکھ یُس مختلف میلاناتن تہٕ دلچسپی ین (Interst) ہُنٛد مرکب چھُ۔ یمو منٛز چھِ کیٚنٛہہ میلانات زیادٕ اہم تہٕ کیٚنٛہہ کم۔ زیادٕ اہم چھِ تم یِم دوٚیمن پیٹھ اثر انداز سپدان چھِ۔ بقولہِ رچرڈسن چھے پڑتھ کانٛہہ نوٚ ضروٗرتھ اَتھ نظامس غٲرمتوازن کران تہٕ یِم میلانات چھِ پڑتھ تِتھس موقس پیٹھ اَکھ نوٚ ترتیب پڑاوان یتھ توٚزنچ حالتھ پڑاونس منٛز کیٚنٛہہ وقتھ

تجربہٕ منظّم، مستحکم تہٕ اُستوار سپدان چھُ ۔ییلہِ قٲری اَتھ تخلیقہٕ پران چھُ یم الفاظ چھِ تِمنے میلانن وُتش دِوان یم شاعر ہٕندی اَسی تہٕ کینژہٕ کالہٕ باپتھ چھےٚ تس تہٕ شاعرٕ ہندس ہِوس صوٗرت حالس ستی بُتھی لاگے کرٕنی پوان۔

یہ اَس شاعری ہٕنز ماہیتھ۔ ووٚنی چھُ سوال ز، شاعری ہُند قدرٕ قیمتھ تہٕ اہمیتھ کیا چھےٚ۔ اَمہِ باپتھ پیٚو رچرڈس قدرن ہُند نظریہِ پیش کرُن۔ اَہندس اَتھ نظریس ہکو عام نظریہِ تہِ وَنتھ۔ عام ییمہِ موٗجب تکیازِ یہِ چھُ کُلہم اِنسانی عملن متلق۔ یہِ ذکر آیہِ برونٛہے کرنہٕ زِ بقولہِ رچرڈس چھُ اِنسانی ذہن میلاناتن ہِندِ اکہِ خاص ترتیبک تہٕ نظامُک ناو۔ یمن منز کینٛہہ اہم تہٕ کینٛہہ کم اہم چھِ۔ کُنہِ تہٕ شعرٕ تجربس پرکھاوٕنچ کھوٚٹ چھےٚ یہِ زِ سہ کتھ حدس تام چھُ ذہن کِس میلاناتن منز خلل پٲدٕ کرنہٕ پتہٕ توازُن پٲدٕ کرِتھ ہیکان۔ لازمی چھُ زِ سہ تجربہٕ آسہِ زیادٕ موٚلل یُس ذہنس منز مکمل توازُن پٲدٕ کرِ۔ بقولہِ رچرڈس چھےٚ مکمل زندگی سوے ییتھ منز زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ متوازن تہٕ مثبت میلانات کارفرما آسن۔ مگر چھرا میلاناتن ہُند ووتلُن چھےٚ نہٕ مکمل زندگی۔ اَمہِ باپتھ چھُ ضروری زِ یمن منز گژھہِ ٹکراو تہٕ تصادُم پٲدٕ سپدُن۔ دویمبن لفظن منز ہکو یتہٕ وَنتھ ز، شعرٕ تجربہٕ گژھہِ یُت منظّم آسُن زِ پرِتھ میلانس لگہِ زیادٕ وُتش تہٕ تمہِ پتہٕ ووتلہِ اتھ منز توازُن تہِ۔

بقولہِ رچرڈس اَس پتھ کالہٕ فردٕ ہندس ذہنس توازُن برقرار تھاوٕنچ

آیچہِ عملہِ باپتھ آمادٕ کران چھِ ۔ بامے سوٚ عمل روبہٕ عمل ییہِ یا نہٕ ییہِ تِکیازِ
امیٚک دارمدار چھُ مناسِب موقہٕ محل تہٕ ماحولچہِ ڈٕسی یا بی پیٹھ ۔ مثلن ییٚلہِ
کانٛہہ شخص کُنہِ عملہِ باپتھ مناسِب موقہٕ پزٲوان چھُنہٕ تسنٛزِ آمادگی چھےٚ روبہٕ
عمل ییٚنہٕ بجایہِ پوشیدٕ روزان۔ یا نے ییٚلہِ أسی اُسن یژھنہٕ باوجوٗد پٔنٛن
اُسن کھٔنٛچ کوٗشش کران چھِ أسی چھِنہٕ اسان مگر اَمہِ باوجوٗد تہِ چھےٚ اسنٛچ
آمادٕگی اَسہِ منٛز موجوٗد دیَس ژھیپتھ روزان چھِ ۔

لفظ ورتاوس متلق چھُ رچرڈس ونان زِ اَتھ منٛز چھنہٕ سائینسی تہٕ
منطقی میلان کارفرما آسان ۔ بٔلکہِ چھےٚ اَتھ منٛز جذبٲتی میلانن ہٕنٛز کارفرمٲیی
روزان۔ کُنہِ نظمہِ ہٕنٛدی لفظ چھِنہٕ اَسہِ اَمہِ سبہٕ متأثر کران زِ تِم چھِ کُنہِ منطقی
خیالچ باوَتھ کران ۔ بٔلکہِ چھِ تِم سانٮ۪ن میلانن پیٹھ اثر انداز سپدان ۔
بقولہِ رچرڈس چھُ شاعری ہٕنٛدِ قدرٕ قیمتُک غلط انداز لگاوُنُک یہِ اَکھ بوٚڑ وجہ
زِ اَتھ منٛز چھُ فکرِ پیٹھ زیادٕ زور دنہٕ یِوان تہٕ اگر أسی قٲری ہٕنٛدِ تجربہٕ بجایہِ
شاعرٕ سٕنٛدس تجربس للہِ کھوٚل کرٕ ویہِ کتھ سپدِ عیاں زِ فکرِ چھےٚ نہٕ تیوٗت اہم
جُز۔ شاعر چھنہٕ سائنس دان ہٕنٛدی پٲٹھی لفظہٕ ورتاوان۔ سُہ چھنہٕ مخصوٗص
الفاظن ہُنٛد ورتاو ییٚمہِ موٗجب تہٕ کران زِ تِم الفاظ چھِ کُنہِ خاص خیالکہِ منطقی
سلسلچ باوَتھ کران ۔ اَتھ برعکس چھِ الفاظ مخصوٗص میلانن زیرِ اثر أکِس
خاص ترتیبس تہٕ صوٗرژ منٛز شاعرٕ سٕنٛدِس شعورس منٛز یِوان ییٚمہِ ستی تسنٛد

شاعری ہنز اہمیتھ ہران۔

بہرحال موخصر پأٹھی چھُ رچرڈس سُند ادبی نظریس تہٕ تنقیدس یہِ دیُت زِ تمہِ أنی عٔلم نفسیاتھ تہٕ ادبی مطالعہٕ اَکھ أکس زیادٕ قریب۔ یوٚ دوے اَمہِ برونٹھہ تہٕ کینٛہہ ونفسیأتی عٲلم وادبی نظرین ستی دِلچسپی ہأوامہ پوٚز تمو کوٚر نہٕ عملی طورادب پرکھاونس منٛز پننہٕ تمن خیالن ہُند اِطلاق تہٕ وونی یم ادبی عٲلم اَتھ مسلس اَمہِ آیہِ دل دِوان اُسی تمن اُس نہٕ عٔلم نفسیاتچ تیُز سرٕ نی زان پیٚو اہ رچرڈسس اُسن ۔ اماپوٚز رچرڈسس اوس اَکھ مسلہٕ بتھہِ۔ یہِ زِ نفسیاتھ چھُ محض حالُک بیان تہٕ نزٕ معیار بنٛد یا معیار طلب فلسفہٕ۔ یانے یہِ عٔلم چھُ حقیقتن تمہِ آیہِ بیان کران یِمہِ آیہِ تم چھےٚ۔ یہِ چھنہٕ کُنہِ معیارٕ مطأبق پرکھاونچ کوٗشش کران۔ اَمہِ موٗجب اَمہِ ڈسی قدرن ہُند للہٕ کھوٚل کرن چھُ لامحال تِکیازِ تم چھےٚ معیار بنٛد آسان یا معیارن پیٹھ مبنی۔ رچرڈسن کٔر یہِ مشکل یتھ پأٹھی حل کرنچ کوٗشش۔ تمی بنأو قدرن ہنٛز تشریح ہِچ بُنی یادٕ عمل۔ تسٕندی کِنی چھےٚ قدرٕ سو ےیس کُنہِ میلانس تشفی کرِ۔ تسٕند وٕنن چھُ زِ سارے کھوتہٕ موٗلچ تہٕ اہم نفسیاتی کیفیتھ چھےٚ سو یس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ میلاناتن مطمین کرِ لہٰذا چھُ ادبی معیارن ہُند دارٕ مدار میلاناتن ہنٛدس مکمل توٗوزُنس پیٹھ تھاوان۔ رچرڈسن دیُت یتھ کتھہِ تہٕ دل زِ الفاظہ کتھہِ پأٹھی چھِ تم روی یہِ پأدٕ کران یم اہم نفسیأتی کیفیتھ ووتلاونکی ذمہٕ دار آسان چھِ۔ یہِ

ذمہٕ وآری رٕوایژ اماپوٚ زرٕوایژ ڈسی تووزُنس منٛز اوس بے جا دباوُک دخُل۔
اَتھ منٛز اَس کیٛژن میلانن مُلے لتہٕ موٚنڈ سپدان۔ یُس متوآزِن شخصیوٚن
ہنٛدس تکمیلس منٛز اَکھ رۄٹ بنان اوس۔ وق گنذرُنس تہٕ مأدی ترقی ہتی
ہتی گیہِ رٕوآیتی گنڈن ہنٛدی ڈٕھری رسہٕ رسہٕ کم سپدان۔ امہِ سبہٕ چھےٚ بقولہِ
رچرڈس اسہِ گژھہِ نوِ نظامُچ ضرٕورتھ یُس میلاتن ہُنٛد تووزُن ووتلاوِ، دباوٕ ڈٕرک
یہِ نہٕ بٔلکہِ رسامساتہٕ غأرشعوٗری طور۔ چنانچہِ ادب چُھ یہِ مقصد پٔراونک
اَکھ کارگرٕ وسیلہٕ تہٕ بقولہِ رچرڈس چھےٚ یُہے ادبچ تہٕ خاصکر شأعری ہنٛز
لگہأری تہٕ أہمیتھ۔

ادبی زبأنی پٹھ رچرڈس سُنٛد بحث چھُ یمہِ حسابہٕ اہم زِ تٔمی چھےٚ شعر
زبأنی تہٕ سائنسی زبأنی ہنٛز وکھرٕ وکھرٕ پھیرٕ ہاوتھ خوٗبی یہِ بدِ کڈتھ یمن دوشوٕنی
ورتاون درمیان فرق ٹاکارٕ کرٕمُت۔ تسنٛدی کنہِ چھےٚ سائنس تہٕ شأعری
درمیان یہِ اہم فرق زِ سائنسی زبان چھےٚ حقیقی آسان تہٕ شأعرانہٕ بیان
فرضی یانےPseudo Statement۔ اماپوٚ زفرضی ورتاو چھُ تلمی
اہم ییلہِ یہِ سانین میلاتن تہٕ رٔوِیَن منظّم کرِتھ ہیکہِ۔ یہِ تنظیم چھےٚ چھرا
شأعری ڈسی ممکن تہٕ سائنس چھنہٕ تہنا پأٹھی اَتھ اہل۔ پننہٕ تصنیفہِ ''سائنس تہٕ شأعری''
ہنٛدِس آخری بابس منٛز چھُ رچرڈس یوٚ تام ونان زِ تہذیب ہیکہِ چھرا
شأعری ڈسی محفوظ رٕوزِتھ نتہٕ چھُ امیٚک مستقبل مخدوٗش۔ اَمہِ حسابہٕ چھےٚ

# گیت اَکھ قدیم شعرٕ ذاتھ

گیت چھُ ہندوستانٕی ادب تہٕ موسیقی ہنرٕ اَکھ قدیم ترین اصطلاح۔ ''گیتا'' تہٕ ''گاتھا'' دوشوے چھِ مُلہٕ تلہٕ امی صنفہِ سونٛچہٕ زٕ صوٗرٕژ۔ گیتالفظک لوغاتی مانہِ تہِ چھُ تہِ یہِ گیوٚنہٕ ییٚہِ تہٕ گاتھاتہِ چھےٚ گیوٚنہٕ یوان۔ ہرگاہ وُچھو ویدن ہنرٕ تخلیق کرن والیوٚ تہِ چھُ ''ویدن'' گیت ناو دِیُتمُت۔ ''گیرم کروم سیم ہی''۔ یمیُک مطلب یہِ چھُ زِ ''اے میانہِ تخلیقکارٕ بہٕ چھُستھ ژٕ بأتن منٛز پرٕکٹاوان'' چھُ یُہے کتھ بروٗنٛہہ کُن انان۔ مانہِ مفہومہٕ موٗجب چھُ انگریزی ادبُک ''لیرِک'' الہٕ پلہٕ گیتس ہم پلہٕ۔ لیرِک چھُ دراصل جرمٕنی زبأنی ہند لفظہٕ تہٕ امیُک موٗل چھُ ''لایرہ'' لایرہ چھُ اکھ مخصوٗص قسمُک سازاوسُمت۔

نوکتہٕ سمجاوِنہٕ تہٕ وضاحت کرنہٕ باپتھ نیوٗ تمۍ عِلمِ مفہومیاتُک (Semantics) مدتھ۔ یِمیُک اہم موضوٗع بحث یہِ چھُ زِ کُنہِ الفاظس کیا چھُ مفہومُک درجہ، مقام یا اثر۔ سی۔ کے۔ اوگڈنس سٟتۍ اَہنزِ تصنیفہِ ''مانیک مانے'' گرۍ تِمہِ وقتُکۍ نقاد، فلسفی، ماہرِ نفسیاتھ تہٕ پروپگنڈا کٔرن مختلف طریقن ہٕندۍ مطالعہٕ کرن وٲلۍ تہِ متاثر۔ اَتھ بحثس منز چھُ رچرڈس یتھ نتیجس پیٹھ ووتمت زِ اکھ تسلی بخش ادبی پارٕ چھُ مصنفہٕ سنٛز ذہنی ہم آہنگی تہٕ الفاظن ہنزِ مانہِ خیزی ہنز نمایندگی کران یُس شخصیژ باپتھ اہم چھُ تہٕ قٲری یُس پرِ یہِ ہم آہنگی پانس منز زم کرٕنی۔

رچرڈس ہٕندس نظریس چھُ یہِ خاص اعتراض کرنہٕ یِوان زِ یہِ چھُنہٕ ممکن زِ یِم میلانات شاعرس منز وُتش پزاوان چھِ تِمے کیاہ کٔن سہ ادب پارٕ پرنہٕ پتہٕ قٲری یس منز وُتش پزاوتھ۔ دوٚیِم یتہِ زِ رچرڈسن بنوو ادبی مطالہ مبکانکی یِمہِ ڈسۍ ادبی زبانٕ ہُند تجزیہ مکمل پاٹھۍ ممکن چھُنہٕ۔ یہِ چھُ صحی زِ یہِ طریقہٕ کار ہکہِ منزل پزاونہٕ باپتھ اِمداد دِتھ مگر امہِ علاوٕ چھُ باقے پہلو ہوتہٕ ادبُک مطالہٕ لازمی۔ بہرحال ادبی تنقیدس تر وو رچرڈس ہٕندۍ طریقہٕ کارن اکھ پوشہِ وُن اثر یُس بروٗنہہ کُن اوسلوٗبیات کِس صوٗرتس منز اکِہ الگ عِلمہٕ رنگۍ بارسس آو۔

☆☆☆☆

اوسمت ۔ اَمِچ ہٕ رشہد تھ چھےٚ للہ دید ہِنٛد یہِ واکھ ۔

گوٚ رن وۄنٛم کُنُے وٕژُن

نیبرٕ دۄپنم انذرا ژُن

سے مے للہِ گوواکھ تہٕ وٕژُن

تَوَے ہیۄتُم ننگے نژُن

وٕژنس تہٕ بأتس یۄ دوے مانہِ مفہوم زٕنگی کانٛہہ نۄن پھیرِ چھُنہٕ تہِ گُرتھ ہکو یہِ مأنِتھ زِ وٕژُن چھےٚ یُہ پأٹھۍ اَکھ شوز ادبی اصطلاح تہٕ یَیلہِ زَن بأتھ عام زبأنی ہُنٛد لفظٕ چھُ تہٕ وٕژُن یَیتہِ چھرا اکہِ ادبی صنفہِ سونٛچ نشاندی کران چھُ تتہِ چھُ بأتھ ادبی کٕنہ موسیقی ہِنٛدس مأدانس تہٕ وِحاظہِ کران ۔ اَمہِ لحاظٕ ہے وُچھوتَیلہِ چھُ ''گیت'' اصطلاحس ہم پلہٕ وٕژنس مقابلہٕ بأتھ زیادٕ پہن ۔ اما پۄ زادبی اصطلاح زٕنگی چھُ کأشرِس منٛز وٕژُن لفظے مروجہ تہٕ مقبوٗل تہٕ اَمہِ سببہٕ ہکو ادبی بحثن منٛز گیتٕک ہم پلہٕ وٕژُنے مأنِتھ ۔

بہر حال گیت خأطرٕ چھُ سنگیت لأبۄ دی ۔ سنگیت لفظٕ چھُ دۄن لفظن ہِنٛد میلہٕ ستی بنیو مُت ۔ اول ''سم'' دۄیم ''گیت'' ۔ ''سم'' بہ مانے لۄبہٕ وُن تہٕ گیت چھُ بہر حال گیت یانے لۄبہٕ وُن گیت ۔ ہندوستأنی ربوایژٕ موٗجب یُس نظم یا کلامہٕ سور پدتہٕ تالہِ مطأبق آسہِ تتھ ہکو گیت وٕنِتھ ۔ گیتن چھےٚ موضوع، مزاژ تہٕ تخلیقکأری مطأبق مختلف طریقو بأ گرنہٕ کرنہٕ

أتھی سازس پٹھ گونہٕ یِنہٕ والس کلامس اَسی لبرِک ونان ۔ یانے مانہٕ مطلب چھ بُنیٚ یاز پٹھ ہے وُچھولبرِک اَسی قدیم کالس منٛز تتھ کلامس ونان یُس کلام سازس پٹھ گونہٕ ییہ ہے۔

قدیم گیتس تہٕ بجنس اَسیٚ موضوعی سوٕتھرِس پٹھ زیادٕ فرق ۔ بلکہٕ اوس بجن تہٕ گیتن ہُنٛد اَکھ رنگ ۔ یمن منٛز اَس دیہٕ بجرِچ وکھنے تہٕ رِژرِچ منہٕ کامن باوتھ لبان۔ قدیم کالس منٛز چھِ گیتن ہندی موضوٗع عقیدتی نٔوی یٚتھی اَسمتی ۔ یہِ چھُنہٕ صرف برصغیرکس قدیم کالس متلق صحی بلکہِ چھُ مختلف تہذیبن منٛز گیتن ہُنٛد آغاز امی انمانہٕ سپُد مُت ۔ جاپانی ادب چھُ اِتھ رٕژ مثال یِیہٕ پتہٕ وتہٕ پٹھ گیتن ہنٛز اَکھ ڈرتہٕ وکھرِ ربوایتھ روٗزمٕژ چھےٚ ۔ ربوایتھ چھےٚ زِ جاپانس منٛز چھِ ابتدأیی گیت دیوتا اذانا گی یَن تہٕ تہِنٛد بوٚت وانو تخلیق کٔری مٕتی یُہنٛد موضوٗع تہٕ مزاز شود عقیدتی اوس۔

گیت کس مانہٕ مفہومس ہم پلہٕ چھِ کأشرِس منٛز زٕ لفظ ۔ اَکھ چھُ "وژُن" تہٕ دوٚیم "بأتھ" یہِ انداز لگاوُن چھُنہٕ مشکل زِیمو منٛز چھُ وژُن لفظٕ قدیم تہٕ "بأتھ" چھُ اَتھ مقابلہٕ نوٚو۔ بأتھ لفظٕ چھُ عربی زبأنی ہِند "بیت" لفظُچ کأشرِ صوٗرتھ تہٕ وژُن سنسکرتھ کہِ "وچن" لفظُچ ۔ بیت لفظُک لوغأتی مانہِ چھُ کلام یا شعر تہٕ وچن لفظُک کتھ، قول ، بول یا کُنہِ عالمانہٕ تصنیفہٕ ہُنٛد حوالہ یا اَمِچ عبارتھ ۔کأشرِس منٛز چھُ وژُن گوڈ کالس منٛز تہِ رأیج

گیت بیترِ ۔ جذبأتی گیتن منز چھِ حسی، تخیُلی یا صوٗفیانہٕ گیت تہٕ شأمل۔

گیت چھُ دراصل غنأیی شأعری ہِنٛدِس زُمرس منز یوان۔ کینٛہہ نقاد چھِ وَنان زِ گیتس یُس چیز گیت بناوان چھُ سُہ گوا میٚک ووج یُس پد مکمل گرٕھنس پتھ دوہراونہٕ یِوان چھُ ۔ گیتن منز چھےٚ ووج مِصرٕ چہِ ترٛے نُمایاں صوٗرژ درٛینٛٹھی گژھان۔ اَکھ یہِ زِ ''ووج'' چھُ گیت کہِ بنٛد کبن باقٕے مصرن نشہِ روکن یا ماترا ین ہنٛد تیداد لحاظہٕ موخصر آسان۔ دوٚیم گیت کہِ بنٛدٕکی مصرٕ تہٕ ووج چھُ روکن یا ماترا ین ہِنٛدِ تیداد لحاظہٕ برابر آسان تہٕ ترٛییمہِ قسمُک ووج چھُ سُہ یتھ منز روکنن یا ماترا ین ہُنٛد تیداد بنٛد مصرَو مقابلہٕ زیادٕ ر آسان چھُ۔ بہرحال گیتہٕ باپتھ چھُنہٕ چھراووجے یوت کأفی بٔلکہِ گژھہِ اَمہِ بروٚنٛہہ تہٕ اَکھ مِصرٕ آسُن یُس ووج مصرس سٍتی مقفٰ آسہِ ۔ یوٗتام زن گیت چہِ بحرِ ہُنٛد تولق چھُ ہِنٛدی گیتن متلق ہکو یہِ وٕنتھ زِ یہِ چھُ ماترا چھندن منز لیکھنہٕ یِوان اما پوٗز مختلف زبانن ہِنٛدبن گیتن منز چھِ باضے خألص ماترا چھُندک ورتاو تہٕ باضے اَتھ سٍتی سٍتی فارسی بحرن ہِنٛز مِلمِش تہٕ درٛینٛٹھی گژھان۔ کینٛہہ گیت چھِ تتھی تہٕ یمن منز أکی سے گیت کبن مختلف مِصرن منز مختلف ماترا ین یا روکنن ہُنٛد تیداد تہٕ آسِتھ ہکہِ ۔ گیتکی بنٛد تہٕ چھِ مِصرو لحاظہٕ مختلف صوٗرژن ہِنٛدی۔ مثلن کُنہِ گیتس منز ہکہِ بنٛد ژورن، کُنہِ ترٛبن ترٛبن یا کُنہِ دون دون مِصرن ہُنٛد آسِتھ۔

آمو۔ مثلن کیتھہ عالم چھِ ونان زِ کلس پیٹھ چھِ گیتن زٕ قسم ویدُک گیت تہٕ لوک گیت ۔ ویدُک گیتن ہُند بہترین انہار چھُ سام وید مانِنہٕ یِوان۔ لوک گیت چھِ عوامی زِندگی ہُند بے پھروک اِظہار۔ لوٗک گیت تہِ ہکو کھ مزید دوٗن ورگن منز بأگرِتھ ۔ اَکھ مارگ گیت تہٕ دوٚیم دیشی گیت ۔ مارگ گیتن منز چھےٚ شوز راگ تہٕ راگنیہٕ شأمل ۔ یِیلہِ زن دیشی گیتن منز لوتہٕ وأ ے تہٕ ہلکہٕ پھُلکہٕ لیہٕ وأ لی بأ تھ شأمل کرِتھ ہکو ۔ موسیقی ہِندِ نوقطہ نظرِ چھِ گیت دوٗن قسمن منز بأگرنہٕ آمتی ۔ اَکھ ''نیتر گیت'' تہٕ دوٚیم ''گاتر گیت'' نیتر گیت گوسہ بأتھ یُس سازس کھأرِتھ گوٚنہٕ یِوان چھُ ۔ اَتھ برعکس چھُ گاتر گیتس منز چھرا اِنسأنی لحنُک نغمہٕ شأمل ۔ عام پأٹھی چھُ گیتُک مطلب گاتر گیتے مانِنہٕ یِوان یانے سُہ گیت یتھ منز اِنسأنی آواز لیہٕ ہُند نغمہٕ آسہِ ۔ ہِندی نقاد چھِ گیتن ہِندی زٕ قسم ''شُدھ گیت'' تہٕ پرگیت مکتُک تہِ دِوان ۔ شُدھ گیتس منز چھےٚ تم تخلیقہٕ شأمل یِم موخصر آسان چھےٚ تہٕ یِم سازن پیٹھ موسیقی ہِندِ بن اوٚصولن تحت گوٚنہٕ یِوان چھِ ۔ پرگت مکتُک قسمس منز چھےٚ تم تمام تخلیقہٕ شأمل یِمن منز غنأیی شأعری ہُنز الہٕ پلہٕ سارے خوٚصوٗصیو آسان چھےٚ یا یِمن منز گیت چہِ کینہہ دأ خلی خوٚصوٗصیہٕ آسان چھےٚ مگر اَمہِ باوجود تہِ ہیکن نہٕ یِم سازن پیٹھ گوٚنہٕ یِتھ ۔ موضوٗعی لحاظہٕ تہِ چھِ گیتن مختلف انہار مثلن وجدأنی گیت، فکری گیت تہٕ جذبأتی

منز تبدیل کرنچ عمل کارفرما روزان ۔ جذبہٕ چھُ آوازِ ہُند قاٗلب پژ اوان تہٕ آواز لیہٕ ہُند تہٕ لے موسیقی ہُند ۔ یتھن چھُ یہٕ وُنن تہٕ ضروری زِ گیتُک تخلیق کار چھُنہٕ محض لفظن موسیقی ہندس سانچس منز پیوستہٕ کران بلکہٕ چھُ سُہ جذبس مُترنم الفاظن ہنٛز آوازِ منز تبدیل کران ۔ غناٗیی شاعری منز چھےٚ تمہٕ سارے خۄصوٗصیژ آسان یم موسیقی ہنٛز ہیٛو تشکیل دِوان چھِ اماپوٚز زاَمہٕ باوجوٗد تہٕ غناٗیی شاعری یا گیت چھُرا موسیقی ماٗنن چھُنہٕ ہتہٕ فی صد صحی ۔ گیتس منز ہکو اَس کُلس پٹھ ترٛ ین عنصرن ہنٛز نشاندِہی کٔرتھ ۔ ا۔ موسیقی ہندی عنصر ۔ ۲۔ چھند یا بحر قاٗفیہٕ بیتر ۔ ۳۔ شاعری ہندی داخلی عنصر ۔

ہندوستاٗنی شعریاتہٕ مُطاٗبق چھُ گیتُک جذبہٕ یا نٛز یاٗدی رس شرنگار رس ۔ یُہ پاٗٹھی چھُ اَتھ منز شوٗعوٗرس پٹھہٕ وجدانس ،عقلہٕ پٹھ جذبس تہٕ خاٗرجیتس پٹھ داخلیتس فوقیتھ آسان ۔ گیتس منز باونہٕ آمُت جذبہٕ چھُنہٕ الفاظن آویزٕ بلکہٕ چھِ الفاظٕ جذبن تابع آسان ۔ اَمہٕ موجُب چھُ یِژھ شاعری منز تجربچہ صداقتُو تہٕ جذبچہ شدژ خاص اہمیتھ ۔ گیتن منز چھُ شاعر سُند ذاتی مگر خاٗلص ردِعمل ٹاکارٕ سپدان ،یمن پٹھ چھےٚ اَمہٕ موٗجب شاعرٕ سنٛزِ شخصیژ ہنٛز سرٛ نی چھاپ آسان ۔ گیتچ غناٗیتھ چھےٚ پاٗنی پانے اظہار یتکس سانچس منز پیوستہٕ سپدان ۔

کُلس پٹھ چھےٚ گیتس یمہٕ کینہٕ وچھہٕ پوچھِ خۄصوٗصیژ ۔ نغماٗیتھ ،

دُٕمصری بنٛدن ہٕنٛز قافیہِ ترتیب چھےٚ عۆمۆمن یِتھ پأٹھۍ آسان۔

الف، الف  یا  الف، ب

ترےٚ مصری بندن ہٕنٛز اہم صۆرٕژ چھےٚ یِتھہٕ پأٹھۍ:

(i) الف ب ب (ii) الف الف ب (iii) الف ب الف (iv) یا الف الف الف

تہٕ ژُٕمصری بندن ہٕنٛز صورتھ چھےٚ عام پأٹھۍ یِتھ پأٹھۍ

i۔ الف الف الف الف

ii۔ الف الف ب ب

iii۔ الف ب الف ب

iv۔ الف ب ب الف

گیتُک وسیع تصور چھُ یہِ زِ اَتھ منٛز چھِ غنأیی شأعری ہٕنٛدی تمام قسم شأمل۔ غنأیی شأعری وٕنِتھ چھنہٕ صِرف تمہِ شأعری ہُنٛد مطلب یَتھ منٛز موسیقی ہٕنٛز فٔنی تہٕ تکنیکی خۆصۆصیژ آسَن۔ موسیقی چھُ پٔنُن اکھ وکھرٕ نظام تہٕ شأعری پٔنُن۔ غنأیی شأعری موسیقی ہٕنٛدس دأیرس منٛز محدۆد کرنہٕ ستی ہیکِن اَمِچہِ وسیع ترخۆصۆصیژ نظر انٛداز سپدِتھ۔ گیت یا غنأیی شأعری منٛز چھےٚ موسیقی ہٕنٛز کینٛہہ خۆصۆصیژ وأرِ دسپدان اما پۆز یہِ موسیقی چھےٚ نہٕ امیُک چھرا کانٛہہ پٔتھۍ ولُت آسان۔ بلکہِ چھےٚ گیتس منٛز جذبأتی قدرَن نغمأتی لہرن

تہٕ تہذیبِ نفس ہِش خۄصۄصیژ وِ وتلاوان۔

گیتن ہُنٛد لہجہٕ چھُ پُر سوز آسنہٕ علاوٕ نسوانی انداز ک۔ لہجہٕ یہٕ نسوانی اِظہارٕچ خۄبی چھےٚ لوک گیتن تہٕ تخلیقی لولہٕ گیتن منٛز تہِ۔ یہِ کتھ چھےٚ ہنٛد وستانی گیتن تہٕ کأشرٕ ِن وژنن متلق تہِ صحی اماپۄز باقے تہذیبن ہنٛز یژھِ شاعری ہنٛز تہٕ ایہِ متلق ہکہِ تمثیک اَمہِ آیہِ مطالعہٕ کرنہٕ پتےٚ واضے سپدِتھ۔ ہندستانی گیتن منٛز نسوانی اظہارچہِ خۄبی ہنٛدی ہکن مختلف وجۄ ہاتھ آسِتھ مثلن لوک گیتن ہنٛز رِوایژ ستی یُہنٛد قریبی واٹھ بیترٕ۔ مگر اَتھ سلسلس منٛز ہکہِ یہِ کتھ تہِ توجہ طلب آسِتھ زِ یتھ پأٹھی بروٕنٹھے وننہٕ آو زِ گیتن منٛز چھےٚ ابتدأیی طور دیہِ بجرٕ چ تہٕ دیہِ بکھتی ہنٛز وکھنے آمژ۔ تہٕ ہنٛد وستأنی فکرِ مۄجُب چھُ دیَس تہٕ بنٛد سنٛد رشتہٕ عاشق معشوق سُنٛد رِشتہٕ یَتھ شاید رادا تہِ کرٛشن، رام تہٕ سیتا تہٕ شِو پاروٗتی بیترٕ دیومالأیی کرداروٚ ستی تقویَت میژمژ آسہِ۔ اکثر چھِ کرٛشنہٕ بکھتی کرٛشنہٕ لوٚچ باوتھ رادایہِ ہنٛز علامتھ ورتأوِتھ کران۔ چنانچہِ رادا چھےٚ مونث تہٕ اَمہِ سبہٕ چھُ یژھ بکھتہٕ باوٕچ باوَتھ نسوانی لہجس منٛز لاگۄ دی۔ ممکن چھُ زِ اَتھ پتہٕ کنہٕ آسہِ دیودأسی رِوایژ ہُنٛد تہِ دٕخل۔ بہرحال یہِ چھُ بحث طلب تہٕ اَتھ متلق کانٛہہ مصدقہٕ رائے دِنۍ چھنہٕ صحی۔

☆☆☆

جذبچ وحدتھ دٲخلیتھ تہٕ جذبن ہنٛز شِدتھ۔ بقولہِ لاسیلز ابار کرٛاسی (لبرک شاعری وُنتھ ) گیت کار چھُنہٕ اَمہِ سبہٕ تخلیق کران یُتھ سُہ زبان خوش کروُنہٕ تہٕ دلکش موسیقی منٛز تبدیل کرِ بلکہِ چھُ سُہ زبانٕی ذٕسی خوش کرُون تہٕ رمبہٕ وُن سنگیت تخلیق کران تہٕ ییٚمہِ ستی تسنٛزِ باوتھ کاری قاری سٕندس ذٕہنس پٮ۪ٹھ کارگر سپدان چھےٚ۔ تہٕ جیمز جوآیس چھُ یرٛ دھ شاعری متلق ونان زِ گیتی شاعری چھےٚ سو شاعری یتھ منٛز تخلیق کار شبی فوری وابستگی ہیتھ پیش کران چھُ۔ اَمہِ سبہٕ چھُ یتہِ صحی زِ یرٛ دھ شاعری منٛز یہ کینٛہہ ہاونہٕ یوان چھُ سُہ چھُنہٕ محض چھرا جذبہٕ بلکہِ جذباتی حالژ ہُنٛد تخلیقی اِدراک۔ گیتی شاعری چھےٚ اَتھی ذہنس پٮ۪ٹھ سنگیت تہٕ پیکر تیٚچ دٲخلی گنگراے تہٕ مانہٕ یِوان۔

گیتن ہٕندس اُسلوبس منٛز چھےٚ علامژ، تمثیلہٕ تہٕ دیومالٲیی اِشارو ذٕسی معنویت ووتلاونہٕ یِوان۔ یم چیز ہیکو فلسفیانہٕ تہٕ فکری شاعری منٛز زیادٕ پہن وُچھِتھ۔ حسی شاعری منٛز ہیکہِ اَتھ برعکس اَمہِ قسمٕچ رنگ آمیزی کٔمےٚ پہن تہِ اٗسِتھ۔ گیتن ہٕنٛزن علامژن چھےٚ یہِ خۄصوصیتھ تہٕ زِ یم چھےٚ فطرتھ تہٕ مظاہرِ فطرتھ کیو تہذیبی زندگی پٮ۪ٹھ براہِ راست اخذ کرنہٕ آمژ آسان۔ ییٚمہِ سبہٕ یم سیوٚد ساد تہٕ عامیانہٕ تہِ اٗسِتھ ہیکن۔ دیومالٲیی عنصر چھِ یمن منٛز اکہِ خاص آیہ افسانوی رمزِ یتھ پأدٕ کران تہٕ تمثیلی انداز چھُ تیہ دٲری

بیٚترِ شامل چھُ ۔ اَتھ منٛز چھُ زبانن ہُنٛد تقابلی مطالعہٕ تہٕ کرنہٕ یِوان ۔ غرض توأریخی لِسانیاتس منٛز چھُ کُنہِ تہِ زبانٕہ ہنٛزِ موٗجوٗدٕ صوٗرژ ہُنٛد مطالعہٕ اَمکہِ بروٗنہمہِ حالژ ہنٛد حوالہٕ سپدان ۔ اَتھ برعکس چھُ توضیحی لِسانیات زبانٕہ ہنٛزِ موٗجوٗدٕ صوٗرژ تامے محدوٗد ۔ لتہِ چھُ زبانٕہ ہُنٛد توأریخ تہٕ توأریخی تبدیلیہٕ یکسر نظر انٛداز کرِتھ امچہِ موٗجوٗدٕ حالژ ہُنٛدے توضیح تجزیہِ کرنہٕ یِوان ۔ توضیحی لسأنیاتس چھِ مختلف سوٚتھرٕ، مثلن صوتیات، صرفیات، علم نحو تہٕ معنیات بیٚترِ یمن منٛز الگ الگ کُنہِ تہِ زبانٕہ ہُنٛد آوازٕ نظام، لفظن ہنٛز تشکیل تامیر جملہٕ گرُت تہٕ معنے بیٚترِ زیرِ مطالعہٕ انٕنہٕ یِوان چھُ ۔

یمو دوٚیو شاخو علاوٕ چھےٚ لِسانیاتچ ترٛیٚیم شاخ تہِ یَتھ ''اِطلأقی لِسانیات'' وَنان چھِ ۔ اِطلأقی لِسانیات چھُ سُہ عٔلم یَتھ تحت لِسانیاتک ورتاو باقےٚ علمن تہٕ فنن ہنٛدِ باپتھ ورتاونہٕ یِوان چھُ ۔ پَتِمین کیٚژون ؤہلین دوران آو جدید لِسأنیاتی عٔلم مختلف عٔلمی شوبن منٛز استعمال کرنہٕ یمن منٛز زبانن ہُنٛد درس تدریس، لوغاتھ سأزی تہٕ ترجمکأری بیٚترِ اہم چھِ ۔ چنانچہِ ادبُک ذٔریعہ اِظہار تہِ چھےٚ زبانے تہٕ زبانٕہ ہُنٛد مطالےٚ چھُ لِسانیاتک خاص موضوٗع ۔ امِہ سبہٕ آو لسانیات ادبی زبانٕہ ہنٛدِ مطالعہٕ باپتھ تہِ ورتاونہٕ ۔ ادبی زبانٕہ ہنٛدِس اَتھی جدید لِسانیأتی نوقطٕ نظرٕ مطالس چھِ ''اوسلوبیات'' وَنان ۔ زبانٕہ ہندٕ بن رنگہٕ رنگہٕ استعمالن منٛز چھُ امیک ادبی

# اۆسلوٗبیات کیٛاہ گو

اۆسلوٗبیات بَحیثِ یتھ عٔلمی شوبہٕ آو یٖیمہِ صٔدی ہِنٛدس پانٛژہِمس ڈٔہلس دوران بارسس ۔ عام پأٹھۍ چھُ اۆسلوٗبیات سیٚد سیٚو دِلسانیاتچ اَکھ شاخ مانہٕ یوان ۔ وۄں گوٚ اَتھ لسانیاتچ شاخ وننہٕ کھوتہٕ روزِ اَتھ لِسأنیاتکہِ عٔلمُک ڈٔہراو (Extension) وُنُن مُنأسب ۔ امیُک واٹھ چھُ دراصل ''اِطلأقی لسأنیاتس'' ستۍ ۔ لِسأنیات چھُ زبانن ہُنٛد عِلم یتھ تحت کُنہِ زبأنۍ ہُنٛد لِسأنی مطالعہٕ مختلف انٛدازو کرنہٕ یِوان چھُ ۔ لِسأنیاتس چھےٚ وٕنھِ پۆٹھۍ پأٹھۍ زٕ لنٛجہِ ۔ اَکھ ''توٲریخی لِسأنیات'' تہٕ بیاکھ ''توضیحی لِسأنیات'' توٲریخی لسانیاتس منٛز چھُ زبأنۍ ہُنٛد مطالعہٕ توٲریخی نوقطہِ نظر کرنہٕ یِوان، یتھ منٛز امہِ زبأنۍ ہُنٛد وۄتلُن، پرٕتھُن، پوٚٹھُن یا اَمہِ زبأنۍ ہِنٛدس لفظِس منٛز مختلف توٲریخی دورن دوران سپد ین ہُنٛد تبدیلی یَن ہُنٛد مطالعہٕ

سُہ تخلیق کارٕسٕندِ مزاجُک تہٕ ماحولُک انداز کران تہٕ امہِ فن پارُک قدر قیمتھ تہ مولناوان۔ اَتھ مطالس منٛز چھُ فن پارٕ محض اَکھ لسانٔی موادتہٕ اۄسلوٗبیاتی ماہرٕ سُند توجہ چھُ أتھی پیٹھ مرکوٗز روزان۔ سُہ چھُ اَمچہِ زبانٔی ہُند تجزیہِ کٔرِتھ تخلیق کارتہٕ فن پارچہِ خوٗبیہِ تہِ بدِ کڈان تہٕ پھیرٕ ہاو خوٗصوٗصیژتہِ۔

کُنہِ تہِ فن پارکہِ اۄسلوٗبیاتی مطالکی چھِ ترٛےمرحلہٕ۔ گوڈنیک مرحلہٕ چھُ لسانٔی موادٕچ وۄنٛ ژھنے۔ اَتھ مرحلس پیٹھ چھُ توضیحی لسانیاتکو مختلف سوٗتھرٕ مطأبق فن پارچہِ زبانٔی ہُند تجزیہِ کرنہٕ یِوان۔ مثلن اَتھ منٛز چھُ فن پارُک صوتیاتی، صرفی، لغوی تہٕ نحوی تجزیہِ شأمل۔ اَتھ مرحلس پیٹھ چھُ فن پارچہِ زبانٔی ہنٛز ساخت، مزاج تہٕ دوٗیمبن لسانٔی ترٛاین ہُند مطالہٕ تہِ کرنہٕ یِوان۔ اۄسلوٗبیاتی مطالُک دوٗیم سوٗتھُر چھُ فن پارس منٛز اۄسلوٗبی خوٗصوٗصیوٗن ہنٛز شناخت۔ یِمن خوٗصوٗصیوٗن ہنٛز نشاندِہی باپتھ چھےٚ کینٛہہ کتھہٕ ذٕہنس منٛز تھاوُنہٕ ضروٗری۔ اول یہِ زِ کانٛسہِ تہِ تخلیق کارٕ سُند زبانٔی ہُند سُہ ورتاو یُس عام ورتاوٕ نشہِ بدٕ لُنہٕ تہٕ الگ آسہِ ہیکہِ اۄسلوٗبی خوٗصوٗصیوٗن منٛز شأمل سپدِتھ۔ دوٗیم کُنہِ مخصوٗص آوازِ، لفظک یا پیکرُک تکرار تہِ ہیکہِ اۄسلوٗبی خوٗصوٗصیوٗن منٛز شأمل سپدِتھ۔ اۄسلوٗبیاتی مطالُک ترٛیم تہٕ أخری سوٗتھر چھُ بدِ کڈنہٕ آمژن اۄسلوٗبی خوٗصوٗصیوٗن ہنٛز تشریح تہٕ تأثیر۔

استعمال وکھرٕ تہٕ منفرد تہِ یتھ وکھرٕ تہٕ مُنفرِ داڈ سلوب آسان چھُ۔ یتھہِ پاٹھی لِسانیاتک مواد موضوع زبان چھےٚ تتھے پاٹھی چھُ اوسلوٗ بیاتک موضوع ادبی اوٗسلوٗب یانے اوٗسلوٗ بیات چھُ کُنہِ تہِ فن پارکہِ اوٗسلوٗ بُک لِسأنی مطالہٕ۔ اوٗسلوٗ بیات یوٚ دوے توضیحی لِسأنیاتک انگ چھِنہٕ تہِ کرِتھ تہٕ چھِ اَتھ منٛز امکی کینٛہہ اوٗصول تہٕ طریق کار ورتاونہٕ یِوان تہٕ مطالکی یِم مختلف سوٗتھری توضیحی لِسانیاتس تحت یِوان چھِ اوٗسلوٗ بیاتس تحت تہِ چھِ یِم سوٗتھرٕ زیرِ غور اننہٕ یِوان۔

کُنہِ تہِ فن پارکس ادبی تنقید کہِ نوقطنظرٕ سپدی مِتس مطالس تہٕ اوٗسلوٗ بیاتکس لِسانیأتی مُطالس چھےٚ پانہٕ وأنی فرق۔ ادبی تنقیدس منٛز چھُ ادبُک مُطالہٕ مختلف محرکاتن تہٕ سمأجی عٔلمن ہندِ حوالہٕ کرنہٕ یِوان۔ اَتھ منٛز چھُ نقادٕ سنٛزِ پسند ناپسند تہٕ تسٛندِس ذوقس کیو وجدانس تہِ دٔخل۔ اَمہِ سبہٕ چھُ یُتھ مطالہٕ اکثر تاثرأتی تہٕ دأخلی تہِ آسان۔ اَتھ برعکس چھُ اوٗسلوٗ بیأتی مطالہٕ غأر تو ثرأتی تہٕ غأر شخصی۔ اَتھ منٛز نہ چھےٚ جذبن تہٕ ذوقس تہٕ نہ دأخلی اندازِ نظرِ کانٛہہ وُقتھ۔ تہذیبی کیو سمأجی پسہِ منظرس یا تخلیق کارٕ سنٛز شخصیو ـــہٕ ذأتی واقاتن تہِ چھےٚ نہ اَتھ منٛز اَہمیتھ۔ اوٗسلوٗ بیأتی مُطالس منٛز ہرگاہ اَہمیتھ چھےٚ سو چھےٚ فن پارس یٚمیک اِظہأری ؤسیلہٕ زبان چھےٚ۔ امی زبأنی ـہٕ تجزیہ تہٕ مطالہٕ چھُ اوٗسلوٗ بیأتی ماہر سُنٛد کُن مقصد تہٕ مُدلتہٕ امی ؤسی چھُ

سپیرس اوس نہٕ ادبس ستی براہِ راست کانٛہہ تہٕ واٹھ تِکیازِ یِہ زٲتی اوس سُہ ماہر بشریات۔ بشریٲتی مطالٕنے کٔرتس لِسانیاتی مطالِچ دِلچسپی پٲدٕ۔ اَمنز اہم تصنیف چھےٚ ''لنگویج'' یَتھ منٛز تٔمی زبانہِ ہندٮ۪ن مختلف پہلوون پٮ۪ٹھ بحث کٔرِتھ اَمکس آخری بابس منٛز زبانہِ تہٕ ادبک رشتہٕ زیرِ بحث اوٚنمت چھُ۔ تٔسنٛدِ کنہِ چھےٚ زبان اَکھ اِجتمٲیی فن۔ ادبی زبانہِ پٮ۪ٹھ بحثس دوران چھُ تٔمی امیک رِشتہٕ تہذیبی اِجتمٲیتس ستی ہووُمت۔ ماہر بشریات آسنہٕ سبہٕ اوس تس زبانن ہندِس تہذیبی پہلوہس ستی زیادٕ دِلچسپی۔ بقولہِ تٔسنٛدِ ہرگاہ کانٛہہ زبان ادبہٕ رنٛگی کم پایہِ آسہِ تمیُک مطلب چھُنہٕ زِ سو زبان چھےٚ وٕسی پایہِ بٔلکہِ چھُ امیُک وجہ یہِ زِ یہِ زبان بولن والین ہُنٛد تہذیبی شعوٗر چھُنہٕ ادبکہِ نشونُما باپتھ مُناسب تہٕ موافِق۔

رچرڈسن تہٕ اِمپسنن تہٕ کٔر ادبی مطالعہٕ تہٕ ادبی زبانہِ ہنٛز وٮ۪ژھنیہِ تہٕ تجزیہِ باپتھ نوٚین وتن ہنٛز نشاندہی۔ فن پارٕ بذاتِ خود اَکھ الگ تہٕ خود مختار وجوٗد تسلیم کٔرِتھ دِتی تِمو اَمکہِ تجزیہِ تہٕ تشریح باپتھ سارٕی خارجی مولوٗماتھ غٲر ضروٗری قرار۔ تہٕ زبانہِ ہندِ ادبی تہٕ غٲر ادبی استعمالُک تقوبُل کٔرِتھ کٔر کھ ادبی زبانہِ ہنٛزن پہلوٚہن ہاو خوٗبی ین ہنٛز وضاحتھ۔ اَمہِ پتہٕ چھُ سُپٹزراتھ مطالس بروٚنٛہہ پکناوان۔ اَکھ جان پایک ادبی نقاد آسنس ستی ستی اوس سُہ ماہرِ لِسانیات تہٕ۔ اوٚسلوٗبیٲتی مطالس ستی اُس تس جان دِلچسپی۔

یتھن ہکہٕ یہ سوال تہٕ پاد سپد تھ زِ کیا ادبی اوٗسلوٗبک مطالعہٕ چھا پزی دورِ جدیدُک خاصہٕ؟ تِکیازِ یُتھ ہیوٗ مطالعہٕ چھُ سبٹھاہ پرٛانہِ زمانہٕ پیٹھہٕ مشرقی کیو مغربی تنقیدس منٛز تہٕ نظر گوٚھان تہٕ امیُک ثبوت چھُ علم بلاغتس متلق وقتہٕ وقتہٕ لیکھنہٕ آمژٕ تصنیفہٕ۔ مگر امہِ علمچ نوعیتھ اس وکھرٕ۔ امیُک اہم مقصد اوس ادب تخلیق کرنہٕ باپتھ تم اوٗصول تہٕ قایدٕ مرتب کرٕنی یم اَتھ چھرا ہچھنک تہٕ پچھناوُنک موضوع بناوٕہن۔ اَتھ منٛز اس نہٕ تخلیق کار یا تخلیقہٕ ہنٛدس انفرأدی اوٗسلوٗبس کانٛہہ تہٕ اہمیتھ۔ اَتھ برعکس چھُ جدید اوٗسلوٗبیات تخلیقہٕ اَکھ الگ لسأنی اِکأیی زأنتھ اَتھ پنٛنہِ مطالعُک مواد زانان۔ جدید مأہر اوٗسلوٗبیاتس نہ چھُ اوٗصوٗل تہٕ قایدٕ مرتب کرنس ستی غرض تہٕ نہ تخلیق کارن پیٹھ کانٛہہ اوٗصوٗل یا قایدٕ لاگوٗ کرنچ کل۔ تٔمنٛد مطالعہٕ چھُ غأرجذبأتی یتھ پتہٕ کنہِ لسانیاتُک سائینسی طریقہٕ کارکارفرما چھُ۔ پزٕ چھُ یہ زِ اوٗسلوٗبیات چھُ موجوٗدٕ صدی ہُنٛد دیُت تہٕ امیُک موجب بنیوٗ سہٕ مطالعہٕ یُس یتھ صدی دوران لسأنی علمس منٛز سپد تہٕ یمو زبانن ہنٛدِ مطالعکی نوٚی نوٚی گوشہٕ گاشرأوی۔

یمہِ صدی ہنٛدِس ترٛیمس دہلس دوران کوٚر رایڈورڈ سپیرن، رچرڈسن تہٕ اِمپسنن ہیٚترِ ادبی مطالیاتس اَکھ اَہم بُرژ رُیس بروٚنٛہہ کُن اوٗسلوٗبیات اَکہِ الگ شعبہٕ رٔنگی بروٚنٛہہ کُن انٛنس منٛز مددگار ثابت سپد۔

منز سُپد اِنڈیانا یونیورسٹی منز 1953 ہس منز اَکھ خوصوصی سیمنار یتھ منز اۆسلوٗ بیات اکہِ الگ مضموٗنہٕ رٔنگی تسلیم کرنہٕ آو۔ تتہِ پتھٕ ازتام چھُ اوسلوٗ بیاتس متعلق مغربی دُنیہس منز عٔلمس تہٕ مطالس ہربر سپدان تہٕ لسانٔیاتکہِ پزتھ نِونوقطہ نظرُک اِطلاق تہٕ چھُ ادبی زبانٔی ہٕندس مطالس پتھ جأری۔ موجوٗدٕ دورس منز یِمو دۆیمو عأل‌مو اۆسلوٗ بیاتکس عٔلمس اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ ہُر بر کوٚر تِمن منز چھِ مڈلٹن مورے، ٹامس اے سیبوک، روجر فاولر، اُلمن، اے، کے ہیلڈے، آسٹن ویرن، رچرڈ اوہمن تہٕ جیوفری لیچ بیٚترِ تہٕ اہم۔

چھیکرس چھُ یہِ وَنُن تہِ ضرٗوری زِ جدید اۆسلوٗ بیات ہیکہِ نہٕ کُنہِ پأٹھی تہٕ مکمل طور ادبی تنقیدُک مُبدل بٔنتھ۔ تِکیازِ یتھ پأٹھی زن عیاں سپد زِ مأہرِ اۆسلوٗ بیات چھِ پننس طریق کارس سائینسی مانان تہٕ سائینسی نوقط نظرٕ کانٛہہ سائینسی عٔلم وبرٕ ھناوُن چھُ صحی مگر تخلیقی تجربہٕ امہِ ستۍ وبرٕ ھناوُن چھنہٕ ہتھ فیصد صحی باسان۔ پزر چھُ یہِ زِ تخلیقی تجربک زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ اِدراک کرنہٕ باپتھ ہیکہِ یہِ اِمدأدی ثأبت سپدِتھ۔ یانے ادب پرکھاونہٕ تہٕ مولہٕ ناونہٕ باپتھ چھےٚ نہٕ یہِ کُنہٕ تہٕ الگ وتھ بٔلکہِ چھُ اَمہِ باپتھ یہِ محض اَکھ وتہٕ پوٚدُیس کُنہِ نتہٕ کُنہِ موڑس پتھ ادبی تنقید چہِ بجہِ وتہِ ستۍ رٔلن گژھہِ۔

☆☆☆☆

ادب پننہِ لِسانی ساختہٕ تہٕ معنیاتی رِشتن ہنٛدِ حوالہٕ وۄتھناوِتھ کرٲتمی لِسانیاتی تجزیہ تہٕ ادبی مطالہٕ ہم آہنگ کرنچ کوٗشِش ۔ ادبی مطالہٕ باپتھ اوس سُہ لِسانی عِلم ضروٗری مانان ۔ بقولہِ تٔمسٕندِ چھُ کُنہِ ادبی تخلیقہِ ہٕنزن لِسانی خوٗصوٗصیوٗن ہُندس ژوٗن تجزیہِ فن پارٕ پرکھاونہٕ تہٕ اَمِکس توژراتی ژکِس تل واتنہٕ باپتھ سبٹھے ضروٗری۔

اَوسلو بیاتس منٛز چھُ رینے وبلک سُند دیُت تہٕ اَہم یسٕنز تصنیف "تھیوری آف لٹریچر" ادبی اوٗصوٗلن تہٕ نظریاتن متعلق مفصل وۄتھنے چھےٚ ۔ وبلک چھُ ادبس لِسانیاتی فن مانان ۔ بقولہِ تٔمسٕندِ چھےٚ زبان اَکھ خام مواد یَتھ تخلیق کار پننہِ منہٕ تہٕ منشہٕ مطابق ورتاوان چھُ ۔ بقولہِ وبلک چھےٚ سائنسی زبان علامتی منطبقس نکھہٕ تہٕ اَتھ برعکس چھِ ادبی زبٲنی منٛز زبٲنی ہنٛدی عام ترٕ وسیلہٕ جمالیاتی عنصرن ہٕنز اُڈرنہٕ ستۍ منظّم آیہِ ورتاونہٕ یوان ۔ ونان چھُ زِ ادبی بیان چھِ اکِہ مُعفرِد انداز کینن افسانوی پزرن (Fictionalized Truth) ہنٛدی حاصِل آسان۔

1950 عیسوی پتہٕ روٹ اوسلو بیاتن اَکھ نوٚو انداز تہٕ نوٚو ترا ے ۔ کینٛہو ساختیاتی لِسانی ماہر و ہیوٚت ادب نوِ ساختیاتی لِسانی نظریہٕ وۄتھناوُن ۔ اُتھی ستۍ آو 1950 ہس منٛز اِطلاقی لِسانیاتک اَکھ نوٚو شعبہٕ بارسس یَتھ تحت اَوسلوبیاتی مطالس منٛز اَکھ نوٚو وزٕ زبہٕ پاد سپد ۔ اَتھ سلسلس

کأشرِ زبأنی ہُنٛد گوڈنیُک رامائن۔

بیشتر ہندوستأنی زبانن منٛز چھِ رامائن یا رام ادب سدا آہمہٕ صدی بروٛنٛہہ لیکھنہٕ آمُت۔ اَتھ مقابلہٕ چھُ کأشرِ زبأنی منٛز اَچھ تصنیف سبٹھاہ ژٕپری سپٕز مژٕ۔ شتی کنٹھس پٹھ کُری گأمس تام چھُنہٕ اَسہِ کأنٛسہِ تہٕ رام بکھتی شأعرِ سُنٛد ناو کَنہِ گوٚہان۔ یَتھ دورس منٛز ہندوستانٛچن مختلف زبانن منٛز رامانٛج نہِ ڈٕسی پھاپھلاونہٕ آمٕژ رام بکھتی ہٕنٛز رٕوایَتھ بام عوٚروٗجس وأژمٕژ آس کٔشیرِ منٛز آسی تَتھ دورس منٛز لَل دید تہٕ روٗپہٕ بھوأنی ہوی شأعر شِوٕ فلسفکس نبر اکار دیس للہٕ کھوٚل کران۔ کٔشیرِ منٛز ووتلیہِ سگُن بکھتی ہٕنٛز یہِ رٕوایَتھ تتھ دورس منٛز ییٚلہِ یہِ ہندوستأنی زبانن منٛز ہیمٕژ آس۔

ووٚں گو رام بکھتی ہٕنٛزِ رٕوایژ ہٕنٛز عدم موجوٗدگی ہُنٛد مطلب چھُنہٕ یہِ زِ پرٛکاش رامس بروٛنٛہہ کیاہ چھےٚ نہٕ رام یا رامس سٕتی وابستہٕ ڈٕلیلہٕ کٔشیرِ منٛز متعأرِف آسمٕژ۔ بٔلکہ چھِ تتھی کینٛہہ اشارٕ میلان یِموتلہٕ ظأہر سپدان چھُ زِ کٔشیرِ منٛز چھےٚ بروٛنٛہہ کالہِ تہٕ رامانٛچہٕ ڈٕلیلہٕ مروجہٕ آسمٕژ مثلن شیخ العالمہٕ سُنٛد یہِ شرُک[1]

| | |
|---|---|
| دشہِ راونس نتِو جشن | لَس ہلمت وتے دوتو |
| رازٕ رامس وشل وشن | پانہٕ آشن لَس کیا دِتو |

چھُ یَتھ کُن اشارٕ کران[2] زِتِسنٛدِ وقتہٕ تہٕ چھِ رامائنکی قصہٕ لُکہٕ پأتھرن ہنٛدی

[1] کلیات شیخ العالمؒ۔ (دوٚیم ایڈیشن) ص۔۱۸۲

[2] مزید مطالعہ باپتھ۔ کمو۔ کأشُر لُکہٕ پأتھر (غأر مطبوعہ)

# کأشرس منز

# رامائن

ہندوستانٕچ خاصے کأنہہ زبان آسہِ یتھ ہٕتھ منزنہٕ رامائن یارام کتھا اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ لیکھنہٕ آمژ آسہِ۔ رامائن چھِ کأشرِ زبأنی منزٕ تہِ مختلف شأعرو لیکھی متی یمن منز ساری کھوتہٕ اہم پرکاش رام کُری گأمی سُند "رام اوتار ژربت" چھُ۔ یہِ رامائن چھ ییمہِ لحاظٕ تہِ اہم زِ ؤنس تام چھُ یوہے اکھ رامائن چھأپی صوٗرتس منز دستیاب۔ امہِ علاوٕ چھُ بیٚیہِ تہِ کینژن رامائنن ہُند ناوہنہٕ یوان۔ یمن منز ۱۹۱۸ ءمنز لیکھنہٕ آمُت ویشنہٕ کولن "ویشنو پرتاپ رامائن"، ڈب گاندربل کس نیل کنٹھ شرماسُند رامائن شرماتہٕ ترٚسلہٕ کس آنند رام ترسلہٕ سُند "رام اوتار بزبان کشمیری" شأمل چھِ۔ مگر یم ترٚ یشوے چھِ ؤنہِ چھاپس کھسنے۔ امہِ سبہٕ چھُ ضروری زِ کأشرین رامائنن ہُند مطالہٕ کرنہٕ وِزِ ہیکہِ اسہِ پرٚکاش رامنس رامائنس کُنے ژورتوجہ مرکوٗز سپدِتھ۔ یتھ منزٕ تہِ چھُ مے اوٚے یوہے رامائن زیادٕ پہن زیرِغور اونمُت۔ پرٚکاش رامنہِ "رامائنک سنہٕ تصنیف چھُ ۱۸۵۴ ءتہٕ باقٕے ترٚیشوے اچھأپٕ رامائن چھِ امہِ پتہِم۔ پتھہٕ پأٹھی چھُ پرٚکاش رامُن "رامہٕ اوتار ژربت" موجوٗدٕ تحقیقہٕ مطأبق

میلان ییٚمیٚک واٹھ رام سٕنٛز زندگیہِ یا گُنہٕ کارنامس ستیٖ آسہٕ ہے۔

پتھ کالچہٕ کٲشیرِ منٛز رام کلٹ مقبوٗل نہٕ آسنٕچ بیاکھ شہادت چھےٚ یتہٕ زِ

اَسہٕ چھُنہٕ تواریخن منٛز تتھہٕ کُنہٕ تہٕ ویشنو مندرُک ذکر میلان یتھ منٛز رام

سٕنٛزِ موٗرتی اَسہٕ چھےٚ۔ حالانکہِ للتادتیہٕ سٕندِس پرہاسپورس منٛز چھُ ''راماسوامن''[1]

ناوُک اَکھ مندر ٲسمُت مگر بقولہِ کلہن چھےٚ اَتھ منٛز ویشنو سٕنٛز روپہٕ موٗرتی

اَسہٕ یَس بنگٲلی تخریب کارو کیشو سوامن زٲنتھ پھٕٹرٲو مٕژ آس۔

بہر حال یمو کتھو تلہٕ چھُ ٹاکارٕ سپدان زِ رامانچہ کتھہٕ مروجہ آسنہٕ

باوجوٗد تہٕ ہیٚچ نہٕ رام سٕنٛز اوتٲری شخصیژ تہٕ تسنٛز بکھتی کٲشیرِ منٛز ہندوستانکین

مختلف علاقن ہنٛز ہشِ مقبوٗلیت پرٲوِتھ۔ اَمی ہیوٚکنہٕ کٲشُر سوچ تتھہٕ

پٲٹھی پانس کُن متوجہ کٔرِتھ یتھہٕ پٲٹھی یہِ کرشنہٕ سٕنٛز تعلیمہٕ تہٕ تسنٛز اوتٲری

شخصیژ کوٚر۔ شاید ہیکہِ اَمیُک وجہ پزِ انہٕ کٲشیرِ ہنٛز سیاسی جغرافیہ تہٕ تہذیبی

لین دین تہٕ اَستھ۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یتہٕ زِ شاید دِژ نہٕ کٲشیرِ ہندی غالب

رِوایتی فلسفن ویشنومتس پورٕ پٲٹھی پننی الگ پزٕنتھ قایم کرنس اَتھ وتھ۔

کٲشرِ زبٲنی منٛز تل ادبی سوٚتھرس پیٹھ رام بکھتی ہنٛزِ رِوایژ ہندِس

پرٕکاش رامن پتُن ''رام اوتارژربت'' لیکھِتھ۔ تس میوٗل اَمہِ قسمٕچ بیاینہ

---

[1] بقولہِ کہلن للتادتیہ بن کرناوِپرٕ ہاسپوٗرٕ کھداٲے یمیتہٕ مندرٕ کی آثار دِژ ایہِ۔ اَتھ اوس درواز کُنہٕ کھٕلتھ زِیہِ مندر بناوونو نکھمنن رامن تہٕ۔ اَمہِ مندرٕ چ ویشنو موٗرتی آیہِ پادشاہ سٕندِ ذِسیاٲکس نوٚس مندرس منٛز تھاونہٕ۔ اَتھی مندرس آو راما سوامن ناو تھاونہٕ۔ راج ترنگنی۔ ش ۴ ۲۷

موضوع آسی مَتی یِمن لُوکھ بڈٕ چاوٕ سان وُچھان آسی۔

ہیٚندی دورس منٛز چھُ کینٛہو سنسکرت شاعرو رام ادبس پننہِ قلمہٕ برٛزر کوٚرمُت۔ اَتھ سلسلس منٛز چھُ کھیٚمندر سُند ''دشم اوتار'' ناٹک اہم۔ اماپوٚز یُتھ ادب چھُ بوٚز زِ تھےٚ۔

رام چھُ ویشنوٕ سُند اوتار مانہٕ آمُت تہٕ ویشنومتُک اثر چھُ نیل مت پرانس منٛز تہِ۔ اَتھ پرانس منٛز چھُ ''مہی مانا''[1] ناوکہِ اکہِ تیوہارُک ذکر یُس موجوٗدٕ دورُک گوٗنگل ہیوٚ اوسمُت چھُ۔ کُملی چھِ اَمہِ دوہ سیتایہِ ہنٛز پوٗزا کران آسی مَتی۔ ویشنومت چھُ للتادتیہِ تہٕ تَس پتہٕ تہِ باقے متن لرِلوٗ رکشیٖرِ رأیج روٗدمُت۔ مگر پزر چھُ یہِ زِ اَمہِ باوجوٗد تہِ سپُد نہٕ رام کلٹ Cult کٔشیٖرِ منٛز کُنہِ تہِ توٗ آرٛزی دورس تِمہِ انملنہٕ مقبوٗل یِیمہِ انملنہٕ یہِ ہندوستانکین مختلف علاقن منٛز سپُد۔ چنانچہ نیل مت پرانس منٛز یِیمہِ سیتاپوٗزلیہِ ہُنٛد ذکر چھُ تتھ پَس پردٕ تہِ چھُ سیتا لفظُک ویدی تصور کار فرما۔ ویدن منٛز چھُ لفظ ''سیتا''[2] زمینہِ ہنٛز وہ پدآوی قووٕژ ہنٛزِ علامو رٔنگی ورتاونہٕ آمُت یِیمہِ وق سورنس ہتہٕ ستی بھوٗمی دیوی'' ہنٛز صوٗرتھ پرٛاوتہٕ نیل مت کِس کُملی سماجس منٛز زمینہِ ہنٛز وہ پدآوی قووٕژ ہنٛز پوٗزا چھنہٕ کانٛہہ تہٕ غار معموٗلی کتھ۔ یہِ کتھ تہِ چھےٚ توجہ طلب زِ نیل مت پرانس منٛز چھُنہٕ تتھِ کُنہِ بڈِ دُمک حوالہٕ

۱۔ نیل مت پران۔ ص۔ ۱۹۷

۲۔ جان ڈاوسن۔ اے ڈکشنری آف ہندو میتھا۔ ص ۲۶۱

رامائن تس کُن منسوب کرِتھ تتھ ''ویشنو پرٕتاپ رامائن'' ناو تھوومُت[1] ۔

ڈوگر دورس منزٕ ییٚ چھُ کشیرِ منزٕ تِمن کینٛژن اہم مندرن ہُنٛد تعمیر تہٕ سپُد مت

یِم رام یا راماینکین باقے کردارن سٟتی وابستہٕ چھِ ۔ بہرحال ڈوگرٕ راجن ہنٛزِ

رام بکھتی ہنٛزِ دلچسپی سنٛزٕ ورأے تہٕ ہکو یہِ اندازٕ لگٲوِتھ زِ اَتھ دورس دوران

آسہِ ہندوستانکیو مختلف علاقو پیٹھ رام بکھتین ہُنٛد جان تعداد کشیرِ کُن آمُت

یِمن ہنٛز ووتھ بیٹھِ سٟتی کشیرِ ہنٛدین گونماتن تہٕ اَمِچ دلچسپی پادٕ سپدیمٕو آسہِ ۔

یٚیمہ کہِ نتیجہٕ کٲشرِ زبٲنۍ منزٕ تہٕ مختلف گونماتو رامائن لیکھنس قلم آزمٲیی کٔر ۔

کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛدی رامائن چھِ جدید ہندوستٲنۍ زبانن ہنٛدین بیشتر

رامایَنن ہنٛدی پٲٹھۍ ادھیاتمہِ راماینکس طرزس پیٹھ ۔ ادھیاتمہ رامائن چھُ

اَکھ لوکٹ پُران یٚیمیُک تصنیفی زمانہٕ نوٚم صدی مانہٕ یوان چھِ ۔ اَتھ پیٹھ

چھُ ویدانت فلسفُک اثر تہٕ ۔ اَتھ رامائنس منزٕ چھِ رام تہٕ سیتا ویشنو تہٕ لکھمی

ہنٛدی اوتار مانہٕ آمتی ۔ اَمہِ راماینُک اہم مقصد چھُ رام بکھتی ہُنٛد پرٕچار تہٕ

پھٲلاو ۔ کٲشرٕن راماینن منزٕ تہٕ چھِ رام تہٕ سیتا ویشنو تہٕ لکھمی ہنٛدی اوتار

ہاونہٕ آمٕتی تہٕ یِمن منزٕ تہٕ چھ ادھیاتمہ رامائن تہٕ تُلسی نہِ شہرٕ آفاق تصنیفہِ

''رام چرِت مانسکی'' پٲٹھۍ رام بکھتی بجر بخشنہٕ آمُت ۔ رام کتھایہِ ہنٛز اولین

تصنیف چھےٚ والمیکی رامائن ۔ مگر امیُک رام چھُ اَکھ ہیر ونز کاتھہ اوتار ۔ سُہ

چھُ اَکھ بُلند اخلاق تہٕ باأصوٗل انسان یُس پنٛنس مٲلی سُنٛد بول بجا اَنہٕ

[1] کشمیری زبان اور شاعری جلد دوٚیم

شاعری باپتھ ماحول تہٕ سازگار۔ تس برونٛہہ دھار مِک شاعری ہنٛز غالب صنفہٕ آسہٕ واکھ، وژن تہٕ پدیم نہر اکار دِیہ بکھتی باپتھ موزوٗن آسہٕ ۔ مگر تٔمِس دور اوس مثنوی صنفہِ ہنٛدِ عوٗروٗج دور ۔ اکہِ طرفہٕ اوس تمن کاشرٕ ن شاعرن ہُند اکھ کاروان بارسس آمُت یم فارسی بیترِ زبانن ہنٛدی منظوٗم داستان کاشر اونس کُن لگیٚمتی آسی تہٕ دوٚیمِہ طرفہٕ آسی پرمانند ہوی شاعر یُن بکھتہٕ باوباونہٕ باپتھ ہندوستانی دیومالاہن پٮ۪ن بائژٕ سیلہٕ بناونس درپے ۔ چنانچہ تٔمِندی زِٹھی ہمکال پرمانند تہٕ محموٗد گامی ہنٛزن طویل نظمن تہٕ مثنوی ین ہُند شوہر اوس دوٗردوٗر تام ۔ ممکن چھُ زِ تتھس ماحولس منٛز آسہِ ہے دِیہ بکھتی تہٕ شاعرانہٕ ذوق تھاوَن والِس پرکاش رامس تہِ یژھ شاعری باپتھ وتش لوٗگمُت ۔

دوٚیم کتھ چھےٚ یہ تہِ زِ افغان دورِ حکوٗمتہٕ پتہٕ یپِلہِ کٔشیر سِکھ تہٕ ڈوگرہٕ اقتدارس تل آیہ یہِ چھُ اغلب زِ اَتھ دورس منٛز آسہِ ہے شُمالی ہندوستانکین سادن سنتن ہُند کٔشیر کُن روزٕ وَہر یوٗمُت تہٕ یمن ستی آسہِ ہے کٔشیرِ ہندٕ ن دیہِ بکھتین تہِ ووتھنہٕ بہنٛک موقہٕ میلان ۔ چنانچہ پرمانند تہٕ ویشنہٕ رازدانس متعلق چھےٚ تذکرن یُس پرٛھن دوتھہِ بیٹھن ہنٛز ذکر کرمُت ۔ ممکن چھُ زِ کُری گامس تہٕ آسہِ یہنٛزی صوحبَژ زیرِاثر رام کتھا کاشرِ اونچ کل گٔمژ ۔

یہ کتھ تہٕ چھےٚ دِلچسپ زِ کاشرِ زبانِ ہنٛدی ساری رامائن چھِ ڈوگرہٕ دورس منٛز لیکھنہٕ آمتی تہٕ ویشنہٕ کولن چھُ پرتاپ سنگھنی خوشنوٗدی پرٛاونہٕ باپتھ پٮ۪ن

مختلف جدید ہندوستانٔی زبانن منٛز شُرٲہمہِ صٔدی دوران لیکھنہٕ آیہٕ تِمن منٛزچھِ اکثر ستو بجایہِ ٲٹھ کانڈ تہٕ ٲٹھمس کانڈس منٛز چھِ لوکوش ژربتکۍ واقاتھ شاٲمل کرنہٕ آمتۍ یمن منٛز خاص پٲٹھۍ لَوتہٕ کوش سُند رام تہٕ تَسندین باین ستۍ کرنہٕ آمتہِ جنگُک ذکر اہم چھُ۔ییلہِ زن یہِ ذکر چھُنہٕ کُنہِ تہِ قدیم رامائنس منٛز درینٛٹھۍ گژھان۔ ٲٹھمہِ صدی ہندۍ مشہوٗر سنسکرت ناٹک نگار بھوبھوٗتی ین چھُ پننس ''اُتر رام چرت'' ناٹکس منٛز یہِ جنگ ہووُمت۔ ممکن چھُ زِ ہندوستانکین مختلف علاقن منٛز مروجہ لُکہِ کتھن منٛز تہِ آسہٕ ہے اَمہِ جنگُچ ذکر یُس پَتہٕ میوٗ رامائن لیکھن والیو تہِ پننین رامائنن منٛز شاٲمل کوٚر۔ یہِ ذکر آسہِ پرٛکاش رامَن تہِ کُنہِ بوٗزمُت یا پوٚرمُت تہٕ یتھہِ پٲٹھۍ کوٚرتمۍ تہِ پننس رامائنس منٛز یہِ الگ پٲٹھۍ لوکوش ژربت عنوانس تحت شاٲمل۔

پرٛکاش رامَنس رامائنس منٛز چھِ تِتھۍ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ قصہٕ تہٕ کتھہٕ یم نہٕ والمیکی یا ادھیاتمہٕ رامائنس منٛز چھےٚ۔ یمن منٛز چھےٚ اَکھ ذلیل سیتایہٕ ہنٛدِس زنٛمس متعلق۔ اَتھ متعلق چھےٚ باقےٚ زبانن ہنٛدین مختلف رامائنن منٛز تہِ وَکھرٕ وَکھرٕ ذلیلہٕ نظرِ گژھان۔ مثلن تبّتی تہٕ کھیتانٔی رامائن تہٕ جاوا کہ'' سیرت کانڈٕ'' مطاٲبق چھےٚ سیتا راون تہٕ منٛدوٗدری ہنٛز کوٗر یُس جیوتشن ہنٛزِ ییٚمہِ پیشنگوئی مطاٲبق زبالغ سپدِتھ بنہِ سوراونہٕ ہنٛز معشوقہٕ تہٕ تَسنٛدِ خاندانچہِ تباہی ہُنٛد وجہ صوٚ نٛدوٗقس ہٕرِتھ سمندرس داٲرِتھ دِنہٕ آمٕژ ٲس تہٕ چھیکرس

باپتھ راجُت ترأ وِتھ ون رٹان چھُ ۔ آشنہٕ ہٕنز رأ چھ راوچہِ باپتھ سوٚ درو ئزِ تھ راونس ہٕتی جنگ کران چھُ تہٕ عوامچہِ خوٚشی باپتھ ذأتی مسرتن ہُنٛد ہوٚٹ چیران چُھ ۔ بودھ تہٕ جین جاتکن منٛز تہٕ چھےٚ رامہٕ ہٕنٛدِ اَمہِ آدرش اخلاقٕچ تصویر بروٚنٛہہ کُن یوان ۔ مگر ادھیاتمہٕ رامائنس تام واتان واتان چھےٚ سمیہ پھِرس ہٕتی ہٕتی رام ہٕنز شخصیتھ انسأنی سوٚتھرِ پیٹھ ہیوٚر کھسِتھ اوتأری رِپ پٕراوان تہٕ اَمہِ پتہٕ یمہ تہِ رامائن تصنیف سپدی تِمن منٛز چھےٚ بیشتر پأٹھی رام سٕنز یہے شخصیتھ ووتلاونہٕ آمٕژ ۔ ادھیاتمہٕ رامایٕنکی پأٹھی چھُ کأشرِ ن رامایٕنن منٛز تہٕ خاص پأٹھی پرٛکاش رامنس رامائنس منٛز تہِ رام تہٕ سیتایہِ ہُنٛد زنم پاپھ تہٕ ادھرمٕچ علامتھ راوٕن مارنہٕ سببہٕ سپُد مُت ۔

پرٛکاش رامنہٕ رام اوتارچہِ کتھِ ہُنٛد پینٛز وونُن یوٚ دوے زیادٕ پہن ادھیاتمہٕ رامائنس ہٕتی رلان چھُ وون گو ادھیاتمہٕ رامایٕن ہٕتھ پأٹھی رامانج نہِ ویشنوی فلسفہٕ برٕتھ چھُ پرٛکاش رامنس رامائنس منٛز چھِنہٕ تِمہِ حسابہٕ فلسفی زأوی جار چُھکاونہٕ آمٕتی ۔ دوٚیم کتھ چھےٚ یہ تہِ زِ پرکاش رامن چھےٚ اَمچہِ ڈٕلیلہٕ منٛز تہِ کُنہِ کُنہِ الگ رنگ کھارٕنٕچ کوٚشش کٔرمٕژ تہٕ کینٛہہ تِم قصہٕ تہٕ ڈٕلیلہٕ تہٕ شأمل کٔرِمٕژ یِم نہ ادھیاتمہٕ رامائنس منٛز چھےٚ مثلن ''لوکوش ژرٕہت'' یُس اَتھ ہٕتی ضمیمہٕ رٔنگی شأمل چھُ، چھِنہٕ والمیکی یا ادھیاتمہٕ رامائنس یا بیٚیہ کُنہِ قدیم رامائنس منٛز شأمل ۔ یمن منٛز چھِ صرف سَتھ کانڈیا حصہٕ مگر یِم رامایٕن

پڑ کاش رامنس رامائنس منز چھُ سیتایہ ہنز زاأم ہُند قصہٕ تہٕ یمہِ

مطأبق رام سیتایہِ زاأم ہنز سأزشہِ کنۍ اجودھیانہِ منز کڈتھ ژھنان چھُ۔

''رام اوتار ژرہتک'' ترتیب کار ڈاکٹر بلجی ناتھ پنڈت چھُ اَتھ پڑ کاش رامنہِ

تخیلُک پأداوار مانان یُس نہٕ صحیح چھُ۔ یہِ قصہٕ یوٚ دوے والمیکی، ادھیاتمہٕ

تُلسی یا بیٚیہٕ تہِ بیشتر راماینن منز چھنہٕ اما پوٚز زالہٕ پلہٕ تتھے ہیوٚ قصہٕ چھُ بنگألی

زبأنۍ ہٕندس مقبوٗلہ عام رامائن ''کرتی واس'' رامائنس منز وچھناونہٕ آمُت۔

''رام اوتار ژرہت'' چھُ سأنس مثنوی ادبس منز شأمل مگر یہِ چھُ

بیشتر مثنوی ادبہٕ نشہِ یمہِ لحاظہٕ وکھرِ زِ یہِ چھُنہٕ کُنہِ اَکہِ مخصوٗص داستانُک

ترجمہٕ۔ یعنے پٔنن رامائن تصنیف کرنہٕ وِز چھُنہٕ پڑ کاش رام بیٚیہٕ زبأنۍ ہٕندس

کُنہِ مخصوٗص رامائنس پوٚرٕ تابع روٗدمُت۔ بلکہِ چھِ تمۍ اَتھ منز تم مختلف کتھہٕ

تہِ شأمل کرِمژٕ یِم تمۍ مختلف وٚسیلو اورٕ یورٕ مژٕ یابوزمژٕ آسن۔ ووٚن گوٚ گُلس

پیٹھ چھُ امہِ رامائنُک مزاز یمہِ حسابہٕ ادھیاتمہٕ رامائنس ستۍ ہشر تھاوان

زِ امہِ کِنۍ مختلف کردارن چھُ مذہبی تہٕ عقیدتی مل مایہ کھارنہٕ آمُت۔

مختلف زبانن ہٕندۍ کیٚنژن راماینن منز چھُ شأعرانہٕ فنُک تہٕ

بکھتی ہٕندِ رسُک اَکھ تیُتھ مأری موٚند سنگم زِیمن چھےٚ پننس ادبس منز اَکھ

پوٚشہِ وِنۍ حیثیت حأصل۔ شأعرانہٕ فنس منز چھنہٕ والمیکی رامائن تہِ کم

کیٚنژہ بلکہ چھُ اَتھ منز والمیکی سُند مقصدے ترٛٹھ شأعری پیش کرٕنۍ

اُس راز جنکس نش وأ ژ ہوٚیمی سو پنٕنہٕ کور ہٕندی پأٹھی زٕچھ ۔ ''ادبُت رامایَن''، ''آنند رامایَن'' تہٕ کھمندرنس ''دشم اوتارس'' منٛز تہٕ چھےٚ سیٖتایہٕ ہُنٛد راونس نش ژٕھٹۍ ییٚنہٕ سنتان واتنٕچ ذکریَس پتہٕ پیشنگویی ہٕنٛدِ خوفہٕ کِنۍ مندوٗدری ہٕنٛدِ مشورٕ رازٕ جنک ہٕنٛدِس علاقس ''میتھلایہٕ'' منٛز زمینہٕ تل دوبراونہٕ یِوان چھےٚ تہٕ ییٚنہٕ تس رازٕ جنک حأصل کران چھُ ۔ ''دشرتھ جاتک ملیشاچہٕ''، ''رام سیری'' تہٕ انڈونیشاچہٕ ''رام کیلنگ'' کتھہٕ مطأبق چھےٚ سیٖتا دشرتھ[1] ہٕنٛز کوٗریس راونس نش وأتتھ پتہٕ تَسنٛدِ ڈٕسی سوٚ درس دأرِتھ دنہٕ یِوان چھےٚ ۔ پرٛکاش رامنہٕ رامایَنہٕ مطأبق تہٕ چھےٚ سیٖتا راون تہٕ مندوڈری ہٕنٛز کوٗر ووٚن گوٚأتھ منٛز چھےٚ کشیٖرِ ہٕنٛدِ ماحولہٕ مطأبق سوٚ درٕ بجایہٕ کولہٕ ہٕنٛز ذکر۔ اَتھ منٛز تہٕ چھُ رازٕ جنک سیٖتایہٕ زمین کھنٛتھ میوٚتل کڈان۔

کأشرس رامایَنس منٛز چھےٚ مہراوننہٕ ڈٕسی رام تہٕ لکھمن ژوٗرِتھ پاتال واتناونٕچ ذٕلیل ییٚتہٕ تمن ہنومان پننس نیچوٚس ستۍ جنگ کرنہٕ پتہٕ موکلاوِتھ انان چھُ ۔ یہٕ ذٕلیل تہٕ چھےٚ نہٕ ادھیاتمہٕ رامایَنس منٛز بلکہٕ چھےٚ یہٕ ذٕلیل سنسکرت زبأنی ہٕنٛدِ ''آنند رامایَنس''[2] منٛز ووٚن گواتہٕ چھُ مہراوننہٕ بدلہٕ اَہراوٕن یُس صرف لکھمنس ژوٗرِتھ پاتال واتناوان چھُ ۔ اَتھ منٛز تہٕ چھُ ہنومان ہٕندِ بن شُرٕ بن ہُنٛد ذکر۔

1. یہٕ ہیٚکہٕ مقأمی اَثرٕ اسِتھ تہٕ ممکن چھُ زِ یمن تہذیبن منٛز آسہِ ہے تتھ دورس منٛز Incest جأیز
2. آشا بھارتی، رامایَن کے ناری پاتر (ہِندی) ص ۲۵

سہل زبأنی ہندِس ورتاوس ستۍ ستۍ چھےٚ پڑ کاش رامن یہِ وو پر
ڈلیل کأشرِ ماحولہٕ تہٕ فضا ستۍ رنگنچ کوٗشش تہٕ کرہو۔ کأشری تپر تھ، پوشہِ
ذأژ، باغ، بال تہٕ ونن ہُند یَسلہٕ ورتاو کرِتھ چھُ أمی نہ صرف اجودھیاتہٕ
ڈنڈک ونس منز کأشُر ہوا نو اتہٕ فضا پأدٕ کوٚرمُت بلکہ چھن رامائن کمن
کردارن تہٕ کأشر سکوٗنت دِنچ کوٗشش کرہو۔ مثلن سیتاہ ہُند زمینس تل
غأب گوھنُک قِصہٕ شنکر پورِکس شنکر ناگس ستۍ وابستہٕ کرِتھ چھُن اَتھ کأشُر
رنگ کھورمت۔ شاید چھُ شوز تہٕ سہل زبأنی بیٚیہٕ مُقأمی ماحول وو تلاونہٕ
موٗجوٗ بے اوہند رامائن کأشرِ مثنوی ادبکہِ بڑِ امبارِ منزٕ الگ سپدِتھ تمن کیٚنژون
مثنوی ین منز شأمل سپُد مُت یمو عوأمی سوٗتھرس پیٹھ مقبوٗ لیتھ پڑأو۔

وول گوضروٗری چُھنہٕ زِ کانْہہ مقبوٗل فن پارٕ کیا آسہِ فنی لحاظہٕ بُلند۔
یتہِ چُھ پزر زِ پڑ کاش رامُن "رامہٕ اوتار" چھُ شعری خوٗصوٗیو و بجایہٕ پننہٕ
عقیدتی تہٕ بکھتی تزلیہِ موٗجب مقبوٗل سپُد مُت تہٕ پڑ کاش رامُن مقصدتہٕ
چھُ پرژشأعری تخلیق کرنہٕ کھوتہٕ پنُن بکھتی جذبہٕ باوُن اوسمُت۔ کُنہٕ کُنہٕ
چھُ تس یُہے مقصد پننِن فنی صلأحیون ہُند برپوٗر اظہار کرنس حأیل
سپُد مُت۔ رامائنک پلاٹ چُھ پننہِ باڈٕ موٗجب تیُتھ زِ اتھ منز چھِ رزمیہ یکھ
گون تہِ تہٕ رام تہٕ سیتایہٕ ہندس ہجر وصلہٕ کس داستانکس صوٗرتس منز بزمیہِ
گون تہِ۔ وونٕی اگر اَمہٕ ڈلیلہِ ہنز باوتھ کأری باپتھ چھر ابزمیہِ اندازٕ ورتاوو

اوسمُت یَس لُؤکن دُنیاؤی زندگی ہِنْد بو دوٗلا بونشہِ ہناموکجار دِتھ تھدِ پانٛچ مسرت تہٕ فرحت بخشہِ ہے۔ دھارمک نُقطِنگہِ پیٛٹھہٕ تہٕ کیٛنہہ رامایَن چھِ پننیو فنی خصوصیٚو موٗجب پنٕنہِ زبانٕ ہِنْدی نُمایندٕ فن پارٕ بنیمٕتی۔ ہیٚندی ہُنْد ''تُلسی رامایَن'' بنگالی ''کرٕت واس رامایَن'' مرأٹھی ''سیتا سویمور'' آسأمی مادھوکندلی رامایَن، تامل ''کمب KUMB رامایَن'' تہٕ تیلگو ''دیو پدرامایَن'' چھےٚ یِتھہ کیٛنہہ مثالہٕ یمن سٟتۍ نہٕ کأشرۍ رامایَن یمن منٛز پرٛکاش رامُن رامایَن تہِ شأمِل چھُ مقابلہٕ کٔرِتھ ہیٚکن تِکیازِ یمن منٛز چھےٚ کیٛنہہ فنی لغزشہِ۔ مثلن نی تو ''ویشنو پرٛتاپ رامایَن۔'' اَمِچ روانی چھےٚ اُردو، پنجأبی، ڈوگری تہٕ کأشرِ زبانٕ ہِنْد ستہٕ سأری ورتاوٕ سٟتۍ مُتأثر سپز مژ تہٕ باضے چھُ قأری تہِ یہِ سونچان سونچان راوان زِ یہِ کمہِ زبانٕ ہنٛز تخلیق مانہون۔ چنانچہِ ویشنہٕ کولس چھُ رامایَن کأشرٕن شعرن منٛز وکھناونہٕ بجایہِ پرٛتاپ سنگھ خوش کرنُک مقصد توٗتھ اوسمُت۔ اَمہِ سببہٕ چھُ تٔمی پنُن فن أتھی مقصدس پیٛٹھ قوربان کوٚرمُت۔ ووٚں گواَتھ مقابلہٕ چھُ پرٛکاش رامُن رامایَن سرس تیٚچ زبان شوٗزتہٕ سہل چھےٚ۔ کُنہِ کُنہِ یوٚ دوے سنسکرت تہٕ فارسی زبانٕ ہُنْد لفظت تہِ ورتاونہٕ آمُت چھُ سُہ چھُ عام فہم تہٕ عام ورتاوک۔ اتھ منٛز چھُ محاورأتی زبانٕ ہُنْد ورتاو تہِ پرکاش رامنۍ خوٗبی چھےٚ یہے زِ أمۍ چھنہٕ دوٚپر زبانٕ ہُنْد بور زورٕ پانس کھور مُت۔

لٹہِ وُچھنک منظر چھِ جان شأعری ہنٛدی نموٗنہٕ تہٕ پرٛکاش رامنہِ فنی صلاحیژ ہنٛد انداز چھُ یتھوٕ ےشعر وتلہِ سپدان ۔ یتھی ہوی شعرٕ نموٗنہٕ نظرِ تل تھأوِتھ ہکون "رامہِ اوتار ژرہت" کأشرِ مثنوی ادبُک اَکھ مولُل فن پارٕ مأنتھ تہٕ ہرگاہ گُنہِ فن پارُک مول یتھ کتھِ پٹھ آسہِ زِیہِ کتھ حدس تام چھُ قأری ین ہُنٛد دل رٚنزنأوِتھ ہیکان تیلہِ چھُ "رام اوتار" کأشرِس ادبس اَکھ بیش بہا برٛژر تِکیازِ یہِ چھُ کأشرِ مثنوی ادبُک سُہ فن پارٕ یُس پتہٕ موتہٕ ییو ژوروپیر ہو پٹھٕ کیٛنہہ وٚری برونٛہہ تام وندچن ترٛنبن رأژن منٛز الہ پلہٕ پرٛتھ بٹہٕ گرس منٛز پرنہٕ یوان اوس۔ییمہِ ستی کأشرٮ۪ن ہنٛدس رام کتھایہِ ہنٛدِس مونٛڈیمتِس یادٕ وٚترِس نٔو پین لٚج۔ییمہِ کہ نتیجہٕ رامایِن کیٛن اساطیرن واقاتن ،حأدثن تہٕ منظرن ہُنٛد دُنیا سانہِ دوہ دشکہِ بول چالُک تہٕ وٕنہٕ باوٕ ژہُنٛد اژھبن انگ بنیو و۔ چنانچہِ اگر پرٛکاش رامس برونٛہہ کأشرِ شأعری پٹھ نظر تراوو شاید گوژھنہٕ اَسہِ شیخ العالمؒ ورأے گُنہِ تہِ رامایِن کیٛن کردارن تہٕ قصن ہُنٛد تخلیقی ورتاو نظرِ۔ مگر پرٛکاش رامس یورُگن یوٚ دوے اٚسی پننس ادبس چاہے شأعری آسہِ یانثر ،ژھأنڈِ موآسہِ گوژھن رامایِن ماخذچن علامژن ، تلمیحن تہٕ تمثیلن بیترِ ہنٛزٕ مثالہِ ہانظرِ ییمِہ یہِ کتھ ہاوان چھِ زِ کأشرِس منٛز چھنہٕ رامایِن چھرا اکھ مثنوی بٔلکہِ چھےٚ وٕنی اَمِچ اَڈرن سأنس سونچس تہٕ فکرِ ستی تہٕ۔

امیُک مجموٗعی توٗثر سپد متأثرتہٕ ہرگاہ چھرارزمیہ اندازٕ ورتاووتمہٕ ستۍ تہٕ سپد شأعرانہٕ فنس منٛز خلل۔ پرٛکاش رام تہٕ چھُ چھرا بزمیہٕ اندازس لور رٗ دمُت یمہٕ سبہٕ اَمہٕ ڈلیلہٕ ہنٛز تاثرأتی توٗژھ پوٗر پأٹھی بروٗنہہ کُن چھنہٕ آمِژ ہرگاہ تٔمۍ کانٛہہ درمیأنی وَتھ رٔٹمِژ آسہٕ ہے ممکن چھُ زِتَسنٛز شأعری آسہے زیادٕ جاذِب نظر۔

پرٛکاشؔ رامن چھُ کُنہ کُنہٕ قصہٕ غأر ضرٗ وری طور ژھوٗٹرووُمت تہٕ کُنہ کُنہٕ زِیٹھرووُمت۔ مثلن دوٗیِ سٔنز غا بَتھ تہٕ کھر دیوٗ سُند جنگ چھُ اشارتًا باوُنہٕ آمُت۔ اہلیایہٕ ہنٛز ڈلیل چھےٚ بلاوجہ دوٗیہ لٹہِ دنہٕ آمِژ۔ کیٛژون کتھن منٛز چھنُ ڈُمبل تہِ تھووُمت۔ مثلن تارأ سا سگر یوٗ سنٛز آشینٛی کِنہٕ وأتی سنٛز یہِ چھُنہٕ واضح سپدان۔ یا ناگن ہنٛز ماجہِ سوٗرسایہٕ ہُند ذکر چھُن مُذکرس منٛز کوٗرمُت۔ کیٛژون مکالمأتی شعرن منٛز چھےٚ أکی ہے خیالس ٹأنٛٹھ کھارنہٕ آمِژ یَس غأر ضرٗوری طوالتُک باس دوان چھےٚ۔ یہِ طوالتھ چھےٚ کیٛژون لیلا ین منٛز تہٕ۔ اَتھ منٛز موجوٗ دلیلاےُن ہُند گُنجار چھُ یہِ کتھ بروٗنہہ کُن انان زِ پرٛکاش رامُن مقصد چھُ رامانٛچ ڈلیل وننہٕ کھوتہٕ پننہِ بکھتی لولُک اظہار کرُن اوسمُت۔

ووٗں گوٚ اَمہٕ سأرے باوجوٗ دتہٕ چھُنہٕ اَتھ منٛز تھبن شعرن ہنٛز کمۍ یم دلکش واقعہٕ نگأری تہٕ جذباتھ نگأری ہنٛدی رٔتی نموٗنہٕ چھہِ۔ راونہٕ سٔندِ ڈسی سیتا ژوٗرِ نُک واقعہٕ، سیتایہٕ ہنٛز اگنی پریکھشا تہٕ رامہٕ سُند لوٚتہٕ کوٚش گوڈنچہِ

بدل لفظن منز باونہٕ یتھ

مُہہ سننِدِ سُمہِ کنہِ ینٛدرے دارِ چھے
یم تارِ گیہِ تم دشہِ اوتار چھی
دہ شُمر ادئہ خدمت گار چھی
کرِ ژِ دشہار گرِ ژِ دشہار

پرماتماتہٕ اَپَر
دیشہِ کالہٕ رُوٗس تہٕ ست گور
بۆ رمُت تیمی ژراژر
سہز وہٕوار کرُن

اومس ارتھس او ہکس نیاے چھُ درٛ امُت
اوماپرٛ لےاوم زِندے چھُ مۆ دمُت یے
کبتھ پان سوپٔنس یُتھ زِشونٛگِتھ چھُ رۆ دمُت یے
یِی چھُکھ تی چھُکھ چھُکھ نہ بیٛون وُچھوٗن یے
مون زِ پرماننٛدنہِ زبأنی چھُ عٔلمی اوبر گوبر یٖمہِ مۆجب یہِ کیٛنژون
لۆکن ہنٛدس فہمس منز چھےٚ نہٕ یوان۔ ووٚں گو ہرگاہ اَتھ وارِ سنوتیٛلہِ ہیٛکہِ

# پرمانندُن زبانٔ ورتاو

پرمانندنہِ زبانٔ متلق چھُ اکثر یہِ وننہٕ یوان زِ یہِ چھےٚ مشکل تہٕ سنسکرت آمیز۔ مگر اَمہِ خاطرٕ چھُنہٕ سُہ خطادار۔ امیک وجہ چھُ سُہ ماحول یتھ منٛز تٔمۍ سٕنز شاعرانہٕ شخصیتھ پرٛتھیہٕ تہٕ بڑیہٕ۔ سوامی جی اوس اَکھ پایہٕ بوٚڈ یوٗگی تہٕ فلسفیانہٕ مزاژُک شاعر۔ تٔہنٛز شاعری ہٕنٛدس پوٚت منظرس منٛز چھُ ہنٛد وفلسفک سوٚ دُرلبھ ژھٹان۔ اَمہِ سبہٕ چھُ تٔمۍ سٕنز شاعری منٛز امہِ فلسفٕک اصطلاح تہٕ لفظ یَسلہٕ پأٹھۍ آمتۍ۔ اَکھ ٹوٹھ تہٕ سراپا کرٛشنہٕ بٔکھتۍ آسنہٕ موٗجب اوس لأزمی زِ سُہ ورتاو ہے شعرن منٛز ہنٛدو دیو مالاتہٕ درٕمکۍ اصطلاح۔ یِمہِ سبہٕ تٔمۍ سٕنز زبان مشکل چھےٚ باسان۔ تٔمۍ سٕنز شاعری ہُنٛد اَکھ باگہِ بوٚڈ رُت حصہٕ چھُ عقیدتی یتھ منٛز کرٛشن تہٕ باقے دیوی دیوتاہن ہنٛز آرادنا تہٕ توتاہ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ اَمہِ خاطرٕ پیوٚ وٕنۍ ہنٛدوستأنۍ زبانن ہُنٛد اتھہِ دارُن۔ غرض تٔمۍ سٕنز شاعری ہٕنٛدۍ موضوٗع آسۍ تمہِ نوٗعیژکۍ زِ تِمن پیوٚ و مروجہ ادبی زبانٔ بدلہٕ اَکھ نوٚو طرز اِظہار پننہِ باپتھ وٗری یاف کرن مثلن یِم کینٛہہ شار کیاہ کہِ ہن

شاعرن ہِنز کرو ٚتیلہِ باسہِ نہٕ تِہندٕ زبان تیژ غار فہم تہٕ مُشکل۔ اما پوٚز یہِ چھُ نہٕ ضروٗری زِ اَکس تخلیق کارٕ سُند سورٕے فن کیا آسہِ پاسہٕ سون۔ اَتھ چھُ رَل تہِ ہہٕکان اَسِتھ۔ مگر تمہِ ہِنز ہہکو نہٕ تِہندی تم شعر تجربہٕ نظرانداز کٔرِتھ یمن منز تِہندٕ شاعرانہٕ تہٕ فنکارانہٕ شخصیژ تہٕ تخلیقی صلاحیژ ہُند بہار تہٕ جہار پوٗرٕ پاٹھی پھولِتھ آسہِ آمُت۔ مثلن وُچھی تو توٚم کیٚنٛہہ توٚ مونہٕ۔

براندس داوٕ لوٗکہٕ پال لرٕ ہڈ ڈولنہٕ

شاندس پیٹھ وُژھی ساوانو

داندس برٕشبس شیوٕ جی زاگانہ

تار گومُت تار امنڈل

دٕہو کُنہِ کَنی آمژ ودل

وُچھو گوڈنکس بندس منز کتھہِ پاٹھی چھُ سادٕ تہٕ سہل لفظو ژٕسی الگ الگ پیکر تراشی کٔرِتھ بڑٕ کھابنہِ گرٕچ تصویر بروٗنہہ کُن انہٕ آمژ۔ تِتھے پاٹھی چھِ دوٚیمس منز عام فہم زبانی ژٕسی سورٕے تارک نب زِندٕ زوٗکردارن ہِندس صوٗرتس منز بروٗنہہ کُن یوان۔ یِم شعر پرٕتھ تہٕ بوزِتھ کُس ہہکہِ توٚ ہمتھ لاگِتھ زِ پرٕ ماند کیا چھُ عام فہم زبان ورتاونس بےٚ مآل لاگان یا یہِ زِ سُہ کیا چھُ پرٕتھ ساتہٕ مشکل زبان ورتاوان۔ پزرٕ چھُ یہِ پرٕ ماند چھُنہٕ زانِتھ مانِتھ

تَسُند یۄٚ ہے انداز بیان تسنٛز پھیرِ ہاو خوٗصوٗصیتھ اَسِتھ۔ پنٕنہِ سری رو حجانہٕ موٗجب چھُ سُہ لل دیدٕ ہند بن قبیلہٕ کِبن شاعرن ستی شامِل سپدان۔ اما پوٗز پننِن پیشرون نِشہٕ چھُ سُہ بقولِ راہی پننہٕ "تاویل پسند شوقہٕ" کنی الگ مقام پراوان۔ یُہے رو حجان چھُ تس اَکھ منفرد وصف تہٕ اَمہِ کی اثر چھُ سُہ پننِن لفظ تراشی ہنزن قابلہِ قدر صلاحیون ہُند ثبوت دِوان۔ سُہ چھُ لفظن ہنٛز ژٕھ کٕٹھ منشہِ مطابق کران تہٕ یتھہٕ کنی چھُ کاشرِ زبانی منٛز موٗجوٗد اظہار بیان کِبن اِمکانی قوژن نیشہِ ناوان۔ کانسہِ تہٕ شاعرس غارِ مونوٗس تہٕ غارِ فہم زبان ورتاوُنچ توٚہمتھ لاگنہٕ برونٛہہ چھُ ضروٗری زِ اَسی دِموٚیتھ پزرس کُن تہِ توجہ زِ زبانی ہنٛز یہِ غارفہمی ترٛاے ماچھے موضوٗع کہ نورٕ موٗجب تخلیقی مجبوٗری ہُند نتیجہٕ۔ ووٚن گوٚیمہ کتھ نش تہٕ ہیکو نہٕ قطعی اِنکار کٕرِتھ زِ کُنہِ ساتہٕ چھے پرمانندس فلسفیانہٕ ترٛاے غالب سپدان تہٕ سُہ چھُ تمہِ ساتہٕ فنہٕ کیو تقاضو نشہِ غفلتھ ورتاوِتھ پننِن تخلیقی صلاحیون برونٛہہ کُن پنٕنس روٗٹ کران۔ اِیتھبن موقن پیٹھ چھے تسنٛز زبان پُزی پاٹھی گوب تہٕ غارِ فہم بنان۔ یوٚہہ زبانی ہند ورتاو چھُ غارضروٗری باسان تہٕ باضے چھے یوٚہہ زبان بناوٹی تہٕ باسان۔ یہِ نوقص چھُ تَسند بن الہٕ پلہٕ سارنے ہمکال مثنوی نگارن منٛز تہِ۔ یِہنٛزن مثنوین منٛز فارسی لفظن ہنٛز یَسلہٕ برمار آسان اَس تہٕ کاشُر لفظ اوس گاہ بگہٕ ہے زنتہٕ چاری ہانٛزِ لوٗگمت باسان۔ ہرگاہ پرمانندن مقابلہٕ تِمن

سادن چھُ سُے پھل منگانو
ژُھٹھس رادا سہتِ کرشنہٕ بھگوانو
ژٕتھ، ومرشہِ، دپتہ مانہ بھگوانو

انیوٚ نتان اَن چھُ تمکُے وِگنے
کرزون یمو زِ تیاگ گوس غرضین
پرمانندتس روزی الگنے
لگہٕ نے تتہ، گنہِ کیاارزن

ژھاران جنگل تہٕ بیٚبہٕ بیابانہٕ
وبا پکس کُنہِ چھُ نہٕ وبا پانو
رشہِ روٚس ریشیٚ تس نش چھِ واتانہٕ
ژٕتھ وِمرشہِ دپتہٕ ملنہِ بھگوانو

لفظن ہنٛدی یم نوہنہٕ تہٕ نبرل ورتاوتہٕ انہار چھِ شاعرِ ہنٛدِ انٛد ازِ بیانٕچ بے تکلفی برؤنہہ کُن انان۔ زبانٛی ہنٛز یہ روانی تہٕ برجستگی چھےٚ شعرن منٛز باونہٕ آمتین تجرٕ بن جوش تہٕ شِدتھ و وتلاوتھ پرن والین تہٕ پانس ستی پیٚرِ والان۔ کُنہِ کُنہِ چھےٚ جذبٕچ یِہے شِدتھ پرمانندن مخصوص لہجہ مرتب کران۔ مثلن ـــ

پننہِ زبأنی منٛز اوبر گوبر اَنان ۔ بَلکہِ چھُ یہِ مخصوٗص تخلیقی تجربکہِ تقاضہٕ موٗجُب ووتلاونہٕ یوان۔

بہرحال زبأنی ہنٛد اوبر گوبر تہٕ سنسکرتی لہجہِ أستھ تہِ چھےٚ پرمانندٕنی زبان میٹھ تہٕ مٔدرٕ ۔ کأشرِ زبأنی ہنٛدس بٹہٕ لہجس نش ییس شخص پوٗرٕ پأٹھی واقف اَسہٕ تسٕنٛد خاطرٕ چھےٚ نہٕ یہِ زبان سمجنٕی تیٚو مشکل ۔ پرمانندُن بجر چھُ یَتھ کتھہِ منٛز زِ سُہ یَتھ موضوٗعس پیٹھ قلم تُلان چھُ تتھ چھُ سُہ وتھ ہنٛز ہش روأنی بخشان ۔ سُہ چھُ زبأنی ہُنٛد ورتاوتمہِ انمانہٕ کران زِ یہِ چھُ نہٕ گُمانہٕ تہِ گژھان زِ لفظ کیا چھِ تسنٛز زِ وٚگشی نیران ۔ بلکہِ چھہٕ زنتہٕ یِم کھچو کھچو دس بستہٕ روٗزِتھ تسنٛدس تخلیقی چُھہس پٔزاران آسان ''کرٛشنہ اوتار لیلا'' ''راداسویم ورتہٕ ''شولگن'' بیترِ طویل نظمن منٛز اند وٕنٛد قأفین ہُنٛد ہشرٕ ییمہِ حسابہٕ پرمانندن برقرار تھووُمت چھُ تمہِ ستی چھےٚ یہِ کتھ تہِ عیان سپدان زِ زبأنی پیٹھ چھےٚ تمس پوٗرٕ تھپھ تہٕ اَتھہٕ ستی چھُ سُہ گنٛڈ باشہِ کران ۔ باسان چھُ زِ تمس نش چھُ لفظن ہُنٛد اَکھ نہٕ سوٗرٕ وٗن سوٚ دٕرٕیس سُہ کُنہِ تہِ تکلفہٕ ورأے ورتاوان چھُ ۔ لفظن ہنٛز ژٕھ کیٛتھ تہِ چھُ سُہ منشہِ تہٕ مرضی مطابق کران تہٕ یہِ تراش خراش چھےٚ نہٕ کُنہِ پأٹھی تہِ شعرچہِ روأنی اثر انداز سپدان ۔ مثلن نوم کینٛہہ مثالہٕ وُچھو:۔

پرمانندتتہِ پادن وٕنہٕ پیٚوانہٕ

دہ ہہ دہ ہہ یڑ کال یُتھ حال آسلنہٕ
راتھک نہٕ کانٛسہِ یادروزانو
نوِ نوِ باشہِ یام نۄ وگاش یولنہٕ

پر ماننددونتہٕ سوداُمن
دہ درِس گُلو سے پیاباُمن
ہرِ دِچہٕ زَردی پوش پھولہٕ ناو
دِیہٕ نے دلتہٕ یُس منگہ نے وژاو

محاورٲتی زبانٛی ہُنٛد یہِ ورتاو چھُ یہِ کتھ تہِ وزینٛتھمان کران زِ سہ چھُ کُنہِ تہِ شاعرلنہٕ کفیرہ ہنٛز باوَتھ کرنہٕ بروٚنہہ زبانٛی ہنٛدِ اظہار بیانکو سارٕی امکان ژھنڈان۔ یَیلہِ تس یہِ باسان چھُ زِ سہ ہیکہِ مُروجہٕ محاورن ہنٛدِ ذٕسی پننٛز باوِتھ کٔرتھ سہ چھُنہٕ تیٚلہِ وہ پرزبانٕن پتھ دوران۔ اَمہِ ستی چھے یہِ حقیقتھ تہِ ٹاکارٕ سپدان زِ زندگی ستی کٲتاہ نزدیکی سان چھےٚ تِمو مو کھہٕ مُدٲے کٔرمو تہٕ امہِ کِنہٕ حادثٕن تہِ حارٕی ثاتن ہنٛز کو اسرٕ نی زان چھس اَسمو۔ نہٕ صرف محاورہٕ تہٕ ذٕبتی بلکہِ مُشراوِ متی تہِ منسٲوِ متی لفظ تام چھِ تسنٛزِ شاعری منٛز تخلیقی شوعوٗرٕچ تہہ دارٕی سان جلوٕ گر۔ زبانٛی ہنٛدِ اَمہِ انمانہٕ ورتاوٕ مؤجُب چھُ پرمانندپننہِ دورٕ کِنہِ لیلا گو شاعرن منٛزاَکھ اہم مُقام پرٛاوان۔

گِند ناہ چھُ زِنٛدٕ مرن
سہز وہٕوار کرُن
پانہٕ رٕوٗس پان سوزُن

کاسہِ یمہٕ بے چون پزٕ یم تہٕ لولو
نیٖرن مرُن تہٕ ییُن گوھن چھُے بزم تہٕ لولو
گال ہن ہن کالُک تزٕ اس مُشر او
زال مرٕ مرٕ سور وسواس مُشر او
ورنہٕ آشرم گرِتھ سُنٛی یاس مُشر او
بوٗ دپنہٕ ئُے چُھ سوٗ دسوہم مُشر او

زبأنی ہنٛز خوٗ بصورتی چھےٚ محاورأتی زبأنی ہنٛدِ ورتاوٕ ستی ہُر رولنہٕ آمٕژ ۔ امہِ ستی چھُ اتھ منٛز میچھر تہِ پأدٕ سپدمُت ۔ عام ورتاوٕ کنہٕ یمن محاورن تہٕ دٕپتین چھُ تخلیقی اعتبار عطا کرنہٕ آمُت ییٚمہِ ستی انٛد از بیانس منٛز شوٗزر آمُت چُھ ۔ مثلن ۔

نارٕ دزٕ اوسون گوشکایہِ رٕوٗس پانہٕ
وارٕتس آمہٕ تاونہٕ رانو
چھأوِتھ چکہٕ چاو پانس برلنہٕ

ہُند فلسفیانہٕ اوبر گو ببر تہٕ فکری سنر مولنأ وِتھ۔ اما پوٚ زاَمہِ باوجوٗد تہِ ہکہِ یہ زبأنی ہٕندس دأ خلی سوٚتھرس پٹھ بوزن وألی سُند من رٕژِ نأوِتھ۔ نی تو نوٚم کینٛہہ شعر تہٕ وُچھ توٚ لفظہٕ تکرار ستی کبتھ سازٕت چُھ آہنگس منٛز وو پدیوٚمت۔ مثلن۔

پر ماند پرمہٕ آنند پڑأ وِتھ
ٲوی نوٗرٕ کی جنٛدٕ پڑأ وِتھ
برٕ گو ھہٕ سونتہٕ زن نتہٕ اژِتم بر
ہرٕ ہرٕ ہرٕ شِو شنکر جی

لفظن ہٕند اَمہِ انمانہٕ ورتاوٕ چھِتھ چھُ مشہور ہٕندی شأعر ''بہاری'' یادیوان۔ لفظن ہٕندِ یتھ ورتاوٕ ستی چھ دُما نیت تہِ پأدٕ سپد مُت۔ مثلن۔

ژمہِ لیس وونٕد لتس ژمہِ پیٚیہِ نار
ژمہِ شال زن پوٚ دآسہِ سہہ نار

پان مُشر اوِتھ مے پشر اولنہٕ
پوشن زِرنگ چھا پوشانو
پُشہِ ترأوِتھ یَس لتس پُشہِ پہوانہ
وُچھو یہ آواز ن ہُند تکرار کیُتھ رٕنبہٕ وُن چھُ باسان

پرکاش رام کرٕی گامس مُتلق چھُ ونُنہٕ یوان زِ سُہ چھُ زبٲنی ہِنٛدس مامٕلس منٛز کُنہِ توصُبہٕ رۄس۔ تِکیازِ تٔمی چھےٚ شۄ زتہٕ سہل کٲشُر زبان ورتاونس ستۍ ستۍ ضرۄرتہٕ وِزِ سہل سنسکرت لفظن ہِنٛدی پٲٹھۍ فارسی آگرٕکۍ لفظ تِہ استعمال کرٕی متۍ۔ یۄ دوے پرمانندنہِ شٲعری وارٕ پٲٹھۍ سنو یِہ زبٲنی توصُب باسہِ نہٕ لتِہ تہِ تِہنٛدس کلامس منٛز چھُ فارسی آگرکین لفظن تہٕ لکہٕ کردارن کیو تلمیحن ہُنٛد ورتاوتہِ ووں گو یِہ چھےٚ حقیقتھ زِ تِہنٛدس موضوٗعس چھُ نہٕ یِہ فارسی لہجہٕ پۄرٕ پٲٹھۍ وَیہِ وُن تہٕ پزٕ یِہ وُن باسان۔ اَتھ برعکس چھُ سنسکرتی لہجہٕ تُہنٛد فطری لہجہ باسان۔

پرمانندنہِ کلامٕچ بیٲکھ خۄبی چھےٚ اچھ مُتۄجہ لے۔ سُہ چھُ زبٲنی ہِنٛدیو مختلف ورتاوٕ ستۍ آہنگس منٛز سرۄرتہ مستی وو پداوان۔ أکی سے مصرس منٛز لفظن تہٕ آوازن ہُنٛد تکرار چھُ شٲعرٕ سِنٛدس لہجس آبشارٕکۍ پٲٹھۍ روان دوان بناوان۔ لفظن تہٕ آوازن ہنٛد یِہ تکرار چھُ نہٕ شعرس منٛز محض زیبٲیش تہٕ آرٲیشہِ باپتھ ورتاونہٕ آمُت۔ بلکہِ چھُ پرمانندنہِ فکرِ ہُنٛد رقصِ اِظہارٕکس سۄتھرس پیٹھ یتھ پٲٹھۍن رٕقص آمیز قالبہٕ أتھۍ صۄرتس منٛز پزٕاوان۔ اَمہِ ستۍ چھےٚ تِہنٛز یِہ صلاحیت تہِ ٹاکارٕ سپدان زِ لفظن ہُنٛد یۄ ہے دٲخلی سازٕت وُزناونس تہٕ وۄتلاونس منٛز کۄا مہارتھ چھےٚ تس أسمٕژ۔ لفظن ہُنٛد یو ہے دٲخلی سازت چھُ شعرس پُرسوز بناوان۔ شاید ہُکن نہٕ کینٛہہ لۄکھ اَمہ شٲعری

بگوان لچھ گون لول تس برلنہٕ
اچھِ دارِ کوچھِ للہٕ وانو

گۄری بابہٕ پۆ ترٕ زلیہٕ یشودلیہٕ آے
ڈٕہنشی ڈٕہنشی دۆپہس کرٛشنس آے
ویسہٕ تہٕ دلسہٕ یُتھٕ آسہٕ وِسہٕ نٕے
بے جے جے دیٛو گی ننٕد نٕے

لفظن ہُنٛد امہِ گاچہِ ورتاوچھُ تیۄت برمحل زِ اَکھ لفظ تہٕ یۆ دوے اور یور ڈالنہٕ یا تراونہٕ یہٕ سازٕک یہٕ گمبند سپدِ چھلہِ چھلہِ۔ امی ستی چھےٚ سوامی جینٛ تخلیقی رَوِوار یا ہن جاین تیز، زۄ دار تہٕ زوردار بنیمو۔ پرٛن وول چھُ اَتھ ستی اَلنہٕ ولنہٕ یتھ شعرِکس زیر و بمس ستی پیرٕ وسان تہٕ شعر پرٛتھ چھُ پرٛن وول تہِ دم دِتھ یہٕ وچھان ہوان زِ شاعرن کتھ عالمس منٛز چھُ سُہ واتنوومُت۔ یتھہِ پأٹھی چھُ سُہ اَتھ دُنٛی یہس أنٛزی منٛزی گوچھ کۄشِش تہِ کران۔ دراصل چھےٚ جان تہٕ زۄ دار شاعری ہنز پچھان تہِ یی زِ شعر پرٛتھ یا بوٗزِتھ گوژھِ قأری تہِ پنٕن ذہن کامہِ انُن یُتھ زانی ہنٛدی بروٗتھی سپدان۔ وۄنٛ گو باضے چھےٚ شاعرن اَکی ہیٛ شعرس منٛز رلہِ ملہِ زبان ورتأوِتھ پن نس شاعرانہٕ فنس زورٕ زکھ واتنوومُت۔ یتھبن موقن پیٹھ

براہمنہٕ بڑ مہٕ زنہٕ بروٚنہہ سُمری زِ ے
ژمہٕ ژُمرسہٕ یُس ژم چھےٚ ژمان
ثٕری زِنہٕ پانہٕ سرس بٕتھ مٕری ز ے
ثٕری ز ے تنہٕ منہٕ ست گوٚرٕ دپان
اتھہٕ چھوٚن تہٕ نبتھہٕ نوٚن اوٚن زن کٕنیے
وٕنوٚن لوٚگ رٹہٕ نے یارس کٕن

وُٕن چھُ سپٕن تہٕ بنٕن داو ے
سٕنٕن زن جگرس لولُک کان
تنہٕ منہٕ تہٕ تنہٕ تہٕ گاٚمتی یے
سُتی یے ثٕوجی پانے او ے

ہم وزن لفظن ہُند ٹُل تراوچُھ شعرس منز اَکھ نرل سازُت پاۯدٕ کران تہٕ یوٚہے سازُت چھُ پرن وٲلس وونس تھپھ ژٕھنتھ شعرٕ کس عالمس منز ژودژو کرناوان ۔ ہم وزن لفظن ہُند ورتاوکہِ خاص تنوسبہٕ تہٕ روٲنی سان ورتاۍ وِتھ چھِ شعرٕ سلی بنیمتی ۔ مثلن ژھوٚنوٚم کیتھہ شعر:۔

مایایہِ ستمن ژٕ شلیہ شلیہ آسانہٕ
کایایہِ منزٕ تہٕ بیوٚن روزانو

یِنہٕ یِنہٕ زِنہٕ زِنہٕ یِٔژ گاٗمو گٹہٕ
گٹہٕ پچھ کوٗتاہ گوٗٹ آکار
نتہٕ آکاشہِ بو وِکیا وَ وِکیا ژھٹہٕ
کٹہٕ سکٹہٕ ہی مکٹ داٗری
ہوٗل یا پاپن گوٗب بورتہٕ ڈٔجہ لٹہٕ
لٹہِ بار کتہِ کاٹھ کٔہی ولتہٕ گاٹھ
وَتھ دوٗر ریندر ے ژوٗر برٕسٹہ وٹہٕ
کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مکٹہٕ داٗری

یہِ چھےٚ دراصل مُوہج تہٕ میٹھ لےیوس پرمانندنہٕ شاعری ہٕنٛدِ آہنگہٕ منٛز وو پدٕ یمو چھےٚ تہٕ تیٚج موسیقی پرن واٗلی ہٕنٛزن رگن رگن تیلان چھےٚ۔ تمہ چھےٚ نوبن زمینن تہٕ لین منٛز شاعری کٔر مٕو یم صرف بظاہر مشکل باسان چھےٚ۔ رنگہٕ رنگہٕ لین ہُنٛد یہِ گٔہبل تہٕ گُنجار چھُ ردیف تہٕ قافین ہٕنٛدِ نوبرٕ ستی تہٕ وو پداونہٕ آمت۔ شعرٕ چ نحوی ترکیب یَتھ منٛز لفظن ہٕنٛز ترتیب، آوازن ہُنٛد زیر بم، بحرن تہٕ لیٚہج کھسہٕ وِس شاملِ چھےٚ یم ساری عنصر چھِ شعرکس تو ژس پُر اَثر بناوِتھ احساس ہٕنٛز شدٕ ژ تہِ بٕرژر کران۔ پرمانند چھُ باضے لکہٕ لیہِ نکھہٕ آمت۔ "لوسہٕ ناوتھس غوصہٕ تراومیو یُیے" آرس منٛز اژ اٗوے دسمپتا کرنس چھےٚ ڈالہ تہٕ شامہٕ سوندر مورلی وولے 'بیترِ وژن چھِ یوٚدھ کیٚنٛہہ مثالہ یمن منٛز

تخلیقی عملہِ منز آزٲدی برعکس یہِ شعر گرنچ شوٗعوٗری کوشش باسان۔ یتھبن شعرن منز نہٕ چھےٚ سوموسیقی تہٕ نہ سہٕ لہجک زیر بم یس پرماندس منز اسی اکثر جاین وُچھان چھِ۔ مثلن

ژندنہٕ أندرِم تب شہلیوکھ

گٹہِ راٗژ منز چڑھ گیا چند

کیٚنژن نقادن ہُند وُنن چھُ زِ پرماندنہِ شاعری منز چھُ وزن برلیہِ نام۔ یہِ چھےٚ نہٕ حقیقتھ۔ دراصل چھےٚ تمیٚنز شاعری وژنی لیہِ آہنگس پیٹھ یوس نہٕ فارسی عوروٗضن منز کھوچہِ کھاٗرتھ ہیکہِ ہوٚن۔ اَمکہِ دباٗوی لہجہ نش گوٚھ قاٗری تہِ خبردار آسُن زِ کتھن تہٕ کتھ لفظس پیٹھ چھُ دباو۔ ہرگاہ اَتھ فارسی بحرن منز کھوٗٹ لاگواَسہِ گوٚھُن وار یاہن جاین اکی شعرٕ کبن دون مصرن منز مختلف روکن نظرٕ۔ پرماند چھُ باضے رٕدیف قاٗفین منز شِٹھہٕ پابندی نشہِ موکجار پراٗوِتھ اَتھ موقہٕ محل تہٕ منشہِ مطاٗبق ترمیم تفہیم کران۔ باضے چھُنہٕ کُنہِ وژنس یا نظمہِ منز تس نش کانٛہہ تہِ مستقل ردیف روزان وۄں گوٚیہ ھن جاین چھُ قاٗفیہِ تیوٚت لوٚبہٕ وُن آسان زِ ردیفک نہ آسن چھُ نہٕ کنہِ پاٗٹھی تہِ محسوٗس سپدان۔ مثلن:

تراہہِ مام تراہہِ مامِ پاہے مُراٗری

کٹہٕ سنکٹہٕ ہی مکٹ داٗری

# ''واو'' مہجورُن قاصدِ پیکر

واو صبحُک بوے خوش شبنم تہٕ بُلبل نغمہٕ خوان
گُل چھُ پیغمبر بہارُک یتی یم ژور یار

یم ژور یار یعنے واو، شبنم بُلبل تہٕ خوشبوے یتھہٕ پأٹھی گُلس ستی
زُلتھ بہارُک پأراو کران چھِ تتھے پأٹھی چھِ یم سأری مہجورنہٕ شأعرہ ہندِس
باغس مأری منز بخشان۔ مہجورٕنی شأعری چھےٚ کأشرِس شعرٕ ادبس منزنو بہارُک
پرتو۔ اَمہٕ نوِ بہارُک پرتو چھنہٕ صرف تمی ہنز شأعری منز معنوی سۄتھرس پیٹھے
یوت بلکہٕ چھُ بہارُک ماحول تمہٕ سأدروارزبأنی ڈٕسی تہٕ وہ تلاونہٕ آمُت یوسہٕ
زن مہجورنہٕ خوش طبع مزاز کی پأٹھی برجستہٕ چھےٚ۔ بہار کو یمو ستی باجو منز چھُ
''واوُک'' ورتاو اُہندس کلاس منز یَسلہٕ پأٹھی میلان۔ اَمہٕ لفظکی یتی اِکأنی
معنوی پہلو مہجورن گاشراوٕمتی چھِ تیتی چھنہٕ شاید کأشرِس شعرٕ ادبس منز کأنسہٕ تہٕ
شأعرس نش درینٹھی گوھان۔ اکثر جاین پیٹھ اَمہٕ لفظک ورتاو تہند ڈٕسی کرنہٕ
آمُت چھُ تمی سُند تخلیقی جودتھ چھُ پھیرِ باوٕ ھۄصیوسان نۄن وزِ امُت بارہا چھُ
سُہ اَتھ لفظس علاوٕ ہُندٕ معنہٕ ساوبرتہٕ پأدٕ کُرتھ ہیوٚ کُمت۔ امیُک ورتاو چھُ
سانہٕ شأعری منٛ تمس بروٚنہہ تہٕ تمس پتہٕ تہٕ کرنہٕ آمُت۔ لَل چھےٚ اَتھ پننہٕ
روٗحأنی جُستجوٚچہٕ عملہٕ ہندِ شأعرانہٕ اظہارٕ خأطرٕ ورتاوان ''موٗ چھِ تیمی روٗٹ مٔلی

شاعرٕ سٔندی لٔند از بیانن لٔکہٕ لیہٕ تہٕ لٔکہٕ آہنگچ ترا ےرٔٹھو چھے۔ پرمانندچھُ یم سأری ول کامہِ أنتھ پٔنٕنٕ اِنفرأدی باؤژ سیر لتا بروٗٹھہ کُن انان۔

پرمانندنہٕ شأعری منٛز یوٚ دوے زیادٕ پٔہن باوتھ روحأنی تجربن ہٕنٛز ےچھے امہ پوٚ زٕ تمٕ لۄکہٕ یم صرف لولہٕ نغمن ہٕندی مٔتی چھِ تمٕ تہٕ ہیکن امہٕ نشہٕ حض تُلتھ۔ دیہٕ لوٚ لکی یم مٔوہلی تہٕ میٹھی آلو پرٔتھ تہٕ بوزتھ چھُ یہِ محسوس سپدان زِ زنتہٕ شأعرسُند دیشُمت آلو اسہِ پننہٕ نی وۄندٕ دژ امُت چھُ۔ یتھہٕ پأٹھی چھ تسٕنٛز شأعری ہٕندی مُختلف رنگ تہٕ ووتلان۔ یوٚ ہے وجہ چھُ زِلل واکھ تہٕ شیخہٕ شُرکہٕ یتھہٕ پأٹھی کأشر بولوکو دِلس کھنتھ تھأوی تتھے پأٹھی کرِ کأشر بوأہنٛزن لیلا ین تہٕ رچھ تہٕ پننہٕ دِلک بوس لۄژراونہٕ خأطرٕ رۄدی یم اکثر بجن کیرتن منڈلین منٛز گوان۔ امی چھُ پرمانندُن ناونہٕ صرف سأنس ادبی دُنی یہس منٛز بلکہِ عام لۄکن ہنٛزن زبو تہٕ سوامی وُنتھ عزتہٕ تہٕ اکتر امہٕ سان ہیہنہٕ یوان۔ امہِ انمانہٕ پٔننی وۄندٕ باوتھ کرتھ دویمن ہٕندی دل رٕنٛزناونی چھنہٕ سہل کتھ تہٕ نہٕ ہیکہِ امہِ وۄند باؤژ ہنٛز کانٛہہ تہٕ ویژھنے حرفأ اخرأستھ۔ بقولہِ پرمانند ؎

یہِ پد کیاچھے وُنن کرٕ وُٹھ\
سہٕ پرمانندکٕ ڈیوٚٹھ\
وُچھتھ وۄلا نٕمت یرٕژأ دے۔

☆☆☆

آمتین پوشن ،سونتہٕ کالچہ وودسہٕ دروسہٕ ہُند، گُمہٕ ہَوٕ مسولہٕ ہُند تہٕ پوشہٕ نۆلہٕ سُند دُنی یا کاڈکشِ کڈان یُس وُنی وُنی صبح دمہٕ کہِ تازٕ ہواہہٕ ستۍ نغٕندرِ ووُتھمت چھِ ـ ''ہوا'' چھُ تمی ہندِ شاعرییہِ منزٕ اکہ بسیار جُول کردارہٕ ہندس صوٗرتس منز بروٗنہہ کُن یوان تہٕ مختلف جاین چھےٚ تمی ہنز مختلف صوٗرژ بروٗنہہ کُن یوان۔ تحریک حُری یتس یا حب الوطنی ہندس جذبس تحت یِمۍ دوے تمی سُند شعرٕ منزٕ تہٕ بدلان روٗد اماپوٚ زیہٕ لفظہٕ تہٕ روٗد معنین ہندی نوٕی نوٕی کریٚوھی تراوان۔ باضے چھُ یہٕ لفظہٕ ''واو'' اکِس عاشقہٕ ہندِ حثی یتہٕ بروٗنہہ کُن یوان تہٕ باضے اکِس ستم گر معشوقہٕ ہندِ صوٗرژ منز، کہے چھُ اکِس حاران کرنس پُر اسرار کردارہٕ ہندی تصور ووتلاوان تہٕ کہے چھُ لولُک سرچشمہٕ تہٕ گُلن ہند زنم داتا باسان۔ کُنہِ جایہٕ چھُ چھرا اکھ قاصد روٗدمُت تہٕ کُنہِ گُلن تہٕ بلبُلن باہم اکھ منزِم یور۔ یہِ چھُ مُسلسل عملہٕ منز آور مردِ مجاہد ہنز علامتھ تہٕ تہٕ مہجوٗرنہٕ انقلابی ژہتہٕ رُک ترجمان تہٕ۔ ہرِ واوچہٕ شکلہٕ منز بروٗنہہ کُن یتھ چھُ یہِ ستۍ تخریبی خصلتھ تہٕ باوان۔

مہجورن ہیوٗ تہٕ ''واوس'' عاشقہٕ ہندِ طرفہٕ معشوٗقس تام گزاوِ واتناونچ سہل کاٗم۔ بلکہِ ہیوٗ تمی اتھ شورنگتھ گُلشن وُزناوِتھ نبش بوٚ دی تہٕ ان زان ساوٕ لوٗح کاشرِی وُزناونچ کڈرکاٗم۔ ییتہِ باقے شاعر ''واوس'' بتھ رٔٹتھ پُن بوس لوٚ ژراوان اسی تتہٕ چھُ مہجور اتھی نوز مالک آلو ہیتھ تہِ پننس باغس کُن اژان وچھان۔

آو صبحُک واو تو شان خوش خبر ہیتھ بلبُلن ۔

یا صبحُک واو اوس باغس کُن ونان

یوودواو" ؤنتھ چھےٚ سواَتھ من تہٕ پون یکہٕ وٹہٕ کرٕنچہٕ کریچھ تہٕ کٔڈ رروٗحأنی عملہٕ ہٕتی مُشابہتھ دِوان۔ مقبول کرالہٕ وأری ہٕنز نوش لب "چھےٚ" جُدأیی ہٕندی وأراگہٕ ہٕتی برٔگہٕ یتھ پٔنس رأوی ہٕتس دِل غدارس تام گراوٕ ننہٕ خأطرٕ اتھ" واوس" ؤلی رٹان۔

ہتا ہوصبحکے خوش بوےٚ واوو
نتوتس داغدارس میانہٕ گژ اوو

مگر مقبوٗلس نش چھُ "واو" چھرا اَکھ قأصد تہٕ تمِی ہٕنز خٕشی یتھ چھےٚ چھرا أکس دردِس پٔتھ واتناون وألس تاہے محدوٗد۔ "واوُک" اَمہٕ انمانہٕ ورتاوچھُ پتھ کالہٕ پٔتھے باقےٚ زبأنن ہٕنزٕ شأعری منز تہٕ کرنہٕ آمُت۔ بٔہی مہٕ صدی ہٕنزٕ سنسکرت لولہٕ مثنوی "پون ووٗتس" منز تہٕ چھےٚ وَنہٕ دِگنی" رازٕ لکھشمن سین نِس فراقس منزٕ "واوس" اَتھی تمس گژاوٕ تہٕ فُر دیا سوزان۔ سأنس شعرٕ ادبس منز چھےٚ صبح واوٕ چ ترکیب فارسی پٔتھے آمٕژ۔ سانہن اکثر لولہٕ مثنوی ین منز چھُ "بادِ صبحُک ورتاو فارسی ہِحس منزٕ ے کرنہٕ آمُت۔ اما پوٗ زمہجوٗرُن بجر چھُ یتھ کتھِ منز زِ تمِی ورتأویہ ترکیب تمہ اَنمانہٕ زِ یرنہٕ چھُ فارسی شأعری ہُند، بادِ صبا، نہٕ ہندوستأنی زبانِن ہُند "سمیر" بلکہٕ چھُ یہ نہٕ تتھی وادی گلُ پوش یکس حُسنہٕ سٔدرس منز ڈالہٕ مارٕ وُن صُبح دمک تازٕ ہوا۔ ییس نہٕ صِرف خوشبویہٕ دارتہٕ سوٚت تہٕ شہُل چھُ بٔلکہٕ شوٚرتہٕ شوٗژتہٕ۔ پز رچھ یہ زِ مہجوٗرنٕ شأعری چھےٚ کٔشیر ہٕنز قودرتی خوٗبصورتی ہُند آنہٕ خانہٕ۔ کُلیات مہجوٗرکین ورقن پٔٹھ چھُ کٔشیر ہٕندین ووسہٕ

رٲژتھ کأشُر قوم وزِ ناوُن تہٕ گہِے واریٖل تہٕ رلتہٕ موغُل موڑ رٲژتھ دوٕ پرحکمرانن وٲژِھس لا گتھ پٲھس خبر ہٮ۪نٛز۔ تمۍ سُند اندازِ بیان چھُ تمن حالاتن ہُند نتیجہٕ یمن منزٕ سہٕ زوان اوس۔ یہٕ دوراوس قومی بیدآری ہُند دور۔ قوم پرستی ہٕنٛدۍ جذبن اُس ساری ہے برصغیرس ژھٹھ کٔڈمٕژ تہٕ مہجوٗر رُوٗ حساس شاعر کتہٕ روزِ ہے اَمہِ نشہِ مُچھ۔ اما پوٗز اَتھ جذبس اُس درپردٕ باوژٕ ضرورت یُتھ عام کأشرس تام وأتتھ ہیکہِ ہے۔ اَمہِ خاطرٕ ییٚتہٕ مہجوٗرن بہارٕکۍ باتھ سازسنگارورتأوۍ تتہٕ ورتووتمو "واو" تہٕ۔ تِکیازِ ذہنی طور فطرتس نکھہٕ روزنہٕ سببہٕ کٔرۍ تمۍ واوٕکۍ مختلف وِہی تہٕ رنگ دریافت۔ مثلن واو چھُ اوچھُ، اچھوٗ پرتھ جایہٕ واتن وول، آزاد پرتھ ساتہٕ حرکتس منز، وأفر، زندگی تہٕ فرحتھ بخشن وول، تفرقاتو بالا بیتر۔ یتھ پأٹھۍ ہیکہِ ہے واوِ ے تمۍ سُند آزاد خیالی تہٕ نبض شنأسی ہٕنٛدِ اظہارُک ذٔریہٕ بنتھ تہٕ تمۍ سُند ترجمان تہٕ۔

واو اَسہِ ناوان گُلن
مہجوٗر وُزِ ناوان دِلن
یٔم زِ اَمہِ نش بے خبر
کیا گووٗ گناہ کیا گوٗ ثواب

گُل چھہ نبش بوٗدی تیتھے پأٹھۍ یتھہٕ پأٹھۍ کأشُر قوم چھُ پننہٕ تشخصہٕ نش غأفل تہٕ واو چھُ تیتھے پأٹھۍ ذی شعوٗر یتھہٕ پأٹھۍ مہجوٗر چھُ تہٕ دوشوٕ ویویسہٕ کأم مٕژہِ ہیٛژٕ مٕژ چھےٚ سوچھےٚ انتھک میٛہنتھ ہٕنٛز منگ کران۔ واوٕ چھُ اَتھ کامہِ دِنہٕ پننہٕ لگتھ!

پَکھ خبر بۄز پاٹھۍ سپدی زان
یا بُلبُل چھُ بران چاو
ژِھر وزاو بہار آو
توشان چھُ سۆنٹھ واو
کُمتانی چھُ آو آو

گامس منز گرلز سکوٗل کھُلنہٕ کِس صوٗرتس منز ترقی ہیٚنز کانٛہہ کتھ أسۍتن یا پنہٕ واجنہٕ سماجی یا سیاسی تبدیلی ہُنٛد امکان آسۍتن مہجوٗر چھُ پننس باغس اَپھ ژینہٕ ون واوس اتھی دیاناوان۔ تہٕ باضے ٹاسرس انداز بیانس منز واوس مُلکہٕ امریکہس تام گوٚھتھ کٲشرٕ ہُنٛد حال باونہٕ خاطرٕ عاجزی کران۔ بہرحال یتھۍ شعر چھا فنی تہٕ تخلیقی لحاظہٕ جان کِنہٕ نہ سُہ بحث اوٚک طرف ترٲوِتھ ہیکو نہٕ شاید یمہٕ کتھہِ نِش انکار کٔرِتھ زِ مہجوٗرن ییتہٕ کینٛژن روأیتی علامژن تہٕ لفظن نوو معنہ تہٕ زوٗزہتہٕ بخشٕ تتہٕ آو لفظ ''واو'' تہٕ تِمۍ ہٕنٛد ڈٲسۍ نۆو برجستگی ہیتھ بروٛنہہ کُن۔ یۆدوے تیُتھ پٔرِتھ کانٛہہ شعر یتھ منز اَمہِ لفظُک ورتاو کرنہٕ آمُت چھُ فنی کھوچہِ پیٹھ وُتران چھُنہٕ مگر یتہٕ چھ پزر زِ کُلیاتِ مہجوٗرس منز کینٛہہ شعر مہجوٗرنہٕ فنکارانہٕ صلاحیژ ہُنٛد آیُنہٕ چھِ تِمن منز چھِ تِم کینٛہہ شعرتہٕ شامل یِمن منز اَمہِ لفظہٕ ذٔریہ مہجوٗرن شعرٕ تجربہ بوومُت چھُ۔

مہجوٗرس اوس تیُتھ سے باگہٕ آمُت یتھ منز آزادی ہنٛز کتھ کرٕنی اَکھ بوٚڑ جُرم اوس اَمہ موٗجب پیوٚ تِمس گہے گُل ہُبُلبُل، باغ تہٕ بہار بیترِ بروٛنہہ کنہِ

پٔتھ لولہٕ اقرارُک آسُن۔

قودرتی نظارو ذٔریہِ لولچ باوتھ کٲری چھےٚ مہجورنٛی اَکھ خوٗبی۔ اَمہِ لولچ باوتھ چھےٚ تتھ پٲٹھۍ سپزمٕژ ورِ شرم حیاتہٕ پاکیزگی ہُند احساس چھُ بدستوٗر روٗدمُت۔ مہجورٕنۍ چھےٚ پٔننِس لولہٕ شارن منٛز کٲشُر زنانہٕ ہنٛز نفسیات رٔژھرأومٕژ ییتھہٕ پٲٹھۍ اَسی اَمہِ بروٚنٛہہ أرنہٕ مالہِ تہٕ محموٗد گٲمی ہٕندِ بن لولہٕ وژنن منٛز ڈچھان چھِ۔ اَتھ منٛز چھُ نہٕ صرف پننہِ ادبی روایژُک اثر بلکہِ تمہِ مروجہٕ سمأجی نظامُک دٕخل تہِ ییتھ منٛز زنانہِ ہنٛزن حرکاتن تہٕ سکناتن شرم حیا کھوٚ قأیم کرنہٕ آمتو معیار وٚ وُچھنہٕ یوان اوس۔ امہِ سبہٕ اوس ضروٗری زِ شعرٕکس فنس متأثر کرنہٕ ورأی روزِ یہِ شرم تہٕ حیا برقرار۔ تہٕ مہجوٗر چھُ اَتھ منٛز کامیاب سپدمُت۔

وٗتھ شور یامتھ واو حُسنس موج ژٕلتھ گوٚو
اِظہارتی کوٚر زُلفچے تھٕتھرلیہِ وَنے کیا

واوِ چھُ لولہٕ مژرس ییتھ حُسنس ویوٚرٹلان یہِ زن حُسنس برطبع گوٚھان چھُ۔ مگر امیُک اِظہار چھُ محض زُلفچہٕ تھٕتھرلیہِ ستۍ ہاونہٕ آمُت۔ یہِ چھُنہٕ فقط بیان بأزی بلکہِ چھُ اَکھ بصری پیکر اَچھن بروٚنٛہہ کُن یوان تہٕ ''ووتھ مشور'' لفظ چھُ نہٕ صرف اَتھ ہنگامس منٛز أندی پکھٕ چہِ ماحولچ آورن باوان بلکہِ چھُ اَتھ ''شورس'' أندی پکھس یا حُسنس دٔیو منٛز کُنہِ تہِ أکس ستۍ قطعی وابستگی باونہٕ نشہِ تہِ مُچھِ تھاوان۔ ییتھ پٲٹھۍ چھُ نہٕ صرف پیکرٕکس کلُہم تاثرس بٔرژر سپدُمُت بلکہِ چھِ اتھ اکہِ کھوتہٕ زیادٕ تأویل تہِ

بادِصبا ۄردی کران
پرٛتھ شایہِ وصف گُل پران
گرمی چھےٚ دربازارِ گُل
کرو دِلبر وویدارِ گُل

''واو'' چھُ پننہِ ہونرمنٛدی ستی پرٛتھ ساتہٕ پوش ۄزناونچہٕ تہٕ تِمن سونٛتہٕ کالکہِ آمد چ ژینہٕ ون دِنچہٕ عملہِ منٛز آۄرتہٕ چھُ یہِ پنٛنِ سرگرمی بروٚنہہ پکناوان تہٕ کاوِسُنٛد ژھوٚرُے ٹاوٹاوترأ وِتھ عملی طور کینٛہہ کرنٕک تلیقن کران۔

اِشارٕ پأٹھۍ سُلہٕ اوس ونان واو کاوس گُن
ییٚتہٕ چھےٚ نہٕ کتھن باووٕنُن تراوھونرہاو

''واو'' چھُ محبتُک سرچشمہٕ تہٕ پرٛتھ صبح لوٚلچ ڈألی ہێتھ چمنستانن تام واتُن چھُ تمۍ سنٛز فطری عمل۔

آولولہٕ شێچھ ہێتھ واوصبحک ژاو چمنس منٛز
کوٚر پوشہِ لنجو بوٚن نیٚمتھ اقرار محبت
سُلہِ گرایہِ ماران ژھلیہِ پأٹھۍ ووت واو پوشن نِش
لولس یہِ چھےٚ ۄگرأے چأنی ہاے مدأنو

واوِ چ کأم چھنہٕ نہٕ صرلولُک ورتاوتہٕ وہوٚ ہارٕ ے یوت۔بلکہِ چھُ یہِ لولہٕ بوٚچھہِ تہٕ۔پننہِ لوٚلچ ترٛیش ہوٚمراونہٕ خأطرٕ چُھ یہِ توے پوشہِ چمنن منٛز ژھپہٕ ژھومبرن گنٛدان اماپوٚز یہِ لول چھُنہٕ یکطرفہٕ ئۍ کہِ چھُ گُلن تہٕ ۄٹھن

کتھہِ تلہٕ لگتھ زِٕ تِمو دیٖت کأشُر شأعری اَکھ نوٚو تصور عشق یُس تتھی وادی ہنٛز میٛو زون والین ہنٛز دِلہ دُبرائے باوان اوس یوٚ دوے تتھ منٛز رسوٗل میرُن ہیوٚ تہ ورتہٕ تروشر چھُنہٕ اماپوٚ زِٕ سہ خوشکھ تہٕ آڈیل عشق تہٕ چھُنہٕ۔ سُہ چھُ لفظو تہٕ اِشارو ذری یہٕ وزِ وزِ لطیف جنسی جذباتھ سطحس پیٹھ انان۔ تِمو سُنٛد بےٚ پھژوک اندازِ بیان چھُ باضے لولہٕ منٛز رس تہٕ جنسی یو چھ ہنٛدس جوٚنوٚبس منٛز تس یتھ حدس تام واتناوان۔

یار سُنٛد مارِ موٚت سار چھُم نہٕ تھاوان
یارس لرِ پان ساوان چھس
کامہِ دیو یار چھُنہٕ جامہٕ منٛز راوان
پوٚشن مالہٕ کرِ ناوان چھس

ووٚنی گوٚ وتِمو سُنٛد اندازِ بیان چھُ جوشس منٛز ہوش تھوٚونک قأیل تہٕ شاید چھُنہٕ سُہ تو رسوٗل میرنی پأٹھی زیادٕ نوٚن (Espose)۔ وُ چھ تو ''واوِ چ'' یہٕ پُراسرار صوٗرتھ تہٕ۔

کتہٕ آو صبحٕک واو نہہ گژھہِ کیازِ باغس ژاو
روشہٕ روشہٕ پکان مشکھ چھکان پوشہٕ رُمالن
یا سپُن بیدار گُلشن پتٕمہٕ پیارے واو گوٚ ونیر تھ
تِتھس سُنٛز ژوٚرِ ہنٛدس اتھ چمن وُزناونس ونہٕ کیا
یہٕ چھُنہٕ واوٕک صفت زِٕ سہ کیا چھُ پُراسرار تہٕ نہ چھُ واوکہٕ

ممکن بنیتھ۔ گوڈنکس مصرس منز ییتہِ عشقچہِ اَمہِ حرکوٚ ستی پاٚدٕ سپدن والہِ اَمہِ احتجاجکہِ نتیجہِ شاعرٕ سُند لہجہِ تہِ ترٛوش تہِ تژُ کر بنیو مُت چھُ تہِ چھُ دوٚیمس مصرس منز صرف زُلفچ تھتھراے حُسنہٕ کہِ احتجاجہِ رنگی باوتھ یہِ اَکھ ژھوٚپ احتجاج بنان۔ یتھہِ پاٹھی چھُ شرم تہِ حیا ہُک جذبہٕ تہِ قایم روٗدمُت تہِ اتھ ساری ہیہِ صوٗرتِ حالس در پردٕ ہنگامہٕ چھُ پرٛسوکوٚن سطحس تام ووتمت۔ اُتھی ہم پلہِ نی تو یہِ پیکر۔

گنہِ تہجہ چھےٚ ووشلیمو اوٚ برس

چھلہِ چھانگر گیہِ واوس زُلفن

یہِ چھُ اَکھ زندٕ تہِ ماری موٚند پیکر۔ اوٚ برس کنہٕ تہجہِ ووزلنہِ وٗنہٕ چھُ اُچھن بروٚنہہ کُن سہ ماحول انان ییلہِ شامہٕ ژھمبر بن اوٚ برلشہِ ووزلان چھےٚ تہِ واو چھُ یمن خرانس کُن پکناونس محوِ عمل آسان۔ اَتھ خوٗبصوٗرتھ پیکرس پس پردٕ سپدن والہِ صوٗرتحالک اِظہاریوٚ دوے شاعرن سبٹھہٕ ورگہٕ پاٹھی کوٚ رمُت چھُ تہِ کرِتھ تہِ چھےٚ اوٚبرٕ چ تہِ واوٕ چ شخصاونکاری یتھ پاٹھی کرنہٕ آمو زِ اتھ متلق چھُ نہٕ کہنی تہِ مبہم روزان۔ یتھ پاٹھی چھُ کیہہ کیشہہ باونہٕ باوجوٗد تہِ سوٗرُے نوٚن دژامُت اَتھ برعکس چھُ نہٕ مہجورنس پیکرس منز واریا کیشہہ باوِتھ تہِ سوٗرُے نوٚن۔ امیک مطلب چھُ نہٕ مہجورس کیا اوس نہٕ تُنی پاٹھی وننک جُرتھ۔ سو کتھ چھنہٕ مہجور چھُ روایتس للہٕ کھوٚل کران تہِ ستی وایتھ سازتہٕ بنان۔ تمی سنز جُرتمندی ہُند انداز ہیکنہٕ یمہ

ژلہٕ لارِ منٛز تہٕ تھانتھر یومُت بےٚ سٕنٛز کھ ''واو'' کس ہیکہِ گاٚرتھ تہٕ اٚمۍ ہٕنٛدس اتھ غاٚر معموٗلی اندازس پٮ۪ٹھ پوٚشن ختہٕ کرُن چھُ اَکھ سنجیدٕ صوٗرت حال۔ شاید چھُ ''واو'' اَمہِ سبہٕ تنبلیومُت زِ تٔمۍ ہٕنٛدِ دٔسۍ چھُ کیا ہتام اثرٕ سپدمُت۔ تِکیازِ پوشہِ ٹوٗریک پھولنے چھُ تٔمۍ ہٕنٛز تباٚہی ہُنٛد آغاز۔ اثر چھُ یمہِ موٗجب زِ واو چھُ لولہٕ سٕتۍ پوٚشن نِنہٕ درِ وزٕناٚوِتھ زندگی ہُنٛد شعوٗر بخشان۔ مگر تٔمِس کیا چھُ معلوٗم زِ امیک کیا نتیجہٕ ہیکہِ نیٚرتھ، امیک احساس چھُ مسولہِ پتہٕ سپدان ییٚلہِ سو چھُنٛد رہِو آسان چھےٚ۔ وۄڈں گوٚ واَتھ پٔنٕس گٔرِ منٛس پٮ۪ٹھ چھےٚ واوس تہٕ بےقراٚری۔ زیادٕ لولُک نتیجے چھُ زوال برابر تِتھے پاٚٹھۍ یتھ پاٚٹھۍ ''لوسی نظمن'' منٛز ''لوسی'' مناظر قودرتچہِ لولہٕ کھونہِ تل پٔلِتھ امی بُزِ گوٚ ھان چھےٚ۔ مگر تمیک احساس چھُ زیادٕ ٹریجک تِکیازِ تتہِ چھِ دوشوٕے ڈرِ بےٚخبر ییٚلہِ زن پیٚتہِ اَمہِ ژینہٕ وِنہِ ہُنٛد احساس دوشوٕنی درٕہن منٛز کم زیادٕ باسان چھُ۔

یۄٚ دوے اکہِ طرفہٕ واوِ چہِ مجرمانہٕ تصوٕیر برونٛہہ کُن یوان چھےٚ امایۄٚ زدٔیمہِ طرفہٕ ییٚلہِ اَکھ عاشق معشوقہٕ ہٕنٛز جُداٚیی ہٕنٛدِ لولہٕ نارٕ وٕہگلان چھُ تہٕ خوشکھ زندگی نِش تنگ یوان چھُ تٔمہ چھُ بےبس سپدِتھ تہٕ توقع سان سونتہٕ واوِ ہےٚ فِرِی یاد کرُن یِوان۔

گراوِ کرہا سونتہٕ کِس واوس
ینہٕ چانہِ پھوٚلی ہوٚکھی مِتۍ ڈل

پراسراری یتھ وجہ شاعر ہندس لاشعوٗری منٛز کُنہِ ڈُلملکہِ یا حاَراَنی ہُنٛد نتیجہ۔یہِ پُراسرایتھ چھےٚ فطرتکین رنگہٕ رنگہٕ وٕہن منٛزٕ ے یتھ منٛز واوُک دٕخل تہِ چھُ تہٕ یہِ چھُ مہجورٕ ے ژینان تہٕ وُچھان۔ہیٚرِمِین شعرن منٛز چھےٚ اُتھی حاَراَنی پرٛژھلو اندازِ بیانیس منٛز باوتھ کرنہٕ آمٕژ یہِ حاَراَنی چھسنہٕ طوٗفاَنی راَژ (Nights Windy) نظمہِ ہُنٛد راہدار تہٕ خونخوار واوٕ ہوہرلیہِ ہُنٛد خوف وو تلاوان بلکہِ چھےٚ یہِ اَکھ عجیب فرحت تہِ بخشان۔ واوٕکی مختلف انداز تہٕ تُمی ہنٛزٕن یِمن حرکژن تہٕ وٕہن ہندی انہار مدِ نظر تھاَوِتھ چُھ سُہ باضے تُمس سِتم ظریف معشوقہٕ ہنٛز علامتھ تہِ بنان یٚمس متلق مہجورٕ بیٚیس اَکس جایہِ ونان چھُ۔

بیوٗٹھ ناوِاند رپانہٕ مے سہلاب اُنتھ گوٚو۔ مٹلن

لوٗژرتہٕ چھٔندرپھٕ مسول ونان چھےٚ واوس

دامانہٕ میون تیٚمی چھوٗل لتں زانہہ قرار آسیا

''واوٕ'' چھُ متحرک تہٕ یُس چیز متحرک آسہِ سُہ چھُ زندٕ زٕ پانہٕ تہِ تہٕ گُلن تہِ زنم دوان۔

واوٕصحک سُلہِ اوس لاران

تنبلیو مُت کس تام ژھاوان

ختہٕ پوشو کرٕس جایہِ جایے

پایہِ بڈِ میانہِ یاون رایے

ہرڈُک واوچھُس حبہٕ وٕسراوان

دِل میون راوان راوان گو

یا:۔ گُلو گوھن کوٚستوٗرشراونہٕ بدلہِ گُلزارک ہوا

لولہٕ سازس تارٕ اِدٕ کُس چارِ مجبورس سوا

تہٕ باضے ییٚلہِ مجبورن لہجہِ اہربل کہِ آبشارٕکی پاٗٹھی گرزان چھُ تہٕ

"واوٗ" تہِ چھ پنٕنۍ سوچ سرمستی تہٕ ہردِ چ بے دردی ترأوِتھ اَتھ گرزس

تیز راوان ۔

اگرۄ زناوِ ہن بستی گُلن ہنٛد تراوزیرو بم

بُنٛیل کر واو کر گگرایہِ کر طوٗفان پیدا کر

☆☆☆

چاڑ کری زِ ہے میأنس آمہٕ تاوس

سر تراوس پادن تل

شأعر چھُ ''واوس'' بروٗنہہ کنہِ پٔتن بوس تِتھے پأٹھی لوٗ ژراون یَوٗھان ییتھ پأٹھی ییتھ بندس منٛز انگریزی شأعرن تمنا کوٗرمُت چھُ۔

Oh Wind
Life me as a cloud.
I fall upon the thorns of life,I bleed.

بہر حال اَوٚت تام وچھ اَسہِ مجبوٗر نہِ شأعری منٛز ''واوُک'' کیٛنہہ خوشیوٗنی انہار۔ مگر یوٗ ہوے ''واو'' ییلہِ وق سورنس ستیٚ ستیٚ ہرٕدکٲلی چمنس منٛز اژان چھُ اُمی سٟتۍ تخرٟبی عمل چھےٚ بروٗنہہ کُن یوان۔ اَتھ چھُ نہٕ ییہِ سونتہٕ واوِک پأٹھی زندگی تہٕ نوٚو جوش بخشن وول بلکہِ چھُ ییہِ اَکھ بےٚ درٕدتباہ کار بنان۔ سونتہٕ واوِچ وٕسہٕ درٕوسہٕ چھےٚ موتہٕ ہو ہرلیہِ منٛز تبدیل گوٚھان تہٕ ییہِ چھُ زندگی ہُنٛد انجام تہٕ موتُچ علامتھ بنان۔

ہرٕدکی داون ڈوٗلُم ہوش
گُلو گیہِ کوستوٗری برٕ گیہِ پوش
پھولہِ ڈُن ہار نوبہار کوٗتُے گوم
دل قرار توٗٹھ مدنوار کوٗتُے گوم
یا :۔ سونتہٕ دزاو بُلبُل لول پرکھاوان
گُلزار چھاوان چھاوان بگو

اہم شأعرن ہنز شارٕ سۆمبرنہٕ مگر بیشتر شارٕ سۆمبرنبن منز چھُ پتٕمبن ذٕہن وٕری ین ہُنٛد کلامہٕ آٹھِ نونا۔ ''سیاہ رۆدِ جرٕبن منز'' یا ''نے چھےٚ نالان'' چھےٚ یژھہٕ کینٛہہ مثالہٕ۔ تتھے پأٹھی چھےٚ ''نیرٕ نغمہٕ'' نیرن ہنزے ٔ گنٛگرا ے نزصحرأوی صدا ییوٚ تام زِ ''پدرٕ سمبکو'' یوٚ دوے تیمی دورٕ چ پأداوار چھےٚ مگر امیُک تخلیقی وُتش چھُ ییٚمہِ دورٕ برٕ وٕنہم۔ یہِ چھُ شاید موٚجوٗدٕ وَقتچہٕ بے پژھی تہٕ بے وسأیی ہُنٛد نتیجہٕ زِ یتھ پتٕمِس ذٕہلس دوران آیہِ عقیدتی شأعری یَسلہٕ پأٹھی برونٛہہ کُن۔ اتھ یوٚ دوے بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہ وجوٗہاتھ آسن مگر شاید چھُس یہ تہِ اَکھ وجہ زِ عقیدُک دُنیاہ چھُ سہٕ دنیاہ ییٚتہِ کأنٛسہِ تتہٕ اگرن بأگرن چھُنہٕ تہٕ کانٛہہ یار یا دشمنے چھُ نہٕ تہٕ تتھس بے پٔژھ وقس منز چھُ یہِ پنٕنی تخلیقی ٹٕنٛٹھ ہومراونُک اَکھ بےٚ ضرر وٕسیلہٕ۔ حقیقی دُنیاہ نشہِ اُچھ وُٹھتھ عقیدُک دُنیاہ پانناوُک یہِ رۆجحان چھُ ورگہٕ پأٹھی شأعرٕ ہنٛزِ کمہِ تام مجبوٗری ہُنٛد تہٕ نتیجہٕ باسان یا بقولہِ مہجوٗر ؎

وٕنہِ ہے مہجور داستان دل ضروٗر

وٕنہٕ نس تہِ چھےٚ ناتس وار مدنو

بہر حال پتٕمِس ذٕہلس دوران تخلیق سپٕز ہِوٕیَس تہِ کم قلیل شأعری برونٛہہ کُن آمٕژ چھےٚ تمیُک پٹھ پٹھی جأیزٕ ہینہٕ پتہٕ چھُنہٕ یہِ باسان زِ یہِ شأعری کیا چھےٚ یہِ امہِ برونٛہمہِ جدید شأعری نش یکسر وکھرٕ یا کانٛہہ الگ

# ہم کال شاعری ۔ اکھ سام

ہم کال شاعری وٕنتھ چھُ میوٚن مطلب سو شاعری یَس پتمس ڈٔہلس دوران تخلیق سپز تہٕ یَتھ منز امہِ دورکہِ انتشار چ تہٕ عصری آگہی ہنز باوتھ سپز ہٕ مٕژ چھے ۔ مے چھُ یٖیمہِ کتھہِ ہُند اعتراف زِ ہمکال شاعری متعلق کانٛہہ راے زنی کرٕنی چھ کینٛژو وجہو کِنی ناممکن سبب تِکیا زِ اَمہِ رایہ ہنٛز غأر جانب دأری متعلق ہیکن سوال ووٚتلتھ ۔ کأشرِ زبأنی ہٕندس ہمکال ادبس متعلق قلم آزمأیی کرنس چھےٚ اَمہِ علاوٕ تہٕ کینٛہہ دِقو ۔ مثلن پتمبن کینٛژون ؤریین دوران یہِ کینٛژھا لیکھنہٕ آو تہِ سورُے چھُنہٕ وُنہِ بروٚنٛہہ کُن آمُت ۔ تِکیا زِ اول چھِ کأشرِ زبأنی منز اشاعتی وٕسیلن ہنٛز ڈٔسیأبی کمے پہن تہٕ دوٚیم چھِ وچھ ہنگأمیٚو تہٕ بے وسأیی وٕچھِتھ شاعر پنٛن کلامہٕ مارکس منز تہٕ اونس زنتہٕ کھورِ ے پتھ موٚران ۔ پتمبن کینٛژون ؤریین دوران آیہِ کینٛژون

بہانہٕ کٔرتھ تمام عالمہٕ کٮ۪ن حأدثن تہٕ حأرثاتن للہٕ کھوٚل کرنہِ۔ یٔمہِ کنی تَشُند سوچ پنہِ أندی پکنہِ ژھٮ۪نہٕ سپدتھ دوٚرِ گوٚن ۂندس ژٕ کرِ دیوہس منز ہمنہٕ آو۔ امہِ علاوٕ سپُد خأرجی زندگی نش دوٗرنس یہِ وجہ تہِ زِ حالاتو نیہِ انسانس رسہٕ رسہٕ تمہِ وٚسپلہٕ مُہتھ یموتس دوٚیمہِ ستی روزنک راحت تہٕ سوٚکوٗن میسر کوٚ رمُت اوس۔ چنانچہِ معاشرٕ یٮ۪لہِ انسأنی قدرن ہنز رأچھ راوٕٹ کرنس اَہل روٗدنہٕ فردس تہٕ فردس درمیان وہ تلہو دوٗربر تہٕ نتیجہٕ دژاو زِ دُنی یہس ستی رشتہٕ منقطع سپدِتھ لوٚگ سُہ پنہٕ نس زاتس منز ے چھپن جاے ژھارنہِ۔ أمی صوٗرت حالن کوٚرسون شأعرتہِ اکہِ شدید گٔنیرک شکار۔ سُہ لوٚگ نبرِم دُنی یاہ ترأوِتھ ذاتہٕ کِس گٹاشِتس منز گرفتار سپدِتھ أندرِم شُنی ژھنڈنہِ تہٕ یوہے أندرِم اولوٚ دتہٕ ازأنی شُنی بنیو أہنزِ شأعری ہُند دُنیاہ۔ یہِ اوس فقط اَوٚ ہندُے یوت دُنیاہ یتھ یہوے یوت أژی منزی گوٚمُت اوس تہٕ باقین ہنْدِ باپتھ اوس یہِ وو پرہیوٚ۔

دوٚیم رٔوِش أس یہِ زِ گٔنہِ گٔنہِ آیہِ جدید بوزنہٕ ینہٕ کِس فیشنس تحتھ بے جا طورٕ ازحد وُٹھعلِل، ورل تہٕ گجر لد زبان ورتاونہٕ یَس ڈاڈاازم چہِ تحریکہِ تہِ پتھ تژ اوٕنج تگ دوباسان أس۔ تخلیقی مجبوٗری برعکس نوبر پسندی ہنْدِ جوٗنونہٕ ستی متأثر یِتھ زبأنی ورتاوٕ ستی ووت شعرٕ کِس ترسپلہٕ خیالس تہِ ددارٕ۔ یوٚ دوے یہِ رٔوِش ازتہِ نظرِ گوٗہان چھِے اماپوٚ زپُتی مٮ۪ن دَہن وٕری ین ہندیو حالاتو ہیوٚت کأشُر تخلیق کار گوڈٕ نِکہِ الزامہٕ نشہِ بٔری کرُن۔ یانے سانہِ شأعری ہنْدس ہوانو لتہٕ

چھُنہٕ اتھ شأعری ہیٔتی طور مزاجس تہٕ موضوعس زِ یہِ چھُ پزر ہتھ اندازٕ وانو تہٕ امہِ برونٛہہ جدید شأعری نش کانٛہہ تہِ اہم پھیرٕ بلکہِ چھِ واریاہ حدس تام اَمی شأعری ہُنٛد ۂہراو باسان ۔ ووں گو موجوٗد دورٕ کین حالاتن ہُنٛد بن چھوکن ہنٛزِ دگہٕ، ہنٛز باوتھ ییٚتہِ ییٚتہِ اَتھ شأعری منٛز سپزٕ ہو چھےٚ سو نظر تل تھأوِتھ چھُنہٕ یہِ مانٕنہٕ ورأے کانٛہہ تہِ چارٕ زِ یژھ ہش شعرٕ باوتھ ہکہٕ ہے صرف تیٚمی دورٕ کین تِتھنٕے حالاتن ہُنٛد شِکمہٕ منٛزٕ نیرِتھ ۔ یِمن چھوکن ہنٛز دگہِ ہُنٛد پوت صدا ییٚتہِ ییٚتہِ اَتھ شأعری منٛز کنن گوٚ ھان چھُ تتہِ تتہِ چھُ امیُک ہوانولتہٕ تو ژٕ جدید شأعری نشہِ ہناوکھرٕ باسان تہٕ امی موٗجوٗب چھُ اَسہِ اَتھ شأعری منٛز کینٛہہ رو جحان زیادٕ پہن غالب تہِ لبنہٕ یِوان یِم پھیرٕ بدِ کڈنہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ أسی تراوو جدید کالچہٕ شأعری پیٹھ اکھ سرسری نظر۔

جدید دورس منٛز سپزٕ سانہِ شأعری منٛز موضوٗعی کیو ہیٔتی لحاظہٕ رنگارنگی پأدٕ۔ یہِ اوس سہٕ دور ییٚلہٕ کأشرٕ تخلیق کار نظریأتی زولانو نشہِ آزاد سپدِتھ تہٕ نعرٕ بأزی کیو پزٕ و پگنڈا ترأوِتھ پننہٕ نٕبن موٚحسوٗساتن غار جذبأتی آیہِ زو اَننہٕ لوٚگ یِتہِ چھےٚ حقیقتھ زِ أمی دورن دِتی سانہِ زبأنی کینٛہہ قداوار شأعر یِمو پننہِ تخلیقی قووٚتہٕ ستی کأشرٕ شأعری نوبن جہو ن کُن پکنأو ۔ ووں گوٚ اتھ ستی ستی سپزٕ اَتھ دورس منٛز سانہِ شأعری منٛز زٕ رُ وِشہِ غالب یِمو سأنی شأعری پننہِ میوٚ تہٕ ماحولہٕ نش دوٗر رأ و۔ اَکھ رُ وِش أس یِہ زِ سون شأعر لوٚگ کشیرِ منٛز بہتھے عالمی گامُک بُسی کین دربنک

ءکتھن مأژِ گُلبن لۆگ نار
خانہٕ وُجأری ءکتھن لۆکن
کیچھن
باگہِ
۳۔ یہ ماگ راتھ مستقِل چۄنچِہ زٕٹھ داستان
عجب مُلک نواح کران درد چھےٚ نوش لب پران

اوٚ ند رۆنٕک خلوکھ خانہٕ تژ اونس کوٚ رأز ییٚک شأعر یمہِ دورکہِ تمو سیأسی تہٕ سمأجی حالاتو تہِ مجبوٗر ییم ستأجی پتہٕ رسہٕ رسہٕ وادی منٛز رۆنما سپدی۔ یمو حالاتو دیُت تس وارِ وارِ یہِ احساس زِ سُہ چھُ أکِس تِتھِس سمأجی کہِ سیأسی نظامس منٛز پھٕسِتھ ییٚتہِ پٔدِس پٔدِس پیٹھ نابرابری، حق تلفی، نااِنصأفی تہٕ عدم تحفُّظ چھُ۔ تمہِ ژیوٗن زِ فرد چھُ کیٚنٛژن مفاد پرستن ہنٛزن لتن تل یم تس پنٕن ذأتی مقصد بامل اَنہٕ باپتھ کُنہِ تہِ ساتہٕ لتہٕ موٗنٛجہِ کرن۔ موٗجوٗدٕ زندگی ہنٛدِ امہِ کژہِ پھرِچ باوتھ چھےٚ نمتہٕ برۆنٛہمہِ شأعری منٛز تہٕ اماپوٚ زیوٗت غألب پٲٹھی تہٕ نُمایاں پٲٹھی نہٕ یوٗت یمہِ دٔہلچہِ شأعری منٛز اَمچ باوتھ سپٕز ہو چھےٚ۔ تِکیازِ موٗجوٗد سمأجی زندگی ہنٛدِ اَمہِ کژ ہنیارُک سُہلاب سپُد ییتھ دٔہلس دوران کأشرِس تخلیق کارس ئسری پیٹھی۔ نتیجہٕ دژ اویہِ زِ أز ییٚک شأعر سپُد ذلتہٕ کہِ خولہٕ منٛزبہر نیرنس تہٕ پانس أندی پکھی چہِ زندگی سنٛنس مجبوٗر۔ یتھ پٲٹھی چھُ ازی چہِ شأعری منٛز ذأتی دوکھ تہٕ کربہٕ بدلہٕ جمأعتی کرنٛچ تہٕ دوٚچھ باوتھ کرِتھ جماتس ءتی

دنٛی یہس ہکہٕ نہٕ شاید وونٛی کانٛہہ تہٕ وو پرٛئنتھ ۔ اول یٖمہٕ مؤجوٗب زٕیمن
کُل دُنٛی یہکٕمن حادثن تہٕ المین سون شاعر بروٗنٛہہ چھرا ذہنی سوٗتھرس پٮ۪ٹھ
موٗحسوٗس کران اوس ازبنیہٕ تمہ تس پننہٕ زندگی ہنٛز حقیقتھ ۔ ازنہٕ چھےٚ تس کنہٕ عالمی
فلسفچ لادنےٚ تہٕ نہٕ پانس عالمی گامُک بُسی کین درمانٛتھ ساری عالمکی غم تہٕ چھوکھ
للہٕ ناونچ کل ۔ تکیازٕ از چھنہٕ تس پننین چھوکن شُمار یوٗان دوٗیمبن کیاسنہٕ سہٕ ۔
دوٗیم کوٗرسہٕ یمو حالاتو اجنبی دُنٛی یاہ پٮ۪ٹھ واپس اٮ۪نتھ پنہٕ نیسے اٮ۪ندپکھس منٛز
زوٗنس مجبوٗر ۔ سہٕ لوٗگ ووزُم دُنیاہ تہٕ ووزمی غم ترٛاوِتھ تمہنے چھوکن زیو دِنہٕ یم
تیٚشدبن موٗجوٗد حالاتن ہُند دیُت چھُ ۔ یٖمہٕ دورچہٕ شاعری منٛز چھےٚ اَسہٕ یمہنے
چھوکن ہنٛدٕ دُسی ووتلاونہٕ آمتہٕ کرنچ برقی رَوہش موٗحسوٗس سپدان لیس اَسہٕ یہٕ
مانس قائل کران چھےٚ زِیہٕ شاعری چھےٚ وطن واپسی ہنٛز شاعری تکیازِ یوٚہ بیشتر
شاعری منٛز چھےٚ اَسہٕ موجوٗدٕ دور کین ووکھہٕ حالاتن منٛز ہنہٕ آموٕ کشیرٕ تہٕ کاشرٕ
ہنٛدس مُنتشر وجوٗدس ستی موکھہٕ مدا ے سپدان تہٕ یو ہے چھُ اَمہٕ شاعری ہُند
غالب رجحان تہٕ ۔

۱۔ ژٔوٗن لوتی وتر وولوتی تیٚتھ آوبُنیل
دارِ تہٕ برلرنہیہٕ نبر آوازنہٕ بوٗد
۲۔ نس ژٔٹ ہش کوستا متھ آیہٕ
تہٕ شہمتھ ؤہرن

یو ہے وجہ چھُ زِ یتھ شاعری منز چھِنے گہے ذاتی دوکھ بدلہٕ جمأتی دوکھ تہٕ زندگی ہنٛز باوتھکأری تہٕ تہٕ گہے معاشرٕ نِہناونہٕ پینک ہاہا کاریا پتھ کالس تہٕ تہذیبی میراثس زألی دِنک روجحان تہٕ یَسلہٕ پأٹھی آمت۔

چنانچہٕ اَمہٕ شاعری ہنٛد تجربأتی دُنیاہ چھ یِتہٕ پأٹھی مؤجوٗدہٕ دورٕکس تو اریخی المیس اَندی اَندی نژان ییمہٕ سببہٕ اتھ منز یتھ زبأنی ورتاوٕ چ ترا یے زیادٕ پہن لبنہٕ یِوان چھے ییمکی مؤل تتھ ثقافتی وِرثس منز سٕنٛز تہٕ گنٛزٕ چھِ یُس اُمی شاعرن پانس برونٛہہ کنہٕ نِہناونہٕ یِوان وچھ۔ اتھ شاعری منز چھِ علمدار، ریوٗش، وتھ ہوٗنی، زبرون، کنٛزل ون، یأر، گنٛج پوشنول مختلف جایہٕ ناو استانن تہٕ اَستھاپنن ہنٛدی ناوٕ لفظہٕ تہٕ باقے تمام تم وبدی تہٕ عام موروٗض ییم کأشر ثقافتی زندگی ہنٛدی اہم انگ چھِ۔ زبأنی ورتاوٕچ یہٕ مخصوٗص خوٗبی چھے ورگہٕ پأٹھی یہٕ پزرتہٕ پرکھاوان زِ مؤجوٗدٕ دوٗرُک یہٕ شاعر کتھ حدس تام چھُ پننہٕ میرٕ تہٕ ماحولس منز جذبأتی سوٗتھرِس پیٹھ سبٹھاہ قربتہٕ سان لسان بسان۔ یتھ زبأنی ورتاوُک روجحان چھُ مُلہٕ تلہٕ تمہٕ راون تبلکہٕ احساسُک نتیجہٕ یُس اُمس شاعر ہنٛدِ باپتھ مؤجوٗد دورُک سوغاتھ چھُ تہٕ یُتھے سٕہ مؤجوٗدوقتُک کرب مشراونہٕ باپتھ پانٛنی پزنتھ وٗنراونہٕ باپتھ پنٛنی ثقافتی مؤل ژھاران چھُ لتہٕ چھِ اُمس ییے عام تہٕ وبدی موروٗض بُتھہٕ پیوان۔ راون تبلُک یہٕ تُچھن تُلہٕ وُن احساس تہٕ پتھ کالس زألی دِنٛچ ترا یے

پٔنن پان وابستہٕ کرنٕچ جُستجو ،نتہٕ غأر محفوٗضیت ، اجنٔبی یَتھ لاتولقی تہٕ پرژھنبر بیتر ، جذبن تحتھ ذاتہٕ منٛزٕ سپرٕتھ جمالس ستی پٔنن پان ہم آہنگ کرنٕچ کشمکش دژ ینٛٹھی گوھان مثلن یم کینٛہہ مثالہٕ وُچھو۔

۱۔سہٕ بژ ؤنٛٹھی کَنٛز پوٚک بے خیال لاتولق
یہٕ پاے بند سراپا نظرتہٕ خاموشی
۲۔ژُری گیٚش نہٕ برک تیٚچ نہٕ کانٛہہ ژھاے ڈلأنی
تم جایہٕ تہٕ تم بأژ اما کور سناگے
۳۔کن کرٕ یشان اُچھ ترسان پٔنن کانٛہہ بُتھ پیٚیہٕ نا
ییٚلہٕ چشمن لگہٕ ؤہراتھ یہٕ کتھہٕ کنٛز لیکھہٕ غزل
۴۔دردٕ گاہچ رٕنٛج ؤلیل چھہٕ اُسی ۔کربلاہچ سبز سبیل چھہٕ اُسی
۵۔اندر رچھِو اتو ہی بأژ گرِ کی سأری وارے
کُنبرٕ ستی وو ہٕ تیلمتی خوف تہٕ اجنٔبی یُتھ ہندی جذبہٕ اَسی جدید دورچہٕ شأعری منٛزٕ تہٕ اماپوٚز تتہٕ اوس شأعر جدید حسبا گہی ہندس سوچس تحتھ یہٕ سوٗرے کرب جدید زندگی ہُند لوٚگ لون مأنتھ یمن بروٚنٛہہ کنہٕ سرخم کران ۔تتہٕ اوس سہٕ خأرجی زندگی ہنٛز ناہموأری تہٕ وبکھوارُ وٕچھتھ پنہٕ نس اؤندرٕونس منٛزٕ بے پناہ ژھاران مگر یٚتہٕ چھےٚ کُنٛرٕ چہٕ حالَو منٛز پان موکلاونٕچ آمادگی تہٕ تہٕ فردس تہٕ سماجس درمیان ژھیٚونمت رشتہٕ بحال کرنٕچ ووتھ ژھانٛٹھ تہٕ۔

وتہٕ وبلا ے شأعرس پٔنٔی پرٛ زنتھ ژھارنہٕ باپتھ جُستجو کرنٕک وُتش وِوان۔ یتھ دوران یہِ پننہٕ نس یادٕ وۄ ترٛکس شہلی گلس تل واتان چھُ۔ یہِ موٗلُل سرمایہ چھُ بلواسطہٕ پأٹھی أمس عصری کرب وتہٕ راونٕک وسیلہٕ تہٕ فراہم کران۔ چاہے سوارجن دیو مجبوٗرنی ''پدی سمیکھ'' أسی تن یا ''تیوٗل'' ہش طویل نظمہٕ۔ موتی لال ساقی سنٛز گنٛدرن یا جواہر لال سرورسنٛز ''ون پوشہٕ نۄلوون'' أسی تن پرٛ زنتھ تہٕ ثقافتی موٗل ژھارنٕچ جُستجو چھےٚ یمہٕ بیشتر شأعری منٛز ٹاکارٕ۔

یہِ کتھ چھےٚ دلچسپ زِ چاہے کشیرِ منٛز روزن وول شأعر أسی تن یا کشیرِ نیبر موجوٗد بےٚ ہتھی صوٗرت حالس متلق چھےٚ اظہارکس سۄتھرس پیٹھ مماثلتھ ہش لبنہٕ یوان۔ مثلن وُچھتو یمن بوٗنی مبن شارن ؤ موٗنن منٛز کتھہٕ پأٹھی چھُ درپیش صوٗرت حالچ تصویر کأری کرنہٕ باپتھ مُختلف شأعرو لفظ ''سہلابُک'' الہٕ پلہٕ اکی انٛمانہٕ ورتاوکۆرمُت۔

۱۔ بونہٕ تے ییر واجہٕ سہلابن
ناوِ تہٕ ژھئنی طناب اللہ ہو

۲۔ سہلابن ژھن ڈبہٕ ڈاس کرِتھ
انسان کیٛو حیوان ییرٕ وٲلن
کم باغ تہٕ جنگل لُہر اوِن

۳۔ نوح سُند اکھ طوفان تھکہٕ روٗس ییتہٕ سہلاب

چھےٚ یِیمہِ دورچہ شاعری منٛز اکِہ نتہٕ بیٚیہ رنگہٕ زیادٕ پھن آمژ ۔ گہے یِوھن غاژ جذباتی شعرٕ باوژن ہُندس صورتس منٛز یم اُکس مُدرِس کربس زٕپر دِتھ اکھ سنہٕ وُن توژروو تلاوان چھِ مشکن ۔

اُسی تہٕ چھِ البم پھرس پھرس ژٕپری وُچھان

اَسہِ تہٕ چھُ اکثر یاد پیوان لوکچارتہٕ خاب (رفیق رازؔ)

تہٕ گہے چھُ یہِ صورت حال یِیمہِ آیہِ موٗروضن ہنٛز شخصاونکاری کرِتھ تہٕ المناکھ ڈراماوو تلاوِتھ دیدمانہٕ کرنہٕ آمُت ۔

نوزاو کھس موٗنی ژِتھرحال ونان اُسی (رحمان راہیؔ)

یا گہے جذبن ہنٛز شدٕژ سان یِیمہِ آیہِ اِحتجاجی تہٕ استفہامی لہجس منٛز ۔

کمٕ مےٚ کوٚرم سونتہٕ شہُل غاب یِیتھن

کمٕ مےٚ تھوومِ ناگ سوٗژل بال گٔٹھتھ (تیج راوٕلؔ)

راون تبلگ یہِ کرب تہٕ محروٗمی ہُند یہِ غم چھُ ہمکال شاعرٕ سنٛز زندگی ہُند تلخ پزر تہٕ تِسنٛدِ جذباتی دُنیہک اکھ اژھبن انگ بنیومُت ۔ سُہ چھُ توے پھرِ پھرِ امیک اظہار کران یہِ رو.حجان یوٚ دوے یِیمہِ دورٕکبن بیشتر شاعرن منٛز جلوٕ گر چھُ اماپوٚ زبےٚ گرٕ شاعرن منٛز چھُ امیک احساس زیادٕ شدتہٕ سان لبنہٕ یِوان ۔ چنانچہِ تمن چھُ اکھ تیتھ صورت حال باگہِ آمُت یِیمہِ ستی تہنٛز زندگی لاسمت تیج شکارسپزٕ مژ چھےٚ ۔ یوہے احساس چھُ اُمس

شأعری چھےٚ باضے کیٚنٛہہ وپھیرو باوُوجوٗد تہٕ گُنہٕ گُنہٕ ترقی پسند دورچہٕ طبقأتی کشمکشن نظرِ لیس زیرِ اثر کرنہٕ آمژ مقصدی شأعری ہنٛز یادتازٕ کران ۔ مون زِ ترقی پسندی ہنٛدس ووٚزٕ می فلسفس برعکس چھُ یہٕ شأعر موٗجوٗدٕ زندگی ہُنٛد واقأتی پزٕرِ باوان اماپوٚ زیوٚ دوے شأعرسنٛز کأم چھِرا واقأتی پزٕر باوٕنی آسہِ ہے تیٚلہِ آسہِ ہے نہٕ شأعری توأریخ یا صحافتہٕ نشہِ الگ ووٚجوٗد تھاوان ۔

اتھ شأعری منٛز چھُ ٹاسریتہٕ فکری مفلسی تِمن جاین تہٕ ییٚتہِ شأعرن معاشرکس نہناونہٕ یِنس یا محروٗمی کھو دٕورِس پیٚٹھ واویلا کرنس دوران مُختلف پیکرن درپرٕدٕ پننہِ ذأتی دوکھہٕ یاذأتی پسندتہٕ ناپسندی تہٕ رلیہِ ہُنٛد اظہار کوٚر رُمت چھُ ۔ یِوھن جاین چھُ باسان زِ موضوٗعک انتخاب چھُ زأنِتھ مأنِتھ کرنہٕ آمُت ۔ شاید چھُ امہِ تجریچ آزأدی مُشرأوِتھ منہٕ پیٚوی تہٕ گنٛڈِتھ ژٕٹِتھ موضوٗع ژارِ ہُنٛد وجہ یہٕ زِ سأنس تخلیقکارسُنٛد ذہن چھُ پتٕمین وٕری ین ہنٛدی اُمی المیَن تتھ پأٹھی آورُمت زِ سُہ چھُنہٕ پنُن ذہن امِہ نشہِ موکلأوِتھ ہیٚکان ۔ اُہنٛزِ شأعری ہُنٛد تجربأتی دُنیاہ چھِ اُتھی المیس اُنٛدی اُنٛدی آباد ۔ امہِ ستی چھُ باضے یہِ اندیشہِ تہٕ سپدان زِ جدید دورس منٛز یَس وُسعتھ تہٕ کُشادٕگی سانہِ شأعری ہنٛدس تجربأتی دُنی یہس آیہٕ شاید ما ہیٚیوٚن سو وارِ وارِ شرہ کان تہٕ نہٕ ۔ باسان چھُ زِ سون شأعر چھُ اُکس محدوٗد

حالاتن ستی شاعرٕ سُند یہِ ردِعمل چھُ ییٚہِ آیہِ تہٕ نوٚن خاصکر تِمن شاعرن منٛز ییٚتہِ شاعرو درپیش حالاتن ہُند سوٚدٕر منتھن کٔرِتھ ''وجہ'' تہٕ ''اثر'' کین محرکاتن ہنٛز پرنہِ چھاَنٛی کٔرمِژ چھےٚ اماپوٚز اَتھ دوران چھےٚ یتھین شعرن منٛز کُنہِ کُنہِ ''رٕنٛج'' تہٕ ''بدی'' ہنٛز خانہٕ بندی سپزمٕژ یِمہِ ستی اتھ منٛز کُنہِ کُنہِ ٹاسرِ جذباتھ نگاری ہُند باس لگان چھُ۔ مثلن۔

۱۔ چھتہٕ سُہ محاٗفظ امن اما ئُک — رٹہِ بودن وٹہِ ڈیار کروکیا

۲۔ مہر کُلس رتہٕ بوچھِ تیز ہمٕژ — زلچوٕ ہنٛز پےٚ بالغ گمٕژ

۳۔ تِم عقیل تہٕ شکیل گٔتھی پتھ ون — جِن چھِ ونوان رآزدأنی منٛز

۴۔ وو پردستار دِتھ سوٕنٛچ پرداٗرک

مگتھ اَنٛی ہٕمژ گُنس

جولہِ منٛز نیرتھ بُچھان

ہرگاہ اَسی ڈُچھو ہرمبن شعرٕ مثالن منٛز چھےٚ مختلف لفظو تہٕ رمزوٕ ڈسی جان تہٕ ناکارٕ عنصرن ہنٛز خانہٕ بُندی ٹاکارٕ سپزمٕژ۔ حاٗکم تہٕ محکوم، ظاٗلم تہٕ مظلوم کِرداران درمیان یہِ باٗگرن کٔرِتھ یوٚ دوے کُنہِ کُنہِ ماٗری مُندی پیکرن تہٕ خوٗبصورتھ ورگہ باوٕژ ڈسی پُرکشش شاعری تہٕ تخلیق کرنہٕ آمٕژ چھےٚ اماپوٚز یِتھہ شاعری منٛز چھنہٕ ترتھن مثالن ہنٛز تہِ کٔمی ییٚتہِ باسان چھُ زِ شاعرو چُھنہٕ تخلیقی عملہِ منٛز جذبس پٔنن مناسب رول اداکرنہٕ دِتمُت۔ یِتھہ ہش

وکانہٕ گومُت زِ ظاہری سطحس لور روزنہٕ سبہٕ چھُ کُنہٕ کُنہٕ اَتھ منز چھر اوقتی ہنگامیو
ہُنٛد کرٕ کہٕ نادکنن گوھان ۔ امیک مطلب چھُ نہٕ یہ زِ اتھ ہمکال شاعری
منز چھےٚ ترٛوٚھن مثالن ہنٛز کمی یِنٛتہٕ زندگی تہٕ جہانک اِدراک وسعتہٕ سان
بروٚنہہ کُن آمُت چھُ ۔ بلکہٕ چھُ یہ پزر زِ اتھ شاعری منز تہٕ چھےٚ یِنٛتہٕ ہوتہٕ
ترٛوٚھ مثالہٕ درینٛٹھی گوھان یِنٛتہٕ یہ محسوٗس سپدان چھُ زِ شاعرن چھےٚ زندگی
ہنٛدس سوٚ درس منز ڈٕنگ دِتھ حقیقتچہٕ موختہٕ لرِ موچھہٕ رٹنچ جان کوٗشش کرٕمٕژ ۔
مثلن غلام نبی فراق سنٛز نظم "کرفیو" چھےٚ اَکھ رٕژ مثال ۔ یتھ منز شاعرن
وقتی وبکھرٕ ارٕ چ تصویر کاری کرِتھے زندگی ہُنٛد بیاکھ روخ دِیہ ملنہٕ کوٚرمُت
چھُ ۔ یہ چھُ سُہ روخ یِنٛتہٕ پٔتھ اَنٛدٕ مسرتھ تہٕ شادمانی ہُنٛد عالم چھُ ۔ فراق
چھُ پننہٕ مخصوٗص انٛدازِ نظرٕ فطرتھ تہٕ زندگی ہنٛز وسہٕ دروسہٕ منز حظ تہٕ مسرتھ
کھوکھلاوِتھ ہنک موٚت ۔ سوترا ے چھےٚ یتھ نظمہٕ منز تہٕ جلوٕگر ۔ اَتھی سٟتی سٟتی
چھُ سُہ اَتھ نظمہِ منز زندگی ہنٛد بن دوشونی سوٗتھر بن کومہِ اَنس منز کامیاب
سپُد مُت ۔ مشعل سلطانپوٗری سنٛز نظم "وٕنی دِتی مس" تہٕ یژ دوٕ ے موٗجوٗدٕ
حالاتن ہنٛز ے عکاسی کران چھےٚ اماپوٚز شاعرٕ سُنٛد زبانی ورتاو چھُ اتھ مقامی
سوٗتھر پٔٹھ تھوٚد تُلِتھ ساری انسانی زندگی ہنٛدِ جنگلک حادثہٕ بناوان ۔
انٛدازِ بیانس منز بےٚ شبہہٕ از کال کہٕ ورتاوٕ سٟتی چھہٕ امکی پیکر زندٕ متحرک تہٕ
جاذب نظر بنیمتی ۔ ارجن دیو مجبوٗر نہٕ موخصر نظمہِ "نظم" تہٕ "پننہٕ پوٚنرس کُن" تہٕ

چوکھاٹس منز ہنہٕ آمت ییٚتہٕ زندگی ہُند ورٕن وتھرُن یِمے حالاتھ چھِ ۔ حالانکہِ
یہِ چھُ صحی زِ محدوٗد داٗیرس منز رۄزتھے ہیکہِ تخلیق کار کُلہم اِنسانی زندگی ہٕستی
موکھہِ مداٗے کٔرِتھ ۔ وۄں گو یہِ چھُ تیلی مُمکن ییٚلہِ تخلیق کار زندگی ہٕندِ
ظاہری سۄتھرِ پٮ۪ٹھ بونٛ وٕستھ تلاش حیاتس ہٕستی دلچسپی ہاوِ ۔ نتہٕ ہرگاہ سُہ امہِ
نش لوٗب ہیٚیہِ تہٕ ظاہری سۄتھرِس ہٕستی روزِ آوٗر تیٚلہِ ہیکہِ تٔسند فن چھرا تنقید
حیات أستھ ۔

زندگی ہٕندی چھِ زٕ سۄتھرٕ ۔ اَکھ چھُ انتشار تہٕ تصادُمُک ظاہری
سۄتُھر ییٚتہ نفسیاٗتی زباٗنی منز Trivial Plane ونان چھِ ۔ عام انسان
چھُ اکثر أتھی سۄتھرس پٮ۪ٹھ زُوان ۔ ییٚتہٕ تٔسند کُن تہٕ کیول مقصد زُو تہٕ جانٛک
رشتہٕ برقرار تھاونہٕ باپتھ زندگی ہٕنز ضروٗرژن ہٕنز پوٗرتی کرٕنچ تگہٕ دوتہٕ
باقٕے لوکچن موکچن مسرژن ہٕستی آوٗر روزُن آسان چھُ ۔ دوٚیم سۄتھر چھُ
سۄکوٗن تہٕ قرارُک سۄتھریُس ژھوپہِ ہُند اَکھ انیکھ سۄدر چھُ ۔ اتھ چھِ
نفسیاٗتی زباٗنی منز Tragic Plane ونان ۔ اَکھ کامیاب تخلیق کار چھُ
یِمن دوشوٕنی سۄتھرن پننہِ تخیُل تہٕ تجربہٕ ہٕستی مربوٗط کٔرِتھ زندگی ہٕنز زیادٕ
کھوتہٕ زیادٕ زان تہٕ آگہی پژاوان ۔ ہرگاہ سُہ اتھ منز کامیاب سپدِ نہٕ یا ہرگاہ
سُہ گوڈنکے سطحس پٮ۪ٹھ روزٕ گژھہِ تیٚلہِ چھِ تٔہندس فنس منز گہراٗیی تہٕ گیراٗیی
ہیٚنٛز ناممکن ۔ مےٚ چھُ باسان زِ ییٚمہِ دور چہِ واریاہ شاعری چھُ شایدیو ہے

شاعری باپتھ چھُ یہِ شاید نوٚ وموضوٗع ۔ اَتھ نظمہِ منٛز چھُ گریلو زندگی ہِنٛدِ بکھراومٕژ جب أزی کس انسانہٕ سُند گرچن لوٚکچن موکچن شادمأنی ین تہٕ خوشی ین نشہِ محرٗوم سپدنُک کرب باونہٕ آمُت ۔ یہِ نظم چھےٚ پٔزی پأٹھی سانہِ شاعری ہِنٛز تجربأتی رنگارنگی اَکھ اہم ہُر بر ۔

کامیاب شاعری ہِنٛز مثالہِ ہکو أسی محی الدین گوٚہر، محمد ایوب بیتاب، گلشن مجید، چمن لال چمن تہٕ بیٚیہِ کینٛژن نظم گوشاعرن ہِنٛز شاعری منٛز لبِتھ تہٕ امین کامِل، راز، شادؔ، ساقی بیترِ شاعرن ہِنٛد بوغزلو منٛز تہِ دِتھ۔ ووں گواَچ وکھٕر وکھٕر ذِکر کرِتھ چھنہٕ یَتھ مقالس طوٗل دِنٛچ ضروٗرتھ تہِ ۔ البتہٕ چھُ یہِ وَنُن ضروٗری یوٚ دوے ییٚمہِ دورٕچ واریاہ شاعری وقتی زندگی ہِنٛزِ ہنگأمیٚو منٛزٕ ے ہینہٕ آمٕژ چھےٚ ۔ تہٕ لیس کالکہ تہٕ پگاہ یادٕ وٚوٗ ترکھ أنہٕ خانو پٔتھٕ نہناونہٕ ۔ یہِ تمہِ باوجوٗد تہِ چھُنہٕ یَتھ دورس منٛز تیوٚھ شاعری ہُنٛد ژھر برلیس اَسہِ سنہٕ ۱۹۶۰ ء پٔتھٕ سورونہٕ صدی ہنٛد بن یمن ؤری ین تام کہِ کأشرِ شاعری ہُنٛد اِرتقأیی سفرٕک نیب دِوان چھےٚ ۔ یِہے شاعری مدنظر تھأوِتھ چھِ أسی یہِ ونہٕ نس حق بجانب زِ سأنی أزِچ شاعری چھےٚ نہٕ جدید دورچہِ شاعری ہُنٛد اَکھ أنی کھلہِ تہٕ آنی مأنی دوہراو بلکہِ اَکھ فطری اِرتقا۔

چھیکرس چھُ یہِ وَنُن تہِ ضروٗری زِ یوٚ دوے ہمکال اَدبس منٛز تہِ غزلس ہتی ہتی نظم صنفٕ شارٕ باوٕ ژہُنٛد اَکھ اہم وٚسیلہٕ روٗزِتھ تاہم سپدی یَتھ دورس

چھےٚ تجربچہِ وُسعو لحاظہٕ اہم ۔ "نظم" ناوچہِ نظمہِ منٛز چھےٚ یِتھہٕ زلہِ ہنٛز
شچھاونکٲری کرٕتھ زندگی ہنٛز شادِ تہٕ غمچ دگ تہٕ ژھپہ ژھٲر باونہٕ آمٕژ تہٕ "
پتہٕ پوٚشرِس کُن" نظمہِ منٛز چھُ فطرتکین انگن ہُند ژھپتھ لول درشاوِتھ
اِنسٲنی لولس تہٕ انسٲنی عملہٕ ہنٛدس بجرس وَ کھنے کرنہٕ آمٕژ ۔ شفیع شوقنیٚ نظم
"شبچو" تہٕ چھِ توجہ طلب ییتھ منٛز غٲر جذبٲتی لہجس منٛز شٲعرن وَقتچہِ کوچھہِ
منٛز اِنسٲنی زندگی ہند ژھوٚپ دوٚپ سفرُک سرِ ساوہٕ بوومُت چھُ ۔
ییتھے پٲٹھی چھےٚ رحمٰن راہی ہنٛز "مولُل شب" ییٚتہِ وبودتہٕ عام ماحول پٮٚنہٕ پرُ
اسرٲری یتھ ہتھ بروٚنہہ کُن یوان چھُ تہٕ جانورن ہنٛز علامتھ زندگی ہنٛز مختلف
دشلیہِ درشاوان چھےٚ "زٕنہٕ اکھ نظم" یَس ییٚمہِ دورِکس انسانہٕ ہنٛز مٲلی اوسوٗدگی یَن
تہٕ سہولیون ہندس سرابس کُن دوٗری دوٗری زوال کس گٹہٕ ژلس منٛز راونچ
کٕڈرِ حقیقتھ باوان چھےٚ ہکون ییٚمہِ دورکین نُمایندٕ نظمن منٛز گنٛز رِتھ ۔ از
کل کس انسانس کوٗرہجرت تہٕ مٲلی کوٚمٲدی مسلوٲ کھ عجیب انتشار پٲدٕ ۔
چنانچہِ أزی کس معاشرس منٛز ییٚتہِ مٲلی موفادن تہٕ ترجی ہن گوڈٕ انوٲری دِنہٕ
یوان چھےٚ سپزٕ رشتن ہنٛز ہٲنکل ژٕ ہنٛج اَکھ کرِٹھ عمل شوٗروٗ ۔ فردِ سپُد مٲدی
ضروٗرتن تہٕ حاجتن ہُند ییتھ حدس تام موحتاج زِ رِشتن ہُند تقدس سپُد زٲلی
ہارِ ییٚمہِ کہِ نتیجہِ گریلو زندگی منٛز بکھراو سپُد ۔ امہِ احساسُک اظہار یوٚ دوے
کیٚنٛہوٗن دوییمن زبانن ہنٛدس ادبس منٛز بروٚنٛہہ سپُد مُت چھُ اماپوٚز کأشرِ

# زنتہٕ اَکھ نظم : اکھ موٲلٕکون

رحمان راہی سٕنٛز ''زنتہٕ اَکھ نظم'' ناوِ چ نظم چھےٚ کأشرِس شارِ ادبس اَکھ مولُل بُرٲژر۔ یہِ نظم چھےٚ پننہِ سیٛوٚدساد اند ازِ بیانہٕ باوجوٗد تہِ مانےٚ تہٕ توٗرٕ چ تہہ دأری ہیتھ۔ اَتھ منٛز چھُ شأعرن پننہِ ووٚنہِ کہِ پُرآشوب عالمُک دوٚل ڈٔنِتھ نہ صرف أزی چہِ زندگی ہنٛز اَکھ کرِٹھ تہٕ کٔڈر حقیقتھ برٛونٛہہ کُن أنٛمٕژ بٔلکہِ چھُن اِنسأنی اَندروٗنٕکی کیٛنٛہہ گٹہٕ گوشہِ تہِ گاشِرأوی متہٕ۔ اَتھ نظمہِ چھےٚ یِمہِ حسابہٕ تہِ اہمیتھ زِ اَتھ منٛز چھُ چھلہِ چھانگر سپٕز مٕژ گریلو زِندگی ہُنٛد تلخ احساس شاید گوڈنچہِ لٹہِ امہِ شدتہٕ سان باوَتھ لبان۔

یہِ نظم چھےٚ شیٚن حصِن پیٹھ مشتمل۔ نظمہِ ہنٛز ظأہری واقعہٕ بٔندی چھےٚ یِتھ پأٹھی زِ چِھٹھوٕ ڈٔسی چھِ أسی اکی گرِکین چھکراونہٕ آمتین بأژن ہنٛدی نہ صرِف زِ وَکھرِ وَکھرِ دُنیاوٕ چھان بٔلکہِ چھِ أسی یِمن دُنٛی یِہن منٛز زوٗن

مٔژ تہٕ ہیتی طور کینہہ تجربہٕ یمن مٔژ ارجن دیو مجبوٗرُ سُنٛد طویل نظمہِ ہُنٛد تجربہٕ تہٕ ناوٕہنس لایکھ چھُ ۔ مجبوٗرن ہٕتھ پأٹھۍ فطرتھ، لیجنڈ، توٲریخ تہٕ سوانحی عنصر پننہِ تخیلہٕ سٍتۍ أڈرِتھ وسیع تر زندگی ہٕنٛدۍ وسیع پہلو گأشرأوِتۍ چھِ۔ یُہ چھُ توجہ طلب ۔ یہ چھُ پزر زِ اَمہِ باڈو دار شعرٕ تجربہٕ باپتھ چھےٚ یہ باڈو دار صنف موزوٗن تہٕ تہٕ مناسب تہٕ ۔ ووٚں گومےٚ چھُ باسان زِ یوٚ دوے یمو نظمو مٔژ أسی دٔژن تہٕ بأتھ بیتر نمبر تہٕ کٕڈو نظمہِ ہٕنٛدس کلُہم تو ژرس پیٚیہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ فرق تہٕ نہٕ گوٚھہ قأری یَس آسأنی سان قدیم لولہٕ داستانن ہٕنٛدس پُرٕ زنمس گٔن زوٚن ۔ بہرحال وُچھن چھُ یِزٕ اَتھ تجربس کوٚتاہ قوٚبوٗلیتھ سپدِ حأصل اما یوٚز یوٚ دوے قوٚبوٗلِہ عام میلبس تہٕ نہٕ تمہِ باوجوٗد تہٕ چھُ کأشرِ شأعری یہ قأبلِ قدٕر رٕہ ہرٕ برٕ ۔۔



پٹن پتنس نش دؤر۔ ربو آیتی گرن منز اُس نہ صرف باژن ہنز قربتھ بلکہ
گرس منز یم لوکچہ موکچہ خوشی تہ شادمانیہ آسہ تمن منز اُسی گرِکی سأری باژ
یکہ وٹہ پأٹھی شریکھ سپدان تہ مسرتھ پژاوان۔ مگر اقتصأدی مجبوٗریہ ییلہ
رِشتن ہنز وتہ منز ٹھوٗر بنییہ نتیجہ دژاو رشتن ہُند دؤرن۔ اُمی بنیہ پأنس ستی
تم لوکچہ موکچہ خوٗشیہ تہ مسرژ ژوٗتھ یم یمن رِشتن ہنز لوگ لون آسہ۔ یتھ
پأٹھی سپد فرِ دیمونش تہ محروٗم۔ بقولہ اکھ اردوٗ شأعر ؎

اِک وقت تھا کہ چین کا سامان تھا گھر میں
بیٹا تھا دسترس میں برادر اثر میں تھا

مگر دؤر بر گوہران تہ نوبتھ وأژ یوٗت تام ؎

اب دیکھیے کون آے جنازے کو اُٹھانے
یوں تار تو میرے سبھی بیٹوں کو ملے گا

اَمہِ صوٗرت حالُک تنوظرس منز یہ دوے وُچھو "زنتہ اکھ نظم"
چھے امی احساسچ پیٹہ انداز باوَتھ۔ نوش نچو چھ لیپاہس منز تہ مول مأج
کشیرِ۔ دوشہ وِنی درمیان چھے چِٹھی یا تار بیترِ وسیلوٗ سی شیچھ خبر واتان۔
نوش نچو چھ پننہ زندگی ہنز تأمیر کأری منز دنہ پننہ لُکھ اتھ کارگہہ تأمیر
کأری منز بروٗنہہ بروٗنہہ پکنچ ووتھ ژھانٹھ کران تہ مول مأج ییتہِ کشیرِ منز
زِندگی ہندبن لوکٹبن بڈبن مسلن ہنز فکر کری کری دوہ دوہ کڈان۔ نظمہِ منز

والنِس یمن اکی گرٕ کٕن باٴژن ہنٛز حِس حرکتھ تہٕ یہند ٕن دِلن ہُند وۄتلُن بوڈُن تہٕ ژینان۔

أزِکہِ زر پرست معاشرن دِژ ماٗلی مفادن تہٕ ترجی ہن گوڈ انوٲری۔ امہِ ستی سپز گریلو رشتن ہنٛد اِنہدامٕچ عمل تیز تر۔ییٚمہِ سٟتی گریلو زندگی ہنٛدِس سوٚتھرِس پٮ۪ٹھ واریاہ مسلہٕ پاٚدٕ سپدی۔ مشترکہٕ گرن ہنٛدس پٮ۪نٛز وۄننس منٛز اوس فرٕد اَکھ بامانے اِکاٲیی۔تس اوس باسان زِ سہٕ چھُ کاٚنٛسہٕ ہنٛدِ باپتھ تہٕ کانٛہہ چھُ تٔمسٕنٛدِ باپتھ زُوان۔ گرٕ کٕن باٴژن اوس پانہٕ واٚنی لولُک تہٕ مایہ ہُند سوٚتھ تہٕ قُربتٕچ باٴنکل ییٚمہِ سٟتی مختلف رِشتن ستی مختلف توقع تہٕ تصور وابستہٕ سپدی مثی اٗسی مثلن ''زنٛگہِ زنٛگ'' نکھہٕ پھیٚوک'' ڈکھہٕ لور'' تریشہِ کل یا شِہلی کُل بیٚترِ۔ رِشتن ہنٛزِ باٴنکلہِ منٛز اوس فردس تحفظُک احساس سپدان۔

اماپوٚز نوِ ترقی گرٕ گریلو زِندگی تہٕ متاثر۔ فرٕد سپُد ماٗدی ضرورژن تہٕ حاجتن ہُند زبردس موحتاج۔ قُربتٕچ باٴنکل ہیٚون ژھنٛنٕ تہٕ یَتھِ پاٚٹھی آوگرٕ چھکراونہٕ۔ اَتھ صوٗرت حالس چھِ مختلف وجوہاتھ مثلن پننہِ روزن جایہ روزگار کٕن ۂسِلن ہنٛزٕ کمی، فرٕدٕ سنٛزن ضلاحیٚتن پوٚرٕ پاٚٹھی وۄتھ واشر پٕراونکٕن مُناسب موقن ہنٛز عدمِ دٔستیاٲبی، ہُرُون کنزیوٗمرٕزم تہٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ کماونٕچ تگ دَو۔یہِ روحجان چھُ سۭٹھاہ تیزی سان سوٚن تہٕ گوٚن سپدان۔یہِ چھُ پزی اَکھ پیچیدٕ صورت حال۔تِکیازِ اَمہِ ستی سپُد

نہٕ کاثہہ تہٕ اند نظرِ گوھان چھُ ۔ اماپوٚز ژھٔرۍ بنک ڈرافٹ ہیکن نہٕ دٕو رٕژک کرب دٔور کٔرِتھ تہٕ نہٕ رشتن ہٕندس رأوٕمتس تقدُسس تلأفی کٔرِتھ ۔ امہِ چھلہٕ چھانگرِ تہٕ دنہٕ کماوِنچ دٕوِدٕوکٔرۍ نہٕ رِشتے یوت متأثر بلکہٕ سپدۍ امہِ ستی پٔز زنٛزٕستی وابستہٕ باقٕے مسلہٕ تہٕ پأدٕ۔ بقولہٕ بشیر بدرؔ ۔

پہچان ہم نے اپنی مٹایی ہے اِس طرح
بچوں میں کویی بات ہماری نہ آے گی

نظمہِ منز نِکہٕ ستزن اُچھن منز سمیومُت اوٚش چھُ اُتھۍ تلخ حقیقژُن اِشارٕ ۔

نظمہِ منز چھُ دون سوچن تٕہ این ہُند ٹکراو تہٕ تضاد ۔ بچو چھُ مأیُس ماجہِ ہِنہِ تسلا دِوان زِ تسنز ووتھ ژھانٹھ چھنےٚ تہندۍ پٕژر باپتھ مگر مول چھُ بچوی ستٕز اُتھ تنگ دٕوِ اندووثت وُچھنہٕ باپتھ تہٕ دٔوربر اندوانہٕ باپتھ کرٛ یشان ۔ بچو چھُ جوان تہٕ زندگی ہُند مأری منز رچھُ سٕہ مأدی ترقی ہٕندہن تھزرن منز وُچھان ۔ بُزرگ مول چھُ زندگی ہندہن غمن غوطن، اندیشن تہٕ وسوسن منز ہہنہٕ آمُت اُتھ برعکس سوٚنچان ۔ اُز ییک اِنسان چھُ کم کٕم سُو کٔرِتھ پننہٕ زِندگی ہنزٕ شیرٕ پارِ باپتھ رنگہٕ رنگہٕ جُستجو کران یہِ زانہٕ ورأی زِسہٕ یٔیمہِ باپتھ یہِ سوٗرے کران چھُ سُہ منشہِ یِیالتس بامل کنہٕ نہٕ ۔ تکیازِ ذوق چھُ زٕ ہدار ژلان ۔ اُتھ تأمیر کأری ہنزٕ ژلہٕ لارِ منز ہیکہِ کنہٕ تہٕ ساتہٕ دب دزس لگِتھ تہٕ سأرۍ ہے گوھ سم سوٗتُر ۔ مأیُس چھُ یہِ احساس کٔوران ۔ بچوی سُند

چھُ دوشوِنی پُیٚن ہُند یہِ صوٗرت حال لرِلوٗر پکان ۔ مِتھِن نوش نچو چھُ امہِ وو پرٚدٕنی یِہکس بظاہر خوش خرم ماحولس ییمہِ آیہِ مُتی کران ۔

ویسے پٔزِتھ دوہ صبحے گرٚدِش، شامن ویڈیو
ہمسایہِ چھِہ مشرقہٕ مغرِبہٕ طرفا تُو آمٕتی
تِم اسہِ ساپرٕ ی اَسی تِمن پُوٗھی
بوزنے چھُنہٕ یِوان آوکیاٚرِ دوہ دزٕ اوکیاٚرِ
اَسی چھِہ بلکل وارے سو کھہٕ سان

تہٕ ییٚتہِ ماج پنٕنس اولادٕ سٟتۍ دوٗری وتراونہٕ باوجوٗد تہِ رشتن ہٟنٛزِ ہانکلہِ درِ بر دِنہٕ باپتھ اَشناون گلہِ میوٗٹھ دِنہٕ پھیران تہٕ مول اَکِس شارٕ محفلہِ منٛز پننہِ پٔزِ زٕتھوٕ ہٕندی ژھلیہِ گتی گاشراوان ۔ مثلن

ژٕنے اَشناون گلہِ میوٗٹھ دِنٕچ مجبوٗری
بہٕ اَکِس ادبی محفلہِ منٛز اَوِلی پن کھاران
کأشر شارتہٕ لوٕچ باوَتھ......................
نمہٕ برس اوس تُلف
تہٕ اَندرٕ آنگنس ہوٗنس وولیوٗمُت آلو

اَز ییٚک اِنسان چھُ سوٗنچان زِ چھراپأنسہٕ ہیکہِ تٔس زندگی ہٟنٛزٕ مسرتھ تہٕ شادمأنی عطا کٔرِتھ تہٕ یِتھ پأٹھی چھےٚ دنہٕ کماونٕچ اَکھ گگر دور جأری ۔تھ

پٹھ سپد ان چھُ۔

بہر حال یہِ نظم چھےٚ زبأنی ورتاوِ لحاظہٕ تہٕ دلچسپ تہٕ "صدا" پٹھ "نیٚول غزل" قبیلہٕ چھن نظمن نِشہِ یتھیمہِ موٗجب وکھرٕ زِ نہ چھُ اَتھ منٛز اساطیری علامژن ہنٛدِ ورتاوُک اوٚہر گوبرتہٕ نہ تتھ حدس تام لفظہٕ سأزی تہٕ ترکیب سأزی یَس رأہی ہنٛز پھیرِ ہاوخوٗبی چھےٚ۔ اچھِ زبأنی ہکو أسی روأیتی تنقیدی آیہِ بے تکلُف تہٕ أزی کہِ حسابہٕ ڈرائینگ روٗمچ زبان وٗنِتھ۔ اما پوٚز لفظس لفظس چھُ شأعرن تخلیقی چھوٚستی مأنیُک تہٕ توٗژُرک بیٚو وثت زوٗزبتہٕ وہ پدومُت۔ خاصکر چھِ تم مکالمہٕ نظمہِ ہنٛدی زوٗیم شأعر کُنہِ شیٚچھہِ ہنٛدِس ردعملس منٛز گرِ واجنہِ ونان چھُ۔ یمو ذٔسی چھےٚ اَتھ منٛز نہ صرف ڈژ آمأیتھ آمِژ بلکہِ اَکھ زوٗ دار مگر درپردٕ طنزیہ اندازٕ تہٕ۔



مٲزید دوٚن وٕری یَن پتھ کونٹریکٹ کرِنچ شێچھ چھیٚنہٕ تَسٕندِ باپتھ کاںٛہہ تہٕ خوشی ہنٛز کتھ۔ بَلکہِ چھُ یہِ بوزِتھ تھێے تہنٛد صبرُک وونٛدٕ وُشنیر کانٛگرِ نارٕک پاٹھۍ وتہٕ گوھِتھ سۆری سپدان تہٕ نتیجہٕ چھُ زِ خوف چھُ غالب سپدان یُس نظمہٕ ہنٛدِس اٰخری حصس منٛز خلبہٕ کِس صوٗرتس منٛز باونہٕ آمُت چھُ۔ شُتر مرغس سکہِ صحراوو منٛزی دوٗری دوٗری سپز ہیٚوٗ نادار حالتھ تہٕ تمہِ پتہٕ یہِ کیٛشہ حسب حال گرِدزٕ ینٛٹھان سپدان چھُ یہِ چھےٚ تمی صوٗرژہنٛز کارگُذٲری یتھ متعلق غالب ونان چھُ

میری تعمیر میں مضمر ہے اک صورت خراب کی
ہیولیٰ برقِ خرمن کا ہے خونِ گرمِ دہقان کا

غالبس نِش چھےٚ یہِ خرابی ہنٛز صورتھ آسنہٕ باوجوٗد تہِ اَکھ خوٗبی تکیازِ امی خوفہٕ کِنی چھےٚ زندگی ہنٛز ووسہِ دروسہِ منٛز اَکھ سرعت یِوان۔ بێیِس جایہِ چھُ سہٕ ونان

کارگاہ ہستی میں لالہ داغ سامان ہے
برقِ خرمن راحت خونِ گرم دہقان ہے

اما پوٚز یتہِ چھُ نہٕ یہِ خوفس تامے محدوٗد۔ بَلکہِ چھِ أسی امچہِ کارگُذٲری پتہٕ ووتلیمو تصویرتہِ وُچھان یَس دردناکھ چھےٚ۔ یُہے چھےٚ سانہِ أزی چہِ زندگی ہنٛز نظم ییٚمیک توٗژ کرب آمیز چھُ تہٕ یتھ منٛز نہٕ کَہنٛزتہِ منصوٗبہٕ بند طریقس

اِشارٕ ی۔یتھ تہٕ استعیارٕ ی اندازٕ کیٛہ پہن درٛٹھۍ گوھان چھُ۔ وۄں گویہٕ نظمہٕ چھےٚ اَمہِ برونٛہمہٕ کاشُر شاعری ہنٛزن بیشتر نظمن نشہِ (مثلن گریسی کوٗر، ڈٔری یاو، بیترِ) یِیمہٕ لحاظہ مختلف زِ برونٛہمہن نظمن ہنٛدِ خیالکہِ تکرار بدلہٕ چھُ یِمن منٛز خیالُک تسلسُل تہٕ اَمہِ پتۍ میٛن نظمن نشہِ چھےٚ یم یِیمہِ لحاظہ مختلف زِ خیالُک تسلسُل آسنہٕ باوجوٗد چھنہٕ یِمن منٛز خیالُک اِرتقائیس جدید موخصر نظمہِ ہُنٛد خاصہٕ چھُ۔ بہرحال تسلسل خیال چھُ اَمہِ دورچن بیشتر نظمن منٛز تہٕ چمٛن ہنٛز یم نظمہٕ تہٕ چھےٚ یہ کتھ برونٛہہ کُن انان زِ سہٕ چھُ اَتھ دورس منٛز تہٕ شاعری ہنٛدبن ہیتی تقاضن نشہِ تہٕ حبہٕ ہُشیار تہٕ باخبر اوسمُت۔ زبانٛی لحاظہٕ چھُ اَہنٛدس اَمہِ دورٕکس کلامس منٛز دیناناتھ ناٗدم سُنٛد اثر ٹاکارٕ مثلن ؎

بٔتھن بوش کھۄتمُت تھٔربن پوش درٛاۓ تۍ
کران ژھلیہٕ گتہ شُری نیٚہ وارٕ ی درٛاۓ تۍ
مےٚ زنۄ چھنہٕ پانس منٛزم یارٕ ی آۓ تۍ
کھہن منٛز چھہِ بیٚہ گریسی کمہ شلنہٕ آۓ تۍ

اَتھ سوٚمبرنہِ منٛز شامل نظمہٕ "بہار وچانٛی ذاتھےٚ" "یتھ یارِ تل" قودرتھ چھُ فنکار "حُسن گوشہِ گوشے" تہٕ "بہار" بیترِ نظمن ہنٛز مولانکون کرنہٕ پتہٕ چھُ عیان سپدان زِ یہٕ حِ پزتھ کُنہ نظمہِ چھُ اکہِ نتہٕ بیٚیہ رنگہٕ فطرتکین رنگن منٛز راونٛچ جُستجو۔ شاعر چھُ اکثر زندگی ہنٛزِ وۄسہٕ دروسہٕ لش فرار سپدتھ قودرتکس پُرسکوٗن تہٕ

# چمن لال چمن

جدید کأشرِ شأعری ہنٛد بن نظم نگارن منٛز چھُ چمنِ لال چمن اَکھ وِیوٚد ناو۔ الہٕ پلہٕ ژتجی ہَن ؤرِیَن ہنٛز ادبی زندگی دوران کوٚرُن کأشرِ نظمیہِ شأعری پننو تخلیقو ستیٚ رُت برٛزر۔ چمنن یوٚ دوے غزل تہِ لیکھۍ متۍ چھِ اماپوٚز سأئنس ادبی توأرتخس منٛز چھُ سُہ بحیثیتہ نظم گو شأعرے زانٕنہٕ یِوان۔

چمن لال چمن سنٛز ادبی زندگی ہیکو أسۍ وٕنِھ پوٚژھ پأٹھۍ ترٛن دورن منٛز بأگرِتھ۔ اول شبنمی شارک دوٚد دوٚیم جدید دورتہٕ ترٛیم نمتہٕ یورکُن۔ چمننی گوڈنیچ شارِ سوٚمبرن ''شبنمی شار'' چھپیہِ ۱۹۶۳ سنہٕ ہس منٛز یتھ منٛز غزلو مقابلہٕ نظمن ہُنٛد حصے ژوٗر چھُ۔ اَتھ سوٚمبرنہِ منٛز چھےٚ تسنٛز ابتدأیی دورٕچ شأعری شأمل۔ یمن اکثر نظمن منٛز چھُ اَکھ جوان دِلک لولہٕ منٛزرتہٕ فطرتچن رنگہٕ سوٚنٛزلن منٛز راونٕچ منہ کامن باونہٕ آمٕژ۔ اَتھ سوٚمبرنہِ منٛز شأمل اکثر نظمن منٛز چھےٚ ژٕ خصوٗصیژ نمایاں پأٹھۍ جلوگر۔ اول بیانیہِ اندازتہٕ دوٚیم براہِ راست اوسلوب۔ یمہِ کنۍ اَتھ شأعری منٛز اختصار،

گوھبس مطالعہٕ تہٕ آسُن"۔ چنانچہِ کاشرِ شیرازٕ چ ایڈیٹری کرنس دوران سپدٕ چمنس ہمکال کاشرِ شاعری ہنٛدس مزازس تہٕ نبجہِ ستنک موقہٕ فراہم تہٕ واریاہ لوٗگ سہٕ پنٛنین نظمن منٛز تاثر جذباتھ نگاری اوٚک طرف ترٲوِتھ ہمکال زندگی ہنٛدس وٚکھوارس حقیقتھ پسندانہٕ آیہ سعنہِ۔ شیمہٕ شارہ پتہٕ روٗ داہنٛد کلامہٕ شیرازٕ بیترِ رسالن منٛز منٛزی منٛزی چھپان۔

چمن لال چمن روٗ دبڑ وُہہ کُن زیادٕ پہن نظمے لیکھان تہٕ سأنس موٗجودٕ شارٕ ادبس منٛز چھُ سہٕ بکنی یتہِ نظم گوشاعرے پزٕ زناونہٕ یوان تہٕ خاصکر تمو نظموٕ سٕ یم تمی ۱۹۶۷ء یورکُن لیچھ۔ اَتھ دورس منٛز ترٲوی چمنن ہیوٕ ہندی ربوٲیتی زولانہٕ تہٕ سہٕ لوٗگ پنٛنین شارٕ تجربن ہنٛزٕ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ مکمل باوٗژ موٗجب آزاد نظمن ہنٛزٕ ے تخلیق کرنہِ۔ تہنٛزن یمن موخصر نظمن منٛز چھُ جدید فکرتہٕ سوٗنٛچ جلوٕ گر۔ یمہٕ آزاد نظمہٕ مدنظر تھٲوِتھ چھُ باسان زِ چمنس چھِ زیادٕ پہن تمے موضوع پزٕ یہٕ وِنی یمن أزیک نقاد جدید مزازٕ چہِ شاعری ہنٛدس دنیا ہس ستی مجرا گنڈان چھُ۔ تتھٕ پأٹھی چھےٚ موضوعی اعتبارٕ تسنٛز تمہٕ نظمہٕ عصری زندگی ستی واٹھ تھاوان مثلن أزی چہٕ مشینی زندگی ہنٛد پُرآشوٗب صوٗرت حال تہٕ أتھی صوٗرت حالس بُتھی ژنٛجہِ لوٗگمت أزیک اِنسان۔ یَس انسانس مشینی تہذیبن قدرن ہنٛدی سوٗتھی ڈٔتھ گٔمتی چھِ تہٕ یمہِ سبہٕ سہٕ اکہِ شدید ذہنی انتشارک شِکار سپدٕ مُت چھُ۔ چمن چھُ اکثر انسانہٕ سنٛزٕ حیوانی خصلوٕ ہنٛد تجزیہ کرتھ یتھ کتھہِ للہٕ کھوٗل کران زِ انسانس یُس تہذیبک

مأری مٕنٛدٕس ماحولس منٛز چھپن جاے ژھارنس درپے۔ یُتھ سۀ پنٕنہِ وقتی غمہٕ نش نجاتھ پرٛاوِتھ ہیکہِ۔ یِہ وہ پزٕتھ زِ نظمہِ منٛز چھےٚ فطرتھ شاعرس نش محض اَکھ حربہٕ یُس تس کینٛہہ ون ژِہنن ہُنٛد باپتھ احساس تہٕ خیالن منٛز لطافتھ ووتلاوان چھےٚ۔ ووٚن گوٚاتھ منٛز نہٕ چھےٚ اَکس پوٚختہٕ کار فنکار سٕنٛدی پأٹھی فطرتس منٛز یکسر محو سپدِتھ امِکس لازوال حُسنس منٛز پنٕنہِ ذاتُک پرتو وٕچھنٕچ تگ دَوتہٕ نہٕ پننس رُحس فطرتکس رُحس سٟتی ہم آہنگ کرنٕچ کوٗشش۔ اَمہِ سبہٕ ہیکو نہٕ أسی یِمہٕ نظمہِ فطرتھ پرستی ہٕنٛدس معیارس پیٹھ تہِ پرکھأوِتھ۔

ووٚن گوٚاتھی سوٚمبرنہِ منٛز چھےٚ تِتھ کینٛہہ نظمہٕ تہِ شأمل یِمہٕ تٕسنٛدِ شاعرانہٕ مزاجُک تہٕ ووتھوٚنٕن فٔنی صلاحیون ہُنٛد پے دِوان چھےٚ تہٕ باسان چھُ زِ سۀ چھُ زندگی تہٕ اَمکٕنن سٟرن ووگنیرن سٕنجیدگی سان سٕنٛچ کوٗشش کران۔ یِمو نظموتلہٕ چھُ باسان زِ چمن چھُ لفظن ہٕنٛزِ اہمیژِ نش تہِ باخبر سپدُن ہوان۔ "پریشان زندگی آسان بے ترتیب" تہٕ "کشمکش" ہِشہِ نظمہٕ چھےٚ اَمِچہٕ رژٕ مثالہٕ۔ چمنن یِتھے ہیوٚ کلامہٕ مدنظر تھأوِتھ آسہِ ہے شاید اختر محی الدینن "شبنمی شارس" متلق پنٕنی توٗثراتھ باوان وونمت۔ "نوٚبن تجربن تہٕ نوٚبن نٕھجن سٟتی سٟتی پنٕنہٕ نٕبن خیالن ہٕنٛد اظہار شارس منٛز کرن چھےٚ أزی کس شاعرسٕنٛز کأم تہٕ چمن چھُ یِہ کأم رٕتی تہٕ شاندار پأٹھی انجام اَنان"۔ چمنن سٕنٛز اَتھ شاعری تہٕ اتھ منٛز شأمل نظمن متعلق چھُ اخترُن یِہِ اشارٕ اہم زِ "أزی کس زمانس منٛز چھُنہٕ کأفی زِ شاعرس گژھہِ وُزِنی آسنی بلکہِ

احساسٕچ باوتھ سپز ہو مشکل۔

مےٚ چھُنہٕ تگان بوزنٕے بہٕ رووس
بہٕ کُس کٔتھ وُچھ بہٕ کورٕکُن نمہٕ
زِچارٕ آدم
یٚپی تھوان کھورٕتی ژمان میٚو
نظامِ شمسی زبو انٔو ژٔو ی......
تصورن ہندی جنازٕ تیمی وُچھ
سُہ کُس صنم گرِ۔

چمن ہنٛز ''آدم'' نظم چھےٚ جدید دورچن تِمنٛزن نُمایندٕ نظمن منٛز۔ اَتھ منٛز تہٕ چھُ أزی کس انسانٕہ سُند دردناکھ صوٗرت حال یُس سائینسی تہٕ مأدی کمالو باوجوٗد تہٕ اخلاقی تہٕ روحأنی زوالکس ازأنی دُوٗلتس پیٹھ اِستادٕ چھُ۔ یہٕ نظم چھےٚ یٚمہِ دورٕکس انسانٕہ ہنٛز تصویر بروٗنہہ کُن انان تیمی سُند ذہن سائینسی نوقطہٕ نظرٕ تہٕ مختلف نظریوکو فلسفوٗ سی فطرتکی مختلف رموٗز تہٕ اسرار مُر اونس منٛز کامیاب سپُدمُت چھُ اَماپوٚز أتھی ستہٕ ستی چھِ أہندس وونٛدس منٛز صدیو پیٹھہ پرٛتھن وألی عینیت تہٕ مثألیکی تصورلتہٕ مونٛجہِ تہٕ سپدی متی۔ یٚمہِ کِنی أزی کس انسانٕہ سُند پتھ کال بےٚ ملنہٕ تہٕ پیش کال مُبہم چھُ۔ أمس انسانٕہ ہنٛز بےبسی چھےٚ یہِ زِ یوٚ دوےاکہِ پاسہٕ أہنٛز علم آگہی منٛز ہُر برسپدان چھُ دوٚیمہِ پاسہٕ چھُس اِنسأنی قدرن تہٕ لوٗلُک گاش رسہٕ رسہٕ

رنگ روغن تہٕ پیٹھ وٲلت صدی یو پیٹھ کرنہٕ آمت چھُ ۔ یہِ چھُ محض اَکھ ماسک تہٕ مٲدی ترقی ہنٛد بن نوبن مرحلن ستی ستی چھُ یہِ ماسک رَسہٕ رَسہٕ رٔنتھ پھوان تہٕ انسانہٕ ہنٛز حیوٲنی خصلتھ چھےٚ تس پیٹھ غٲلب سپدان ۔ یہِ تہذیبی مُل مایہِ چھُ چھرا باوٕ باوٕ باپتھ ۔ مُلہِ تلہٕ چھُ نہٕ سانٛی لذژہنٛدی پیانہٕ تمے ییلہِ أسی ارتقاکین ابتدٲیی مرحلن دوران خانہٕ بدوشی ہنٛز زندگی ژُوان أسی ۔ چمن چھُ ونان ۔

میأنس رویَس کُن گوھی زنہٕ

ژےٚ آسہے پانہٕ تہِ پننہٕ نٔبن أچھن منٛز

واند رکھو یہِ ہُند پےٚلوٚ بمُت

اتھن پننہٕ نٔبن آسہے

جنگلی خوٗنک نوٗن ژُہمُت.

میانہِ اِنسانہٕ

یہٕ چھسے بَن مانس

جدید شاعرس چھُ یہِ شدید احساس زِ سبٹھاہ کینٛہہ أستھ تہِ چھُنہٕ اِنسان کھٔنی ۔ اِنسان چھُ پننہٕ نٔبن صلاحیون تہٕ قووژن بروٚنٹھہ کنہِ بے بس ۔ صلاحیون تہٕ موٗیوٗسی یَن ہٕنٛد بن دون حدن درمیان روٗزتھ سپد تہٕنٛدس اوٚندروٗنس منٛز شکست ریخٕتنک اَکھ اژھبن سلسلہٕ شروٗع ۔ یِتھہٕ پأٹھی سپُدتس خود شکستگی تہٕ بے بسی ہٕنٛز لاسمنیٹُنک احساس پٲدٕ ۔ چمن لال چمن ہنٛزِ ”گاش“ نظمہِ منٛز چھےٚ امی کزٕ یتھہِ

ہبکان۔ وۆں گوامہِ باوجوٗد تہٕ چھُ کُنہِ کُنہِ ساتہٕ باسان زِ یِیمہٕ فنکارلنہٕ تو ژٕھ تہٕ صلاحیژ ہُنٛد آکارہیوٚ اسہٕ ''شبنمی شار'' کِین کینٛژن شارن منٛز دِیٚنٛٹھی گوھان چھُ بروٚنٛہہ کُن پکِتھ زَنتہٕ چھُنہٕ تمی پوٚختگی ہُنٛد ووتھ واشر پژووُمت۔ یژھن جایَن چھے اٲہنٛز شاعری نوٚ زندگی متلق محض نوِ کتھہٕ باسان۔ باسان چھُ زِ شارہٕ تجربہٕ باونہٕ بدلہٕ چھُ سُہ نوٚ علمی تہٕ فلسفی زٲنکاری ہٕنٛد عاٗنکہٕ انسانی زندگی پیٹھ تنقید کران۔ اٲہنٛز فنکارلنہٕ صلاحیژ ہُنٛد بوٚڈ روٗٹ چھُ شاید یہِ زِ سُہ چھُ بعضے شارہٕ تجربکہٕ مکمل اِدارکہٕ بدلہٕ پنٕنس مخصوٗص زیہنی رٕ وِیس تہٕ ردِعملس زیرِ اثر روزان۔ اِ موکھہٕ چھُ سُہ حقیقتھ ژینہٕ یا وتر اونہٕ بدلہٕ بعضے عمل پسند یا تجزیہٕ کارکنج کوٗشش کران۔ شاید چھُ اَمی کِنہٕ محمد یوسف ٹینگ تس نٔتیجہٕ کڈنک عاٗدی مانان (شیرازِ نظم نمبر) چمٕن چھُ گہےٚ وَجہ تہٕ وجہِک اَثر ژھانٛڈنس دَرپے تہٕ گہےٚ مسلن ہٕنٛدی حل یا تجویز پیش کران۔

ریشم پلوٗن وٲلتھ بٕن مانس

پنٕنہِ جوٗ ہُنٛد وردن ژھاران

تہٕ تو ے روز میانٕن وتہٕ پدبن آدمی خوٗنٛچ بوٗ ے یِوان۔

وُچھتو یہٕ تجزیہٕ پسندی ہنٛز ترٛا ے:۔

یہٕ دود چھُ بارِ دود......

یہٕ چھُ بٲنہٕ بٲنہٕ وُچھن۔

اَمِس چھُ اَپریشن لازمی

سوٗتُن ہیٚوان ۔ امی احساس کہِ نتیجہٕ چھُ أز ئیک انسان خوف ہراس، نااوسودگی تہٕ نفسانفسی منٛز ہہنہٕ آمُت ۔

چمن چھُ یہِ دگ تہِ وتراوان زِ زر پرست معاشرچہِ تگ دَوِ منٛز رٲوی انسانس تَم سارٕی وٕسیلہٕ یموٚ ذٕسی تس بیٚین ہتی روزنُک تہٕ رٲبطک سوٚکوٗن تہٕ راحت میسر سپدان اوس ۔ یِتھہٕ پأٹھی گوٚتس تنہأہی تہٕ اجنبیٔژ ہُند احساس سنان تہٕ گنان ۔ انسان سپد خأرجی ماحولہٕ نش منقطع تہٕ ژمیوو پننِسے وجوٗدس منٛز ۔ بروٗنہہ أس معاشرس فرٕدس شیر پادِ ہنٛز ذمہٕ وأری تہٕ فردس تہِ اوس قدرن ہنٛز رٲچھ راوچہِ ہُند ژُکھ ۔ مگر فرد ییٚلہِ فردس نش دوران گوسہٕ سپُد پننِسے ذاتکس کاوِ شپس منٛز اَژنس مجبوٗر ۔ پننہِ ذاتکس خلوکھانس منٛز أژتھ تہِ روٗ دتس کُنہر تہٕ تنہأیی پچھن ٹُلان ۔ "کھٹکُش ننہدر" ناوِ چ نظم چھےٚ اَمی کُرنچ باوتھ کران ۔

میون اوٚنٛد پوٚکھ کاوِ شُپ بند
دارِ برتژ وپرتھ کُنہر
آوسیومُت پش تہٕ أتھی تل کُتجہِ اول......

میون رَتھ میأنی میٚژ میون شاہ
ترنہِ کولہِ کھٹکش ننہدر

کیٛژن جاین چھُ باسان زِ چمنن چھےٚ زندگی ہتی سبٹھاہ نکھہٕ روٗ زِتھ موکھ مُدا ے گُرمژ تہٕ پننہ أندٕ یکُھی کہِ ہلنہِ ڈلنگ نبض چُھ سہٕ بأریکی سان ژیٚنتھ

چھُے ۔ تِکیازِ نظمہِ منز چھُے تہٕ تِمن اِشارن ہنز کمی یِم اَتھ تِمن حالاتن ہنز باوتھ کأری بناوان چھِ یِم شأعرس باگہِ آئتی آسی ۔

دوٚیم نظم چھُے ''وو پر'' یَتھ منز چمن پنٕن پان تو آر تخلس تتھ چوکاٹھس منز وُچھان چھُ یتہِ منصفی ہٕندی دیوار تھدٕ ہمتی چھِ تہٕ یتہِ نہٕ تسُند گدُرن بُٹن ہٕ زنہٕ باپتھ تہٕ کانہہ تیار چھُ ۔ اَتھ نظمہِ منز چھُے شأعرن گر راونہٕ تہٕ وو پر جایہِ دکن تہٕ دولن لکنہٕ کمن حأدی ثاتن تہٕ حأری ثاتن ہنز باوتھ کرہٕ ۔ یِمن نظمن منز چھِ آسی انداز بیانٕچ اَکھ لوتہٕ وأے تبدیلی تہٕ ژینان ـ یہِ چھُ پزر زِ جدید دور چمن نظمن منز چھُ چمن پنٕنیٚ کنی انداز بیانس منز پُر خلوص روزنٕچ کوٚشش کران ۔ اماپوٚ زنہٕ کران کران چھُ سُہ تفصیلن منز ہنہٕ یوان تہٕ یتھ پأٹھی چھُ تجربہٕ پسہٕ پردٕ سپدتھ تہٕ تسنز سوٗچن تراے بروٚنہہ کُن یتھ اکی ہے کتھہِ مختلف انداز و ووج لگان ۔

تِمن موقن پٹھ چھُ تسُند بن پیکرن منز تہٕ ٹھہراوٕ ہیوٚ آمُت ۔ مگر ''بار دود'' تہٕ ''وو پر'' نظمن ہُنٛد حُسن چھُ یِہُنٛد اختصار تہٕ ورگہٕ باوتھ ۔ جدید دورس منز تہٕ اوسنہٕ چمن براہ راست اوسلوب پورٕ پأٹھی ترأوِتھ ہیوٚ کمُت مگر نمتہٕ پتی مِن نظمن منز چھُ کُنہٕ کُنہِ علامتی تہٕ استعیارأتی اندازِ نظر گوھان تہٕ یہٕ چھُے اَہنزِ نمتہٕ پتمہِ شأعری منز دوٚیم تبدیلی ۔

بہرحال چمن سُند شأعرانہٕ فن اوس نہٕ وُنہِ ژھو کیوٚمُت ۔ شاید ہیکہِ ہے تسُند فن بروٚنہہ کُن وُنہِ تہٕ وار یاہ ووتھ واشر پزأوِتھ تہٕ یوٚ دوٚے تس موتھ موہلتھ

چمن ہنٛز پھیر باوخوبی چھےٚ یہِ زِ سہ چھُ موجوٗدٕ ژہنگ کرب مشراونہٕ باپتھ خالے پتھ کال یایا دٕووتر کس شہجارس تل ژلان۔ پتھ کال پرستی ہنٛدِ روحجانہٕ نشہِ اَمہِ گریزک وجہ چھُ شاید زِ چمنس چھُ انسانہٕ سُند سُے حیوانی روپ أچھن تل یُس تس متلق پزٕتھ دوٗرک پزر چھُ۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ تس نہٕ چھےٚ پتھ کالچ لادنےنہٕ پیش کالچ کل۔ مسلن ہنٛدی حل دِنہٕ باوجوٗد تہِ چھےٚ نہٕ تس یہُندِ کارگری پٹھ پژھ۔ بَلکہِ چھُ تس یتھ زِ انسانہٕ ہنٛزِ زندگی ہندبن وتہٕ پدبن روزِ آدمی خوٚنچ بوٚ ے یوان یتھ دوے سہ پننس تہذیبی جندس کم کم پیوند کرِ۔

چمن ہنٛزن نمتہٕ پتی مین نظمن منٛز ہیکو أسی دوٚیہ قسمچن تبدیلی ین ہنٛز نِشاندِہی کرِتھ۔ اول موضوعی طور۔ أہنٛزن جدید دورچن نظمن منٛز چھِ وجوٗدیت پسندن ہُنٛدی پأٹھی کرب اضطراب، تشکیک تشویش تہٕ موہوٗسی کیو بےیقینی ہنٛدی احساس یسلہٕ پأٹھی اماپوٚز وجوٗدیت کہ فلسفک اصل ہرتر یانے قوت اِرادٕ ژٕسی اَمہِ انتشارٕ منٛز پنٕن پان نبر کڈنک ہلہٕ بلہٕ کرُن چھُ اَتھ منٛز غأر موجوٗد۔ یہِ ہلہٕ بلہٕ تہٕ ہمسو سہٕ چھُ نمتہٕ پتی مین نظمن منٛز محسوس سپدان۔ ییلہِ چمن موٗجوٗد حالاتو ژٕسی پننہٕ سمأجی زندگی ہنٛز چھلہٕ ژٕدرٕ ژھان چھُ ''بارٕ دود'' تہٕ ''دوپر'' ناوچہ نظمہٕ چھےٚ اَمچہِ رٕژٕ مثالہ یم ییمہِ دورچہ أہنٛزٕ نمایندٕ نظمہٕ مأنتھ ہیکو۔ ''بارٕ دود'' نظمہِ منٛز چھُ شاعر أ کس علیل بیمارٕ ہنٛز تصویرکأری کرِتھ موجوٗدٕ صورتحالچہ لاعلاجی پٹھ واویلا کران۔ اَتھ متلق ووٚن کینٛہہ وزِ چمنن چھےٚ اَتھ منٛز پننہٕ دادِچ کتھ کرِہ یوس نہٕ صحی باسان

# سرٛوٗرُک شاعر

جوآہرلال سرٛوٗر

جوآہرلال سرٛوٗر چھُ موجوٗدٕ دورکین شاعرن منٛز دوٗیمہِ پُیہ۔ ہُنٛد شاعر یانے یہِ چھُ تِمو شاعرو منٛز یِم ترقی پسند تحریکہِ ہٕنٛدِ یلغارٕ نشہِ مُچھہِ روٗدی۔ یہِ روٗ داولہٕ پتھے پننِس خاص مزازس شاعری ہٕنٛدس رنٛگس منٛز پیش کران۔ سرٛوٗرٕنی شعر سوٚمبرن چھےٚ از بروٗنٛہہ کیٛنٛہہ وٗری شایع سپٕز مۆتہ منٛز اوہُنٛد نوٚ وکھوٚ پرٛ ون کلامہٕ شامل چھُ۔ یہِ شعرٕ سومبرن چھےٚ غزل، نظمہٕ تہٕ رُباعین کھوٚ حب الوطنی ہٕنٛد بن بأتن پٮ۪ٹھ مشتمل۔

أہنٛزِ شعرٕ سومبرنہِ ہُنٛد ناو چھُ ''وجد'' تہٕ یہِ ناو چھُ اوہُنٛد کلامہٕ وُچھِتھ پرٛتھ لحاظہٕ منأسب باسان۔ یوٚ دوے وُچھو روحأنی اصطلاحی ملنہِ اکہ طرف ترٛ اآوِتھ چھ وجدُک لوغأتی ملنہِ غمگین سپدُن یا عاشق سپدُن ''وجدٕ چ'' ورق گردأنی کران کران گژھہِ پرٛزی پرٛن وألس اکھ افسردٕ دِل شاعر (عشقہٕ کِنی یا زندگی تہٕ عصری حالاتو ہٕنٛد بو تلخ تجربو موٗجُب) نظرِ۔

بروٗنہہ سان بہارٕ پوٚرٕ ہے یئہِ شخصیتھ شاعرانہٕ تہٕ صلاحیتھ شاعرانہٕ تسٕنز ہے دیہِ گُن یتہِ چھُ پزر زِ تسُنٛد سوٗرُے کلامہٕ چھنہٕ وُنہِ چھپیو مُت تہٕ ممکن چھُ زِ تٲہنٛدس لچھاأیِ کلامس منٛز آسن کینٛہہ موٗللی چیز یِم مارکس منٛز ینہٕ پتے تَسٕنزِ شاعرانہٕ شخصیتھ پوٗریاأ ٹھی مولناونہٕ یِیہِ۔



صنفِ مٹہٕ مرنہٕ آمتۍ چھِ ۔ یتہِ چھےٚ کتھ زِ اَسۍ کیاز گوھو دوٚ یمین آویزٕ ۔ اَمہِ تکن ناپنۍ میزان مقرر کرٕ نۍ ۔'' تہٕ سرٛور چھُ پنُن جذبہٕ باوُنہٕ باپتھ بجاطور یم رٔنۍ تہٕ گنڈ پھٔرا وِتھ رُباعیہِ صنف منشہٕ مطأبق ورتاوان ۔ رُت شأعر چھُنہٕ اۄصوٗلن ہنٛز شِشٹھ پأروی کران بلکہِ ہیتی اوصول منہٕ مطأبق بناوُنہٕ باپتھ تمن منٛز باضے ہیر پھیر تہِ کران تہٕ سرٛور چھُ اَتھ معاملس منٛز اَکھ مثال۔

سرٛورنہِ شأعری ہُند غألب موضوٗع چھُ لول ۔ اَتھ سٟتۍ سٟتۍ چھےٚ زمانچہِ تہٕ تہِ ترنٛچ باوتھ کأری تہٕ تِمۍ مختلف جأیَن گرِمژ ۔ سرٛورنہِ شأعری متلق تو ثر اتھ باوان چھُ گلشن مجید وَنان زِ ''شأعری چھےٚ سو وَنُنہٕ باوتھ یتھ منٛز اظہارٕچ نزاکتھ تہِ شأمل چھےٚ ۔ اتھ اظہأری نزاکژ منٛز چھےٚ تتھ اِنتخأبی شوٗعورس خاص اہمیتھ یُس شأعرٕ پنٛنۍ جذباتھ، محسوساتھ پنٛنۍ تجربہٕ پرٛزناونہٕ تہٕ ہُرناوُنہٕ باپتھ عملہِ منٛز انان چھُ ۔ یوہے اِنتخأبی شوٗعور چھُ جواہر لال سرٛورس پنُن مزاج تہٕ پنُن خاص آسُن بخشان''۔

سرٛورنس وچھس منٛز چھُ اَکھ دُبدبہٕ کرُون دِل ۔ سُہ یپأری نیران چھُ احساسات چھِ تس ہم پایہِ تہٕ ہم آہنگ باسان ۔ تٟہنٛدس کلامس منٛز گژھِہ تہِ سوٗرے نظرِ یُس اَکس فطری شأعرٕ سٕندس کلامس منٛز آسُن گژھِہ ۔ باسان چھُ زِ تِمۍ چھےٚ دزوِنہٕ آفتابچہِ تاپہٕ تھرٕ سہِ منٛز تن تہِ تاوٕہو تہٕ سروِ شہجارس تل ڈاپھ تہِ دِتۍ ہتۍ ۔ تٟہنٛدس وٕنٛدس منٛز چھُ دردِ موٗحبتھ تہٕ

سرٕور چھُ کاشرِ زبانی ہنٛد بوتھو کیٚنٛژو شاعرو منٛز یمو رُباعیہِ بطورِ پٲنٛن باوژٕ وسیلہٕ کامیابی سان ورتاوِ۔ ٲہنٛزن رُباعین متلق کتھ کران چھُ ساقی لیکھان۔ ”سرٕور چھُ رُباعی لیکھان تہٕ جان رُباعیہِ لیکھان۔ یہِ چھُ تمن وارِیہن ہنٛدِ کھوتہٕ جان رُباعیہِ لیکھان یمو رُباعیہِ محض ہوٚکھ فلسفہٕ چھے بناوِمو۔“ رُباعین منٛز چھُ پزی سرٕور سرٕورک متلاشی۔ سُہ چھُ اکثر زندگی ہنٛد بن پُرکیف لمحن تہٕ لحفٕن ہُنٛد زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ حض پژوانس درپے۔ پننٕین رُباعییَن منٛز چھُ سُہ گِہے حُسنہٕ کِس گجِ گاہس منٛز راوُن یژھان تہٕ گِہے غالبہٕ سٕندی پٲٹھی ”اک گونہ بے خودی کا دن رات چاہیے“ باپتھ ہردم کرٕ یشان۔ وُوٚن گوتس نِش چھِ اَمہِ بے خودی ہنٛدی بدونہٕ وسیلہٕ۔ سرٕورس یوٚدوے (یم رُباعی نظرِ تل تھاوِتھ) شرابک تہٕ شبابک شاعرو نو غلط گوٚھہٕ نہٕ۔

ٲہنٛزن رُباعییَن ہنٛدس فارمس متلق چھُ ڈاکٹر اومکار ناتھ کول سُنٛد یہِ بیان درست باسان زِ ”ٲمی ہنٛزٕ رُباعیہِ چھےٚ تتھ کاشرِس میوتوٚلس پیٹھ کھرٕ وُتران یُس کاشرس پننہٕ تہٕ پرٕلنہٕ شعرِ ذاژ زوژنک دیُت چھُ“ یہِ چھُ صحی زِ سرٕورنین رُباعین منٛز گوٚھہٕ نہٕ اَسہِ اَمہِ شعرِ ذاژ ہنٛزن رِوٲیتی حدن ہنٛزٕ شٕتھہٕ پابندی نظرِ تہٕ ٲمی چھُ پننہِ حسابہٕ اَتھ صنفِ سوٚخنس منٛز یمو پابند یوٚنش انحراف کوٚرمُت۔ وُوٚن گو بقولہِ ساقی زِ آدن کالِک فارسی شاعری منٛز چھٕنہٕ تمن رٹبن تہٕ گنٛڈن ہُنٛد نیب تہٕ نظرِ گوٚھان یم رُباعی شعرِ

پٔنٛنہِ لفظہٕ ژاریِٖستی و وتلو ومُت چھُ"۔ مختلف شاعرن ہٕنٛد بن ییٚتھین شعرن منٛز چھُ کینٛہہ چیز مشترک یِم تہِ آسان منٛز تصورِ حُسن عشق۔ سرٛورنین غزلن منٛز تہِ چھُ اسہِ امیک تصور رہوٲیتی کاشرِ شاعری ہٕنٛدس تصورس ستی رلہٕ وُن باسان۔ مثلن یِم کینٛہہ شارنی تو۔

(i) چھُم اوش وسان دَدرلیہِ سوما آیہِ کنن گوم
دوٗرن چھےٚ ماران گرٛلیہِ سوما آیہِ کنن گوم

(ii) سٔدرس چھےٚ لگان گرٛاے چھُ زن توتہِ پھرٛکان پھوٚر
خلوکھ مےٚ بہتھ بروٚنٹھ کُنہِ ییٚلہِ آسہِ سومسول

(iii) تمہِ سوٚژلہِ خبرٕ کتی کری دیولنہٕ وُنٛیکتام
گیہِ بأزی ہأرِتھ مأری مُندی جانانہٕ وُنٛیکتام

شاعری منٛز چھےٚ رہوٲیژ ہٕنٛدس تقلیدس اَکھ خاص اَہمیتھ۔ یژ دوے یِہ رنگ کُنہِ تہِ زبأنی ہٕنٛدس کُلہم شعر مزازس کانٛہہ تہِ بدٕنہِ، وکھرٕ یا نٔوہنہٕ بٔرژ رکران چھنہِ اماپژ زمبقدارُک اِضافہ چھُ ضروٗر کران۔

گوٚیٹے ہٕنٛد خیالہ مؤجُب چھُ مصور تمی آیچہِ نسوأنی تصویر بناونس منٛز کامیاب سپدان یُس ستی تمی اکہِ لٔڈِ صحی تہٕ پژ زلول ورتو ومُت آسہِ۔ دَےِ چھ زانان زِ سرٛورٕنی زول مال تہِ ماپچھےٚ ییٚتھی کُنہِ نسوأنی حُسنچ عکاسی۔ تکیا زِ تیہنز زول مالہِ ہنٛز لفظہٕ تصویر چھےٚ تیٚہنٛدس کلامس منٛز ییٚمہِ آیہِ پھری

ماحولچہِ نزاکو ہُنٛد حبس تہٕ بیدار۔

"وجد" سۄمبرنہِ ہنٛز بیشتر شاعری (خاصکر رُباعی یہٕ تہٕ غزل) چھےٚ جدیدِ حسیت والہِ شاعری رۄجحانہٕ نش ہناوکھ۔ یتھ منٛز ربوایژ ہُنٛد شِشتھہٕ تہٕ پُرخلوص تقلید نظرِ گژھان چھُ۔ یہِ تقلید چھُ کُنہِ کُنہِ کامیاب تہٕ سپدمُت۔ واریاہ شاعر چھِ ربوایژ ہُنٛد کامیاب تقلید کرنہٕ ستی پننس دورس منٛز وبدی روزان۔ سرٛۄرنی خاص کتھ چھےٚ یہے زِ ربوایژ ہُنٛد بھرپور احترام چھُ تُہنٛد ٹوٹھ اُصول۔ یتھ پابندیارُوی ستی چھِ کینٛہہ فایدٕ تہٕ۔ مثلن یہِ زِ زبانی تہٕ لفظن ہنٛز ژٹھ کپٹھ گژھ شاعری منٛز اڈ کجرو تلاونکہِ تمہِ الزامہٕ نشہِ چھُ یتھ شاعر بری روزان یُس یژ پاٹھی انفرادی لہجہٕ پاناوان وأنِس پرتھ شاعرس پیٹھ عاید سپدتھ ہیکہِ۔ تتھس شاعر سُنٛد لب ولہجہٕ چھُ اکثر قوٗلہِ عام شعرایڈ یمس پیٹھے ڈرِتھ آسان۔ اَتھ شاعری منٛز ہیکو نہٕ اسی تِتھین مقررٕ اُصوٗلن تہٕ اُسلوبن ہُنٛد انحراف یا تخلیقی توسیعک توقع کرِتھ۔ یتھ شاعری منٛز کانٛہہ تہٕ نُمایاں فکری سنبر، تبدیلی یا رۄجحان ژھانڈُن تہٕ چھُ فوٗضوٗل۔ شاید چھُ اَوے گلشن مجید ونان زِ "امہِ شاعری ہُنٛد لُطف تہٕ آنند تُلنہٕ باپتھ چھُنہٕ کُنہِ خاص تیاری ہنٛز، کُنہِ خاص ڈِکشنری ہنٛز یا کُنہِ خاص فلسفچ زان آسنٕ ضروری۔ سرٛۄرنی جذبہٕ چھِ اسہِ وبدی۔ اَمہِ ہنٛدِ جمالیاتی تجربُن ہنٛز گِشش تہٕ یہنٛدٕ ہراو چھُ تتھ منظرِ نگاری منٛز یُس اَمہِ

عصری حالاتن تہٕ پانس أندی پکھی چہٕ زندگی ہنٛد بن ڈلہٕ کنٛین نشہٕ أچھ ؤتھ۔ یہٕ چھُ سرٛ ؤرس متلق تہٕ صحی ۔ تِہنزن کیٛژون سأدر وار نظمن منٛز چھےٚ اَسہٕ موضوٗعی سوٗتھرس پیٹھ ہنا مختلف فِکرِ نظرِ گوھان ۔ یمن نظمن منٛز چھےٚ زیادٕ پہن تم نظمہٕ شأمِل یمن منٛز تمن حالاتن ہنٛزٕ عکأسی چھےٚ یم شأعرس موجوٗدٕ وقتس منٛز باگہٕ آئمتی چھہٕ ۔ یم نظمہٕ چھےٚ شأعر ہنٛدِ کرٛیشہٕ وٕنہٕ تہٕ غمناکھ صوٗرتہٕ حالچہٕ أیینہٕ بردار ۔ اکثر نظمن ہنٛد شعر تجربُک محرکاتھ چھہٕ تتھ توٗأریخی المیس ستی وابستہٕ یُس گنوہشتھ ہمتس منٛز کأشرِ بن لوٗکن باگہٕ آو ییمکہٕ نتیجہٕ کأشرس پنٛن گرٕ، وطن تہٕ سوٗرُے کیٛنٛہہ روو ۔ اَوے چھُ یوٚھن اکثر نظمن منٛز پتھ کالُک یادٕ ووٗتُر غالب تہٕ شأعر چھُ پھِری پھِری اَتھ ووج ووج دِوان ۔ شأعر چھُ از کالچہٕ تہٕ خلنہٕ بدوشی ہنٛزِ زندگی منٛز یادن ہنٛدِس أتھی البمس پتہٕ بروٗنہہ کرِتھ موجوٗدٕ حالاتوٗ سی ووتلاونہٕ آمُت کرب شیٛہلاونچ غأرشعوٗری کوٗشش کران ۔ ''پوشہٕ نوٗلوٗن ژٕون'' ''پوشہٕ نوٗلن ووٗن'' تہٕ ارمان' بیتر نظمہٕ چھےٚ اَمِچہٕ رٕژٕ مثالہٕ یمن منٛز شاعرن پننہٕ یادٕ ووٗتُر بک بوس لوٗژر رووُمت چھُ مثلن ۔

میانہٕ آنگنہٕ دژاکھ ماہا پوشہٕ نولوون ژون
زوٗنہٕ ڈبہٕ پیٹھی کنٛہ نژان ماتہٕ وٕچھ تھکھ گٔتی جہ کیٛنٛہہ
آنگنس منٛز ٹنگہٕ گُلس ماوس پھولمُت پوٗش کانٛہہ
برنہٕ اژوٗن چھاسوٗد چھ رأنتھ بُڈ گموٗ

پھِری یوان زِ غالب سُند یہِ شعر چھُ بے شونکی پاٹھی ژنبس پیوان۔

کھلتا کسی پہ کیوں میرے دِل کا معاملہ
شعروں کے انتخاب نے رسوا کیا مجھے

اُمس زوٗل مالہِ ہنٛدِ حسنکی تہٕ نازِ نخرن ہنٛدی تأریف کرنس چھُ سرٛو رس ہٹہٕ مٹہٕ سرٛو سیوان مثلن۔

ونِچ یارٕ شہرٕ اَز سو غدر مال چھس نا
گوان ہُری یہٕ تھزرس رٹان بال چھس نا
مُتس زوٗنہٕ گاشس ژھٹان یاونک نار
یہٕ چھس پھزاسہٕ نازِگ زوٗل مال چھس نا

بہرحال سرٛوٗرن انٛداز بیان چھُ سیوٗد تہٕ ساد۔ سُہ چھُ کُنہِ تہٕ ورُڈھنہِ ورأے پننین تخلیقن منز ٹاکارٕ تہٕ تابانہٕ۔ ربو ایئو ہنٛدس احترامس ستی چھُ سُہ کُنہِ کُنہِ پننس لاشوٗعوٗرس تہٕ تحت شوٗعورس منز اَنٛس کامیاب سپدان۔ تِھہن موقن پیٹھ چھُ باسان زِ تسُنٛد چھو کہ دأوی وجوٗد چھُ لفظن ہنٛدس قالبس منز پیوست سپدٕ مُت۔ مثلن یم کینٛہہ شارٕ چھو۔

دوہ ڈول کوہ پیٹھی آیہ یہ راتھ زانہٕ خدا کمہِ تزایہِ یہ راتھ
پننہٕ پیٹہِ صحبس پیٹہِ لگہِ ہان مے اَنی چانے رلیہِ یہ راتھ

شأعر چھُ سماجُک حساس ترین فرد تہٕ زیادٕ کالس ہیکہِ نہٕ سُہ پننین

کیفیتھ وۄتلاوان یوس لفظن اندر شاید پھرنہٕ ییہٕ نہٕ۔ "امابوٗ زیہٕ سوزٕ ے چھُ اَتھ شاعری منز تمہِ جذباتی لہرِ کنٛ ممکن ییتھ منز شاعرن پننس شعرِ تجربس غوطہٕ دِژان چھُ۔ وۄں گواکثر چھُ تِتھس تخلیقی تجربس منز توثراتی تاثریہ روز نُک اندیشہٕ آسان۔

بہر حال جواہر لال سرورنہٕ شاعری چھےٚ کاشرِس شعرِ ادبس اَکھ رُت ہربرتہٕ یُس کلامہٕ کاتِسہِ تہٕ قاری یُس پُہرس بڑنزس سوکون تہٕ انبساط کِس عالمس منز واتناوتھ تس زندگی منز مویوٗسی ہنز زانڈ کاسہِ تتھ منز اَسی تن فکری سنبر یامتہٕ اَسی تن فنُک وُشنیر چھُس ضرور آسان تہٕ سرورنی شاعری چھےٚ امہِ حسابہٕ جان فنکاری ہنز آینہٕ بردار ——— -

جانورچھا ازتُلان چُری گبش تتبن
کلہٕ چن چھاہارِ سارے بڑآری کآنی پٮ۪ٹھ سمان

''پوشہِ نۆلو ون ژ ون'' تہٕ ''پوشہِ نولن وۆن'' چھےٚ مُلہٕ تلہٕ اکی ہمسو سچ باوتھ۔ یۆ دوے دۆیمہِ أ کِس گوڈنچہِ ہُنٛد وہراونُک غلط گرٛ دِ ہنہٕ۔ دۆشوٕنی نظمن ہُنٛد واٹھ چھُ یِیمہِ حسابہٕ تہِ اہم زِ یۆ دوے گوڈنچ اکھ پٔزِن ووٛنہٕ ژھانٛڑ ھناونچ کوٗشش چھےٚ دۆیم اکھ چھےٚ اَتھ برعکس پننس ووٛندس پاٗنی پانے تسلا دِنچ کوٗشش۔ شاعر چھُ پوشہِ نۆلس بُتھہِ رٔٹتھ أکِس نظمہِ منٛز شیٚچھ بڑ ژھان تہٕ بییس نظمہِ منٛز شیٚچھہِ ہُنٛد جواب یاوٕنو یہِ زِ شاعر چھُ أکِس نظمہِ منٛز سوال کران تہٕ بییس منٛز جواب۔ تہٕ یِم سوال کنہٕ جواب چھِ شاعرٕ سِنٛدِس ووٛندس منٛز پننہِ وطنہٕ نشہٕ دۆری موٗجب ووٛتلیمتی۔

سرٛوٗرنبن نظمن ہنٛز بیاکھ ژ اے چھےٚ یہِ، زِ یِمن منٛز چھےٚ تجرباتی وانگجہِ برعکس لفظو ژٕ سی زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ شِدتھ ووتلاوٕنچ جستجو۔ یژھ شاعری منٛز جذباتیتھ پادٕ کرٕنچ چھےٚ اکثر شاعرن ہنٛز یہِ اہم ترکیب آسان۔ یژھ شاعری ہیکہِ پرٛنہٕ وِزِ قاری یَس بڑٕ ژِس کھنڈِس پننس گتس ستی واٗلتھ۔ شاید چھُ اوے کنہٕ ڈاکٹر اومکار کول اتھ شاعری پٮ۪ٹھ تبصرٕ کران ونان زِ أمی سُنٛد غزل چھُ پرن وأ لِس گرِ کھنٛجہِ تمہِ انتشارٕ نشہٕ آزاد کران یُس أندی پکھی سمأجی تہٕ باقے دباوٕ کنی پادٕ سپدان چھُ تہٕ أمی سنٛز نظم تہِ چھےٚ اکھ سو

نوقطہٕ نظر فوک لور کہِ مطالعہٕ خأطرٕ اَکھ "مکتب فکر" یتھ "اساطیری مکتب فکر" ناپیو۔ میکس میؤلرن دِژ اَتھ نۆشکل تہٕ ترقی۔

گرٛزم ہٕندی مطالعہٕ ستی سپدی واریاہ فوک لور عالم متأثر تہٕ یُہٕنداَکھ بۆڈ تید ادٕ پھیوٚ رایشاتہٕ یورپکس فوک لورکس مطالس کُن۔ مگر دراصل اوس جرمنی ہُنٛد میکس میؤلر تیمی گرمہٕ سٕندس مطالس اکہِ مکتب فکرٕچ شکل دِژ۔ سُہ اوس سنسکرتک عألم تہٕ ادبک طألبِ علم۔ یمنس مطالہٕ کس بُنٛیادس پٔتھ گٔژھی اساطیرن ہُنٛز وٕہٕ ژھنے۔ امہِ خأطرٕ ورتو وُ تٔمی جیکوٚب سُنٛد "تقوبلی طریقہٕ" بقولہِ میکس میؤلر چھِ اَوٚ سطور زبأنی ہُنٛز اکہِ خاص خوصوٗصیوٗ ستی بنان۔ امہِ نش چھُ تٔمی سُنٛد مطلب زبأنی ہُنٛد بن لفظن منٛز ارتقأیی عملہِ دوران مانوی تبدیلی ہُنٛز سوعمل یوسہٕ یمن منٛز اکہِ دورٕ پٔتھہٕ بیٚیس دورس تام واتان واتان سپدان چھے۔ اِنسأنی خیال تہٕ زبأنن ہٕندی چھُ میکس میؤلر ژور شیٚچ گنز راوان۔ موضوٗعی (Thematic) یمہِ ساتہٕ زبانن ہٕندی مؤل تہٕ بُنٛیأدی گرامری اَوٚصوٗل بارسس آیہ۔ دۆیم بولیأتی (Dia lictic) یٚمہِ ساتہٕ مختلف زبان خاندان نمۆدار سپدی۔ ترٛیٚیم دور چھُ اساطیری دور یانے یتھ دورس منٛز اَوٚسطور بٕنٛز ہٕتھنٛی۔ ژوٗرم دور چھُ مقبوٗل عام Popular دور۔ یٚلہِ مختلف قومی زبانہٕ وجوٗدس آیہ۔ میکس میؤلر چھ ونان زِ لفظہٕ کہِ اکہِ دورٕ پٔتھہٕ بیٚیس دورس تام یمنس ارتقأیی سفرس دوران چھُ اَتھ پٔنُن اصل مانہٕ راوان

# لُکہٕ ادبکۍ کیٚنہہ نظریہٕ

لُکہٕ ادب بحیثیت علمی شوبہٕ سپُد ۱۹ امہِ صٔدی منٛزٕ شروٗع۔ یہٕ دوے زبٲنۍ روایژن تہٕ لکہٕ ذٲژ تمن ہُنٛد مطالہ اَمہِ بروٚنٛہہ بارسس آمُت اوس امایوٚ زوٗنۍ کینٛہہ Folklore اصطلاح چھےٚ انگریزی زبٲنۍ ہنٛز اصطلاح یوسہٕ ولیم جان تھامسن 1846ءیس منٛز گوڈنیتھ ورتاو۔ فورک لوٗرک مطالہٕ کوٚر گرٛزم بایوٚشوٗرٗوع۔ یم ٲسۍ دراصل جرمنی زبٲنۍ ہُنٛد مطالعہٕ کرُن یژھان تہٕ امہِ سۭتۍ گوٚ تمن فوک لورس کُن تہٕ ظوٗن۔ پنٛنِس لِسٲنی مطالس منٛز ورتو وجیکوب گرمَن جرٕمنۍ زبٲنۍ تہٕ امہِ چھن بولین ہنٛدس توٲریخی مطالس دوران "تقوبلی طریقہٕ"۔ جرمنۍ بیانیہٕ ہن تہٕ لکہٕ شٲعری متلق تہٕ کوٚر تمۍ یہوے طریقہٕ استعمال پنٛنہِ "جرمنۍ اساطیر" ناوچہِ تصنفہٕ منٛز ہیو تمۍ جرمنۍ لُکہٕ شٲعری، لُکہٕ کتھن بیترِ مفصل سام۔ امہِ سۭتۍ لوٚگ بیٚیہٕ کیٚنٛژھون عٲلمن یورپی فوک لورکس مطالس کُن وُتش تہٕ وارٕ وارٕ بنیو وجیکوب گرم سُنٛد

گَن اشارٕ ۔ بقولِہ ییٚنفے چھُ نہٕ ییہِ ہشر کُنہِ نسلی رشتہٕ مؤجب بَلکہِ چھُ ییہِ تہذیبی تہٕ توأریخی میل جولُک نتیجہٕ ۔ بقولِہ ییٚنفے چھُ کینہو ویٚوٕرپی تخلیقکارو پنٕن مواد ہندوستٲنی اگرو پیٚٹھہٕ اوٚنمُت ۔ تِمُو کٔر پنٕنس مکالس دوران تِمن وتن ہِنٛز نشاندہی ییٚمٲری یِم ڈٕلیلہٕ بجیٖر روم کس علاقس تہٕ پتہٕ دورپیٖن تام وٲژھو آسہٕ ہن تہٕ لتہٕ پیٚٹھ ییٚمٲری یورپ تام وٲژ ۔ ییٚو دوے اتھہ نظریس خاص قبوٗل عام میوٗل نہٕ امایوٗ زتوتہِ روٗدُ کُنوٗ ہمہِ صٔدی ہِندس آخرس تہٕ ؤہمہِ صٔدی ہندس ابتداہس دوران اَمہِ نظریُک اثر ۔ واریاہ محقق لٔگی سنجیدگی سان تحقیق کرنہِ زِ یِمہٕ ڈٕلیلہٕ کتھہِ پٲٹھی تہٕ کیٚمٲری چھے اکہِ جایہِ پیٚٹھہٕ بیٚیس جایہ تام وٲژمو ۔ امہِ کہٕ نتیجہٕ آولُکہٕ ادبہٕ کس مطالس منٛز اکھ نو مکتب فکرِ بارس ۔ یتھ توأریخی یا جغرافیٲیی نتہٕ زیادٕ عام پٲٹھی فنش مکتب فکر ناو پیو ۔ ییٚنفے ہندی نظرین دیُت فن لینڈکین عالمن مزید تحقیق کرنُک وتش ۔ کاول کردن چھُ یمن محققن منٛز اہم ڈنمارکی اوکنر بل اولرِک تہٕ سی ڈبلیو سیڈو تہِ روٗدی لُکہٕ ادبُک اَمہِ انمانہٕ مطالہٕ کران ۔ یِہنٛد نمایاں مطالہٕ اوس لُکہِ کتھن ہُنٛد آگر ژھانٛڈِتھ یُہنٛد باقے جاین واتنہٕ کین حدن تہٕ وتن ہِنٛز نشاندہی کرٕنی ۔

ییٚمہِ ساعتہٕ یورپس منٛز مختلف قومن ہندس فوک لورس میکس میؤلر ہِنٛد نوقطہٕ نظر یا ییٚنفے ہِنٛدِ ماییگرشنل نوقطہٕ نظرٕ کِنہ مطالہٕ سپدان اوس تہٕ لُکہِ کتھن ہِندس ہشرس پتہٕ کُنہٕ کارفرما وجہ ژھانڈنہٕ یوان آسی کینہو عالمو چھہ مختلف لوکن

تہٕ نۆبن مانین ہندی تہٕ کھسان۔ امہِ ستیٚ چھُ زیادے گٔژھ لدتہٕ بےیٚد وضاحتھ پاٚدٕ سپدان یمہِ موجب اۆسطۆر بارسس آیہِ۔ اۆسطورن ہنٛدِس بنٛنس چھُ میکس میولر یتھہ پاٚٹھۍ وضاحتھ کران۔

فرض کروزِ اۆسطۆر بنہٕ کس تتھ دورس منٛز وۆن گۄی تام "چمکہ وُن چھُ دزٕ وِنس پتہٕ پتہٕ" شاید آسہِ ہے تس یہِ خیال باوُن زِ سحرٕ پتہٕ چھُ آفتاب کھسان۔ اٚسی کرو مزید یتہِ فرض زِ سُہ لفظہٕ یمیُک مانہِ "چمکہٕ وُن" آسہِ ہے سُہ آسہِ ہے یوٗنانی لفظہٕ "ہیلس" ہیوٚ۔ تہٕ سُہ لفظ یمیُک مانہِ دزوُن ہیوٚ آسہِ ہے سُہ آسہِ ہے سنسکرت لفظ "آہنا" یا "داہنا" ہیوٚ۔ اٚسی کرو فرض "ہیلس" لفظس گو "اپولو" لفظس ستیٚ ہیرٕ پھیر۔ تہٕ سُہ لفظ یتھ "آہنا" یا داہنا" ہیوٚ مطلب اوس تتھ بنیو وکتھہ تام پاٚٹھۍ "ڈاپھن"۔ وق گذارنس ستیٚ ستیٚ آیہِ ہیلن لفظن ستیٚ نرٕ خۄصۄصیو تہٕ ڈاپھن لفظس ستیٚ مادٕ خۄصۄصیو تہٕ پتہٕ آیہِ یمن باہم عشقچ دٔلیل تہِ وکھناونہٕ۔ ڈاپھن چھُ تنگ یتھہ کُلس منٛز ژھپتھ دِوان۔ ڈاپھن چھِ تتھ کُلس تہٕ اوے ناو پیومُت تِکیازِ تتھ چھُ جَل جَل نار ہوان۔

کنوہمہِ صٔدی ہنٛدس دۄیمس نصفس دوران یٚیلہِ یورپس منٛز میکس میوٗلر سُند نظریہِ زورن پیٚتھ اوس تمہٕ دوہن اوس تھیودر بن فے پنچ تنترُک جرمنی زبانی منٛز ترجمہ کران۔ جرمنی ہُند یہ، عالم اوس انڈولاجی منٛز دلچسپی تھاوان۔ پنٛنس ترجمکس دیباچن منٛز دیُت تٔمۍ ہندوستانی تہٕ یوٗرپی لکہٕ دٔلیلن ہنٛز یکسانیو

پٹھ اثر۔ فرائڈن ہیو پانہٕ تہٕ اوٚسطوٗرن لگہٕ ڈلیلن تہٕ خاص کرلگہٕ ڈلیلن منٛز بیان کرنہٕ آمتین خابن پٮ۪ٹھ نظریہٕ وہٕرناونہٕ خاطرٕ کام۔ پننہٕ تصنیفہ "Interpratation of Dreams" منٛز دیُت فرائڈن خابن تہٕ دیمون جنسی خاہشن تہٕ قوتن ہنٛد علامتی اِظہارُک تاپر۔ فرائڈ سنٛد اصولہ مطابق چھُ خاب فردٕ سُنٛد اوٚسطوٗر۔ امہٕ اصولہ مطابق آو اوٚسطوٗرن تہٕ خابن اکی نفسیاتی عملہٕ ہُنٛد نتیجہ مانہٕ۔ یمن عالمن ہُنٛد مطابق یوٚ دوے خاب اُکس فردٕ سنٛد بن شُری لازی خاہشن ہُنٛد ذریہٕ اظہار چھِ اوٚسطور چھِ تیلہٕ اکہٕ پوٗرٕ قومکی نفسیاتی دباو باوان۔ فرائڈس علاوٕ آسی ارنیسٹ جونس، ارچ فروم تہٕ گوزا بیترِ دوٚیم کینٛہہ عالم یمو لگہٕ رِوایژن تہٕ لگہٕ کتھن ہُنٛد مطالہٕ تحلیل نفسی کس طریقس پٮ۪ٹھ کوٚر۔ یُنگ سنٛدی اجتماعی لاشعورن تہٕ ترووُاتھ مکتب فکرس پٮ۪ٹھ اثر۔ نفسیاتی مطالہٕ کس اتھ نظریس آو یتھ بنیاز پٮ۪ٹھ تنقید کرنہٕ زِ یہٕ نظریہٕ چھُ جدید انسانہٕ سنٛد نوقطہ نظرٕ قدیم انسانن ہنٛدس نفسیاتی نظامس تجزیہ کران۔ یلہٕ زن یہٕ ممکن چھُ زِ جدید انسانہٕ سنٛد بو قدیم جدا جدا دیمو یم لگہٕ کتھہٕ ونہٕ تمن ما آسہٕ ہے اتھ پتہٕ کنہٕ بینہٕ کانٛہہ نفسیاتی وجہ یُس نہٕ اُز ٹیک انسان زانتھ ہیکان چھُ۔

1960ء دوران آو لگہٕ ادبہٕ کس مطالس منٛز اکھ نوٚو نظریہ بارس یتھ ''سٹرکچرلزم'' ونان چھِ۔ وُنی کین چھُ یہٕ نظریہٕ سارِوے کھوتہٕ مقبوٗل

تہٕ قومن ہنز ''زبأنی باؤژ'' منز اَکھ نمایاں ہشر تہٕ اَتھ اُس نہٕ کانٛہہ تسلی بخش وضاحتھ سپدان۔ یمن یکسانٛیون اُس ووٚنی کانٛہہ وضاحتھ ژھانڈنی۔ اَتھی دوران دیُت آندرِ ولینگ (سکاٹ لینڈ) تہٕ ٹایلرن اَمہِ ہشرک وجہ بشریأتی اِرتقاہس ستی وبژھناوِتھ۔ یتھ پأٹھی آو فوک لورکس مطالس منز ''بشریأتی مکتب فکرِ'' بارس۔

رنگا رنگ تہذیبو منز یکہٕ وٹہٕ کرٕ متہِ موادچہِ بُنیاد پٹھ ووت ٹایلر یتھ نتیجس پٹھ زِ الہٕ پلہٕ چھُ ساری نے قومن تہٕ تہذیبن طرزِ زِندگی، رسم رواج مذہبی تہٕ شاعرانہٕ تصوراتن منز کُنہِ حدس تام ہشر تہٕ امیک وجہ چھُ بذاتِ خود انسأنی خصلتھ، سوچ تہٕ ذہن۔ ٹیلرسندی نظریاتھ سپدی فریزرسنز ''گولڈن بوہ'' ستی بیٚیہ تہٕ سرکھرٕ۔ اَتھ نظریس ستی وابستہٕ عالمن ہُندوٚنُن چھُ زِ انسان چھُ یتھ بترأژ پٹھ قدیم دورٕ پٹھ از تام پرٛتھ کُنہِ جایہِ الہٕ پلہٕ ہوبہو دورو منزی گذریومُت۔ ''وحشی''، ''خانہٕ بدوشی'' ''قرأری زندگی'' یِم دوروٚ چھ انسانن پرٛتھ کُنہِ جایہِ۔ یا انسان روٗد پرٛتھ دورس منز پرتھ جایہِ شادِ ہُند اظہار الہٕ پلہٕ اکی آنہٕ کران تہِ تتھے پأٹھی غمُک اظہار تہِ۔ یوٚ دوے اَمہِ نظریکس انسأنی حیاتکس کُنرِس ستی زیادٕ لوکو اِتفاق کورنہٕ تو تہِ روٗد فوک لورتہٕ لُکہٕ ادبہٕ کس مُطالس منز امیک کأفی اثر۔

فرایڈ سندی نفسیأتی علمن ترووٚ لُکہٕ ادبہٕ کس مطالس نظریأتی سوٚتھرس

# کأشِر لُکہٕ کتھہٕ : کینٛہہ خوصوٗصیژ

پرٛتھ تہذیبُک لُکہٕ ادب چھُ تمہِ تہذیبکہِ اجتماعی سونٛچک تہٕ ثقافتُک رنگہٕ رُت آنہٕ۔ لُکہٕ ادبُک اکھ باگہِ بوٚرُت سرمایہِ چھُ کأشِر زبأنی تہِ تہٕ اَمچہِ رنگارنٛگی نِش ہیکہٕ نہٕ کأنٛسہِ تہِ انکار آسِتھ۔ اَتھ منٛز چھُ لُکہٕ کتھن ہُنٛد اکھ بوٚڈ حصہٕ تہِ شأمِل۔ یِمہٕ لُکہٕ کتھہٕ سوٚمبراونٛچ تہٕ رٕژھراونٛچہِ یوٚد وے وُنس تام مختلف سنٛجیدٕ تہٕ رٕژ کوٗششہِ کرنہٕ آمٕژ چھےٚ اماپوٚز یِہُنٛز مولا لکون چھےٚ وُنہِ تہِ وار یاہ بوز شوز منگان۔ وۄں گو لُکہٕ ڈلیلہٕ سوٚمبراونہٕ یوٚد وے زیادٕ مشکل کأم چھےٚ نہٕ اماپوٚز یِہُنٛد مطالعہٕ کرِتھ یِمن منٛز مخصوٗص خوٚصوصیٛون ہِنٛز ژھأر چھےٚ پزی اکھ پیچیدٕ کأم۔ اَتھ چھُ بوٚڈ وجہ زِ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ تہذیبی لین دین دوران اورٕ یور واتان۔ یِمہٕ سبہٕ یِہُنٛد شِچھٕ دودتہٕ آب

نظریہٕ مانٕنہٕ یِوان ۔ امہِ نظرِیچ اصل شۆرُوٗعات سپُز تمہِ ساتہٕ ییٚلہِ 1928 یِس منٛز وی جے پراپن (Morphology of Folk Tale) ناوٕچ کتاب بازرس ترٲو ۔ امہٕ پۄز اَتھ کتابہِ پیوٚ مقبوٗلہِ عام پراونٕہٕ خٲطرٕ الٕہ پلہٕ ترٕٛہ وٕری پرٛاوان ۔ 1958ءیِس منٛز سپُد اَتھ انگریزی ترجمہٕ ۔ تیٚمۍ ستۍ پرٛاپہٕ سٕندی نظریاتھ انگریزی دُنیہس ستۍ متعارف سپدی ۔ امہِ تصنیفہٕ کُر لُکہٕ ادبہٕ کس مطالس منٛز نۆو سرگرمی پٲدٕ ۔ پراپ چھُ روٗسی لُکہٕ کتھن تجزیہٕ کرِتھ اَتھ کیٛتھ ن جُزن منٛز بٲگران یِمن جُزن ہُنٛد اَکھ أکس ستۍ رشتہٕ تہٕ کُلس پیٚٹھ ڈٲلیہٕ منٛز یِہنٛز اہمیت وبرٛاونے کرِتھ چھُ پراپ لُکہٕ ڈٲلین ہُنٛدِ نظام وبرٛاوان ۔ لُکہٕ ڈٲلین منٛز یِمن اِمدٲدی جُزن نِش چھُ پرٛاپہِ سُنٛد مطلب کردارن ہٕنٛز سو عمل تہٕ عمل وجہہ یِتھ منٛز تِم پلاٹہٕ کِس اِرتقاہس دوران آوری آسان چھِ ۔ سُہ چھُ ڈٲلیہٕ منٛز تِتھیٚن اکترہن (۳۱) جُزن ہٕنٛز نشاندہی کران ۔ ضروٗری چھُ نہٕ زِ یِم سٲری جُز آسن أکی سے ڈٲلیہِ منٛز بلکہِ ہیٚکن یِم کُلہم پٲٹھی اکی قبیلہٕ چن لُکہٕ ڈٲلین منٛز تہِ أسِتھ ۔ پرٛاپہٕ سُنٛد نظریہِ چھُ ازکل کیٚن لِسٲنی ماہرن نِش مقبوٗل عام ۔

لُکہِ باوتھن تہٕ لُکہِ ڈٲلین منٛز زبٲنی باوٕژ ہُنٛد معنوی گُرت چھُ اَمہِ نۆو قطہٕ نظرٕ وٕژھناونہٕ یِوان ۔ اَتھ نظریس پیٚٹھ چھُ لیوی سٹرٛوس سُنٛد اثر تہِ ۔

☆☆

لُکہٕ کتھن منٛز گٔنی ۔ خاصے کانٛہہ لُکہٕ کتھ آسہِ ترٛٮ۪ہ یَتھ منٛز وٮ۪نہٕ چ تہٕ
وٮ۪نہٕ ماحولچ عکاسی آسہِ ۔ کیٛشون تواریخی تہٕ ہم تواریخی آگرچن کتھن منٛز
چھےٚ وٮ۪نہٕ چ عکاسی اماپوٚز زیٛادہ ڈلیلہٕ چھےٚ کم قلیلے ۔ یمن کتھن منٛز وٮ۪نہٕ چ تہٕ
وٮ۪نہٕ ماحولچ ذِکر یَسلہٕ پأٹھی نہٕ آسنس ہیٚکہِ شاید یہِ وجہِ أسِتھ زِ کٔشیرِ منٛز چھُ
لُکہٕ کتھہِ بوزنُک تہٕ بوزناونُک وق عام پأٹھی زاپچھِ تہٕ ترٛنہِ وٮ۪ندم رأژ ۔
یِتھہٕ پأٹھی چھےٚ وٮ۪ندس منٛز وٮ۪نہٕ چ کتھ کرٕنی تہِ بےٚ مزٕ ۔ اَتھ برعکس یِتھس
ماحولس منٛز خوشبونمن تہٕ خوبصوٗرتھ شہزادن تہٕ سرسبز تہٕ شاداب سبزارن تہٕ
ناگرادن تہٕ وٗشنمن سبکہِ صحراون ہنٛز کتھ کرٕنی ما آسہِ ہے غأرشعوری طور
وٮ۪ندُک شیٛت کال مُشراونچ کوٗشِش ۔ یُس چیٖز اسہِ نِش آسان چھُ اکثر
چھِ تتھ متعلق أسی کٔمے سوٗنچان اماپوٚز یٚیمہِ چیٖز نِش أسی محروٗم آسان چھِ
سون ژٕ ہتھ چھُ تورٕ ژن جل گوٗ ھان ۔ مثلن نی تَو سمنٛدریُس کٔشیرِ نشہِ واریاہ
دوٗر چھُ ۔ کٔشیرِ منٛز چھےٚ ترٛٮ۪ہِ واریاہ لُکہٕ کتھہِ مُروجہٕ تہٕ مقبوٗل یِہنٛدِس
فِضہس منٛز سمنٛدر گژھِ مارانچھُ ۔ یہِ چھُ صحی زِ اکثر یٛاہِ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ بیٚیو
علاقو پیٚٹھ آمٕژ ۔ اماپوٚز یٚیمو ڈلیلو تہٕ داستانَو یٚیمہِ اَنمانہٕ یِیتہِ قبولہِ عام
پرٛوومُت چھُ ۔ تمہِ تلہٕ چھُنہٕ یہِ باس لگان زِ یٚیمن ہُنٛد یہِ فضا تہٕ سمنٛدر کیا
چُھ کأشرٕ ہن ہِنٛدِ باپتھ کانٛہہ وٕہ پرٛچیٖز ۔ یِتھہٕ پأٹھی تہِ اگرٕ وُچھو کٔشیرِ منٛز چھےٚ
پتھ کالہٕ پیٚٹھ وٕنہِ آمدرفتُک اَکھ اہم وٗسیلہٕ روٗز ہمٕژ ۔ وولرِ کہِ واوٕک وٕہ لسنس یُن تہٕ

ژارُن مُشکل سپدان چھُ۔ مختلف زبانَن تہٕ تہذیبن ہنزن لُکہٕ کتھن چھے
پانہٕ وٲنی اکھ دِلچسپ یکسانیتھ یوٗ دوے یم اکھٲ کس نِش کوٚاہتہٕ دوٗر
آسن۔ بلکہٕ ہیکو یہِ وَنتھ زِ الہٕ پلہٕ چھِ سارنے تہذیبن منز کینہہ ہوی تہٕ
مشترکہ ڈیلیہٕ طرح تکیازِ پرٛتھ تہذیبک اِنسان چھُ الہٕ پلہٕ ہوی ارتقٲیی
منزلو منزی گذریومُت۔ دوٚیم کتھ چھےٚ یہِ زِ پرٛتھ جایہِ ہنٛدِس اِنسانس چھِ
بُنیادی طور ہوی مسلہٕ تہٕ مسلن ستی ہوی ردِ عمل تکیازِ مُلہٕ تلہٕ چھُ انسٲنی نفسیاتک
انہار کُنے۔ انسٲنی نفسیاتک یہِ ہشر چھُ لُکہٕ ڈیلین منز تہِ عیاں۔ یتھہٕ
پٲٹھی چھےٚ کُنہِ تہذیبچن لُکہٕ کتھن ہنز مخصوص تہٕ انفرادی خصوصیژ بدکڈنہٕ
اکھ مُشکل کٲم۔ یہِ چھُ کٲشرِن لُکہٕ کتھن متعلق تہِ صحی۔

کٲشرِ چھےٚ وقتہٕ وقتہٕ مختلف تہذیبن ہنز ماٹھ روٗزمٕژ۔ یِیتہٕ کس
تہذیبی ناگرادس چھُ مختلف جوین ہُنٛد آب ریلیومُت۔ سانہٕ لُکہٕ کتھہ تہٕ
چھےٚ مختلف آگرو پیٹھ آمژٕ۔ پزر چھُ یہِ زِ سانہٕ یم لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ پتھ کالکہٕ
تہذیبی لین دینک اکھ توٲریخ بزوٚنہہ کُن امان۔ تہٕ یمن کتھہٕ طرحن
(Patterns) ہُنٛد مقبوٗل سپدُن چھُ اکِہ حسابہٕ کٲشرِ ذہنہٕ کہِ سوچن
روٗجحانک گرافتہٕ کاشراوان۔

کٲشرِن لُکہٕ کتھن متعلق چھےٚ یہِ اکھ دِلچسپ کتھ زِ وَنٛدُک موسم
ییمہٕ پتہٕ وتہٕ پٹھہٕ سانہٕ زندگی پیٹھ سوٚن تہٕ گوٚن اثر ترٛوومُت چھُ چھنہٕ اَمہِ حسابہٕ

تِمن پڑانِہن مشترکہٕ خاندانن منٛز یُس لول تہٕ توجہٕ آدٕنِکس اولادس میلان آسہِ ہے شاید آسہِ ہے نہٕ لوکٕٹس میلتھ ہیٚکان۔ گریلو زندگی یس أزی کہٕ نشہِ مختلف اُس شاید آسہِ ہے نہٕ تتھ منٛز زِتھن ہنٛزٕ پیٚتھوٕ ولی موجب لوکٹین نفسیأتی نشو نُما مناسِب پأٹھی سپدِتھ ہیٚکان۔ أمی ہندِ امی ژھرٕ رچ برپأیی چھےٚ شاید سانِہن لُکہٕ کتھن منٛز أمی ہندِ خوشحال انجام ڈٕسی کرنہٕ آمِتۍ۔ بقولہِ ڈنڈس چھُ کمزور تہٕ پس پایہِ ہنٛز کامیأبی لُکہٕ کتھن ہُند اہم موضوٗع (Theme)۔ یٕنٛسی ہنٛز یہِ تصویر مدِ نظر تھأوِتھ چھُ سانِہن لُکہٕ کتھن متعلق تہِ یہِ صحی۔ اَکھ کأشر کہاوَتھ چھےٚ زِ ہوٗن اُسن مگر کوٗنس مہٕ اُسن۔ چنانچہِ حقیقی زندگی منٛز عدم توجہک تہٕ استحصالُک شِکار یہِ کوٗنس اولاد چھُ سانِہن لُکہٕ کتھن منٛز توجہک مرکز بنیو وُمُت۔

''طاقتورن پیٚٹھ کمزورن ہنٛز فتح'' ورگہٕ چِھ کتھن منٛز ہیکو أسی تِم کتھہٕ تہِ شأمِل کٔرِتھ یِہنٛد اہم کردار کھوٚر چھُ یا سماجکہِ پس پایہ ورگُک کانٛہہ فرٕد چھُ یُس یِمن کتھن منٛز موٗمولی تہٕ ناچیز حالژ پیٚٹھ تھوٚد وٕتِتھ نہ صرف پادشأہی پرٛاوان چھُ بلکہِ چھُ پادشاہ کورِ ستی نیتھر کران۔ بجہِ ماجہِ ہنٛز گُنی ڈکھہٕ لوٚر اُسی تن یا سماجِکس پیٚتھ پسأری طبقس ستی وابستہٕ۔ یہِ چھُ پننہِ دانأیی تہٕ گاٹجارِ ستی کِمن کِمن عقلاوٕ زیرن تہٕ بیٚقل بادشاہن وُنہٕ والان۔ کأشرِ لُکہٕ کتھن منٛز چھُ کھوٚر کأشرِ ہُند ٹوٚٹھ کردار رودمُت تہٕ یہِ چھُ

ڈٕلکی گتھ مارٕنی تہٕ چھہِ کأشرٮ۪ن وبدی۔ شاید چھُنہٕ امہِ مۆجب کأشرٮ۪ن سۆ درٕ
ماحول وۄپرباسیومُت۔ یقیٖن چھُ یتہٕ ژٕبس تھاوُن ضرۆری زِ یمہٕ کتھہٕ
آسہٕ تمن لۆکن ہٕند باپتھ ہیٚو چیز وعلاوٕ تفریحک ذٕریہٕ۔ یمۆے ڈٕلیلو تہٕ
داستانوٕ سی آسی پرٕأنی لۆکھ خیالٕنے خیالن منٛز ستن سودرن ژٕنڈ کڈِتھ یوان۔
حقیقی زندگی منٛز آسی تِتھین بیشتر لۆکن پردیسن پھیرٕنکی موقہٕ تہٕ تہٕ مجبوٗریہٕ
تہِ کِمے پٮ۪ن۔ یتھ پأٹھی آس تہندس مُہم جوٗیی ہٕندِس جذبس یمن لُکہٕ
کتھن ہٕندٕ سِلہٕ دُنی یِہس پھیری پھیری تشفی میلان۔

ہرگاہ برینڈابریک ہٕندِ ذٕسی کھرکرنہٕ آمتین لُکہٕ کتھہٕ پھرٕ یمن ہٕنٛز
بُنیاز پیٹھ وُچھو اسہِ گرٕھن کٔشیرِ منٛز فرنڈشپ بانڈ پھرٕیم کٮ۪ن کتھن
ہٕندی طرح نظرِ۔ امہِ پھرٕیمہ چن کتھن منٛز چھےٚ تمہٕ لُکہٕ کتھہٕ تہٕ شأمل
یمن منٛز زیادٕ وہِ کھوتہٕ زیادٕ بأے یاوٕر بأے مُہم جوٗیی ہٕندٕ مختلف مرحلو
منٛزی گُذرِتھ أخرس پٮ۪ٹھ منہٕ کو نٛچہ منٛزِل پرٕ اوان چھِ۔ یِہن بیشتر کتھن منٛز
چھُ اکثر سارٕ وے کھوتہٕ لوکٕٹ بوے انٛدس پیٹھ زیادٕ خوشحالی پرٕاوان ہاونہٕ
آمُت۔ مگر أمِس چھُ کامیأبی پرٕاونہٕ باپتھ تہٕ بخت بیدار گوٕھنہٕ باپتھ گوڈٕ
سبٹھے کرٕ سٹھِو تہٕ کڈربو مشکلاتو تہٕ آزمأیشو منٛزی گُذرُن پیوان۔ یمن
کتھن منٛز أمِس کٔنِس اولادٕ ہٕندِس اَتھ مشکل جستہٕ خأزی تہٕ جستجو ہس
پسہِ پرٕ چھےٚ سانہِ پرٕ لنہِ سمأجی تہٕ گریلو زندگی ہٕنٛز تصویر دید مانہٕ۔ چنانچہِ

آسن وول طبقہٕ۔ چاہے سُہ کانٛہہ بے پرواہ تہٕ بیعقل بادشاہ آسہِ یا کانٛہہ دیارِ وول کورٕ ن۔ تِہٕندی یِم کارِ کرتوٗت چھِ ذٔلیل بوزن والین ژٕ ور کم تہٕ کارنامہٕ زیادٕ باسان۔ تِکیازِ گٔھری ہِندی پاٗٹھی چھُ سُہ تہٕ نہ آسن وأنِس طبقس سٟتؠ وابستہٕ یُس پننہِ زیرکی تہٕ چالاکی سٟتؠ دولت کٔبن شہمارن أچھن پکچھ ژٕ ھنان چھُ۔

یِتھہٕ ہِشہِ لُکہٕ کتھہٕ چھےٚ لۆکن ہٕنزِ محروٗمی تہٕ محکوٗمی ہٕنز داستان۔ بقولِ تھامسن چھُ "لُکہٕ ادب محروٗمین ہُنٛد خیاٗلی تشفی" بیشتر کاشرِ لُکہٕ کتھہٕ زیرِ نظر تھاوِتھ چھُ یہِ پزٕ رسرِ کھرٕ سپدان۔ اکثر لُکہٕ کتھن ہُنٛد بادشاہ تہٕ بادشاہ گرن أنٛدی أنٛدی آسُن تہٕ چھُ یہِ کتھ گاشراوان۔ لُکہٕ ادبکی اکثر عاٗلِم چھِ یتھ کتھہِ پٮ۪ٹھ یک راے زِ لُکہٕ ادب یتھ منٛز لُکہٕ کتھہٕ تہٕ شاٗمِل چھےٚ چھُ لۆکن ہِنٛدِ ذٔسی لۆکن متلق تہٕ لۆکن ہِنٛدِ خاٗطرٕ وجوٗدس یِوان۔ اَتھ لۆکہٕ مِنٛزس منٛز چھےٚ اکثر یتھ تِمن لۆکن ہٕنز یِہٕنٛدِ باپتھ بادشاہی خوشحال تہٕ پاپرِ جازٕندگی ہِنٛدِ اَنتہِچ علامتھ چھےٚ۔ چنانچہِ سانٮ۪ن واریاہن لُکہٕ کتھن تہٕ خاصکر گٔھری ورگہٕ چِن لُکہٕ کتھن منٛز تہٕ چھُ اہم کردار سُنٛد مٔنزِل مقصوٗد تہٕ یُہے بادشاہت۔ بادشاہ ہٮ۪کہِ اَکھ أسِتھ تہٕ رعایا واریاہ۔ أکِس چھُ پرٕ تھ کینٛہہ میسر تہٕ واریاہن چھےٚ واریاہ وجہ ھے۔ اَکھ چھُ واریاہن پٮ۪ٹھ حاوی تہٕ یِم واریاہ چھِ أمِس أکِس تابع۔ عیاں چھُ زِ اَکھ یژھیا واریاہن

تمہِ ورچ نُمایندگی کران یُس ارباب اقتدارن مُشر وومُت تہٕ منسوومُت
چھُ ۔ اماپوٚز یَتھ منٛز تِتھی باصلاحیَتھ تہٕ ذہین شخص تہِ چھِ یِمن نہٕ پننِن
صلاحیَتن ہُنٛد مظاہر کرنُک موقہٕ بدٕس آمُت چھُ ۔ عام زندگی منٛز
یوٚ دوے پہنٛز صلاحیَژ ذٲلی ہارسپدان آسہِ ہے مگر یِمو کتھوٕ سی چھُ تِمو پننہِ
لگہاری ہُنٛد دبدبہٕ بھنومُت ۔ ہتی چھُ تِمو کتھن ہِنٛدِس اَتھ دُنی یہس منٛز
سماجکس تتھ ورگس آنچھ تہِ ہوٚرمُت یُس تِمن پتہٕ وتہٕ پیٹھہٕ دباوان تہٕ ژٕج
ژٕج ٹُلان روودمُت چھُ ۔ کُہری سُنٛد کِردار چھُ یِہ کتھ تہِ گاشراوان زِ
ذہانتھ تہٕ گاٹجار چھُنہٕ صرف اوسوٕ دِ حال طبقہٕ کُے میراث بلکہِ غُربت تہٕ
افلاسس منٛز ہنہٕ آمتِس فردس تہِ یِیلہِ ماحول تہٕ حالاتھ سازگار تہٕ موافق
میسر سپدن تیلہِ ہیکہِ اَکھ مومُولی مُڈٕ تہٕ مُفلس جوان تہِ تآزی بھٹ
یا "سُیا" بنتھ ۔ کُہری قبیلہٕ چِن کتھن ہتہٕ ہتی چھے تِم کتھہٕ تہِ توجہ طلب یہُنٛد
اہم کردار ژوٗر چھُ ۔ حالانکہِ سماجی زندگی منٛز چھے ژوٗر اَکھ فعلہِ بدتہٕ حقیقی
زندگی منٛز ہیکہِ نہٕ ژوٗرس ہتی شاید کانٛسہِ تہِ ہمدردی آسِتھ ۔ اماپوٚز یِمن لُکہٕ
کتھن منٛز چھُ یِوہے ژوٗرسون ٹوٹھ کردار بنان ۔ یِمن کتھن منٛز ژوٗرٕ
ہنٛزیَس تصویر اَسہِ بروٗنہہ کُن ووتلان چھے تِمہِ مطابق چھُ سُہ نہ جسمٲنی
لحاظہٕ جُسوار تہٕ طاقتور تہٕ نہٕ ہأبتھناک ۔ سُہ چھُنہٕ رابِن ہُڈ ہیوٚ باروب
تہِ ۔ بلکہِ چھُ تسُنٛد ہتھی یار تسنٛز چالاکی تہٕ زیرکی تہٕ تسُنٛد نشانہٕ چھُ بیشتر پأٹھی

چھنہٕ تقدیٖرس پان پُشرِتھ تالوٗنٛگ وٮ۪نکی رۄحان ہاوان۔ بٔلکہِ چھِہ یِم کتھ ہٕندس اہم کردارس کُنہِ مُشکلہِ یا مُہمہِ منٛز سورخرو نیرنہٕ باپتھ جستجو کرنٕچ ترغاب دِتھ وَتھ ہاوِتھ باضٕے تدبیٖرٕچ علامتھ بنان۔ مثلن تِتھٕن مددگار کردارن منٛز چھِ سوٗدٕ بژٕور بوٗدٕ بژٕور جوری اہم۔ ہرگاہ گہرٲیی سان وُچھو تیٚلہِ چھِ سوٗدٕ بژٕور سوٗد بوٗدٕ ہٕنٛز علامتھ بنان۔۔ ''سوٗدٕ بوٗدٕ'' لفظ چھِ ازکل تہٕ أسی عقلہِ، گاٹجارتہٕ سونٛچنہٕ سرنہٕ کِس مانیس منٛز ورتاوان۔ سانٮ۪ن لُکہٕ کتھن منٛز چھِ اکا تٕے ناوتِمن ہٕنٛز امہِ انمانہٕ شخصا ونکٲری ہٕنٛز واریاہ مثالہٕ مثلن وژاگہٕ دیو، شکس بُڈ یامٕژ چہِ بُڈ بیٚترِ۔ سوٗدٕ بوٗدٕ لفظس سٟتی بژٕور لفظ جورنس ہکہِ شاید یہ وجہ أسِتھ زِ بژٕور چھُ سوی جانورو منٛز نہ صرف تیز نظر بٔلکہِ تژکھ تہِ۔ یُس اَنہِ گٹہِ منٛز تہِ وُچھتھ ہیکان چھُ۔ دوٚیِم یہ چھُ تمن جانورن منٛز یُس کُنہِ بستی منٛز گرٕ گرٕ دلنہٕ گُٹھہِ پٮ۪ٹھ بانہٕ گُٹھس منٛز تام أژِتھ ہیکان چھُ۔ مطلب سٲری ہیٚے چھُ وأتِتھ ہیکان۔ بہرحال سوٗدٕ بوٗد ہٕنٛز سوٗدٕ بژٕور بوٗدٕ بژٕور شکلہِ شخصا ونکٲری کٔرِتھ چھِ سانٮ۪ن لُکہٕ کتھن منٛز تقدیٖرس سٟتی سٟتی تدبیٖرٕچ أڈرن تہِ کرنہٕ آمٕژ۔ ووٚں گو تقدیٖر پرستی ہُنٛد پوٚتُر چھُ کُنہِ کُنہِ گوٚب پٮ۪ہن تہِ یہ چھےٚ نہٕ کٲشرِس سونٛچس متلق کانٛہہ تہِ غأر موٗلی کتھ تکیازِ کٲشرِس چھےٚ دیہ رٲژ رَس پٮ۪ٹھ پژھ۔ تُنٛد سونٛچ چھُ زِ مشکل تہٕ مصیبتھ چھےٚ دیہ ہٕندِ طرفہٕ محض ازمأیش۔ سون روأیتی فلسفہٕ چھُ یِی زِ دَیس چھِ پٔنٕنی بنٕہ

ہنٛدس سۆتھرِس پٮ۪ٹھ وٕسِتھ پٔنٕنۍ ممتاز انفرآدی یَتھ راوراوٕنۍ کِنہٕ واریاه یَوٚھن أمس أکِس ہِنٛدس تھزرس واتُن ۔ اِنسأنی فطرژ مۆجُب چھےٚ ڈٔویم کتھ صحی باسان ۔ اماپوٚز حقیقی زندگی منٛز چھُ یہِ سٮ۪ٹھاہ ناممکن تکیازِ اَتہِ ہٮ۪کہِ اکہِ وقتہٕ اکُے اَتھ تھزرس پٮ۪ٹھ وأتتھ تہٕ سُہ تہِ یٮ۪لہِ بادشاہت مورٗوثی آسہِ تیٚلہِ چھےٚ یہِ لامحال کتھا ۔ یہِ چھُ تیٚلہِ یاتہِ خابس منٛز ممکن نتہٕ لُکہٕ ادبہٕ کِس خیأ لی دُنیہس منٛز یُس فرائڈین نفسیاتہٕ مُطابِق عوام الناسُک خاب چھُ ۔ تہٕ یَتھ پأٹھۍ اگر أسی پٔننِس یِژھن لُکہٕ کتھن محکوم تہٕ محرٗوم عوامُک خاب گاه وَنو غلط گژھہِ نہٕ ۔

لُکہٕ ادبُک امریکی عأ لِم رِچرڈسن چھُ امریکی لُکہٕ کتھن ہُنٛد مطالہٕ کران تِہنٛز امید پرستی (Optimestic) خۆصوٗصیژ کُن اِشارٕ کران ۔ یوٚدوے وُچھو یہِ رُجحان گژھہِ اسہِ پٔننِس لُکہٕ کتھن منٛز تہِ نظرِ ۔ یہِ عُنصر چھُ تِمن لُکہٕ کتھن منٛز زیادٕ نُمایاں یِہُنٛد مرکزی خیال تقدیر تہٕ تدبیرٕ چ تگ دَوچھےٚ ۔ ظأہری طور چھُ بیشتر لُکہٕ کتھن منٛز تقدیر پرستی ہُنٛد رُجحان غأ لِب باسان ۔ مثلن کھوٚر چھُ پننہِ تقدیر پرستی کنگأ لی پٮ۪ٹھ بختہٕ بجر پزٕ اوان ۔ ہر گاه اسی پٔننِس لُکہٕ کتھن ہنٛدِس اُسلوٗبیأتی گرتِھ سنٛوٗیمن منٛز تہِ چھِ وی ۔ جے ۔ پزاپہ ہِنٛدِ ذٕسی بدِکڈنہٕ آمتِس مددگار عنصرن ہنٛز مختلف صوٗرژ موجوٗد ۔ یِم مختلف کردارن ہنٛز شکلہِ منٛز دژیٹھی گژھان چھِ ۔ وُوٚن گوامہِ ورٕگی سأری کِردار

منز گوھنہٕ ورأیی کرِ بہ یتھین صرف اکہِ صوٗرژ ہنز ذکر تہٕ سوچھےٚ وٕٹسی
گوھُن یاوٕٹسی کرُن ۔ کٔشیرِ منز چھےٚ اِنسانن ہنز وٕٹسی گوھنچ یاوٕٹسی کرنچ
وار یاہ لُکہٕ ریوایژ زبأنی زد ۔ یِتہٕ چھےٚ تژھہِ وار یاہ جایہِ یمن ڈُمٕٹھ ونان چھِ
تہٕ یمن متلق یہِ ریوایتھ چھےٚ زِ یم چھِ تمن بدکردارن ہندی مُری یم کأنسہِ
روٗحأنی بزرگن لوٗکن ہنز سلامتی باپتھ کنین منز تبدیل کٔری متی چھِ ۔ ظأہر
چھُ زِ وٕٹسی گوھنُک یا کرنُک یہِ روٗجحان چھُ کُنہِ نتہٕ کُنہِ بُدی ہُند سزا ۔ یتھی
واقہٕ چھِ ورگہٕ پأٹھی اِنسأنیت تہٕ اَمکہِ پوچھر باپتھ کأشرن ہنز یژھ پژھ
بروٗنہہ کُن انان ۔ انسانس چھُ یِیمہِ بُترأژ ہنز وزوٗزأژ منز سارِوے
کھوتہٕ تھوٚد درجہٕ یا ریوأیتی سوٗنچہٕ مطأبق اِنسأنی زٔنم چھُ منٕصس خبرٕ کتھو
زٔنمہٕ پھٔرِ بوٚ پتہٕ میلان تہٕ اَمہِ انسأنی زٔنمُک مقصد تہٕ مداچھُ خودشنأسی تہٕ تہٕ
خداشنأسی تہٕ یتھ اِنسان آواگمن کہِ ژٔکرِ نشہِ آزاد سپدتھ ہیکہِ ۔ یی چھُ
یِیمہِ ریشی وارِ ہندین ریشین ہُند رُت پأغام ۔ اماپوٚ زیوٚ دوے یہِ انسأنی
زٔنم تہٕ کأنہہ شخص اعمالِ بدن منز ضایہ کرِ یہِ چھُ تٔمسندِ باپتھ بوٚڈ سانحہ ۔ تیلہِ
چھےٚ نہٕ تس تہٕ بےٚ زوٗ جمادأتی دُنی یہچہٕ کنہِ درمیان کہنی تہٕ فرق ، تکیاز زِ کُنی تہٕ
چھےٚ اژبتھ تہٕ زمانہٕ مکانہٕ کوٚپننہِ وجوٗدٕ کہِ شوٚعوٗرنشہِ محروٗم ۔ توے چھُ
کُنی بناوُن یا کُنہِ منز تبدیل گژھن بوٚڈ سزا اُیس لوٗکن ہُند باپتھ
بأعث عبرتھ تہٕ چھُ ۔

ٲڈھِ تہٕ ـُہ کرنہٕ تَمن کُنہِ باپتھ چورتہٕ ۔ سُہ یہ کرِ تہٕ کرِ رُتے ۔ کٲشرِ منز مروجہٕ تہٕ مقبۄل اکثر لُکہٕ کتھن منز چھُ اہم کردار تکلیفو تہٕ مصیبتو منزٕ گُذرِتھ اٚخرس پٕرژر پزاوان ۔ دِیہ پٕرژرس پٔتھ پۄرٕ یژھ تہٕ پَژھ آسنہٕ سبٕہ چھےٚ اکثر ڈلیلہٕ خوش یِٚنس اندس پٔتھ واتان ۔ کٲشرِ ریوٲیتی سوٚنچہِ مطأبِق چھُنہٕ موتھ امکاناتن ہُند خاتمہٕ بَلکہِ چھُ یہ نوٚین امکانن ہُند آغاز ۔ مثلن ہی مال نأگراے کتھہِ منز چھُ موتے یِہُندِ وصلُک وجہ بنان ۔ یِہے تراے چھےٚ بیٚیہِ انداز اکہٕ نندنس منز تہِ ۔ یَتھ اٚسی کٲشرٚن ہٕنز بأطن پرستی ہُند تمثیلی اِظہارتہِ وٕنتھ ہیکو ۔ اکہٕ نندٕن چھُ اکِہ لٹِہ مارنہٕ یِتھ دُبارٕ زندٕ سپدِتھ مأژس ماجہِ باپتھ پوشہِ وٕن بنان ۔ حقیقتھ زانہٕ باپتھ چھُ نفس مارُن لابۄدی مگر نفس چھُ اِنسانس پننس زالس منز تِتھے پأٹھی بند کران یِتھ پأٹھی اولادٕ مُہہ ولان چھُس ۔ اماپوٚز ییٚمی شخصن پنُن نفس کوٚرتھ پنُن پان دُنی یأوی تہٕ نفسیأتی اولۄدٕ گیونٕش مُچھہِ رۄٹ تٔمی لٔب ابدی مسرتھ تہٕ اطمنان تِتھے پأٹھی یِتھ پأٹھی اکہٕ نندٕنی مأجی ماجہٕ جۄگی سُند بول بجأنتھ پنُن اولادسو کھ دُبارٕ حأصل کوٚر ۔

شکلہِ پھیُر یتھ انگریزی پأٹھی ٹرانسفارمیشن یا میٹامار فاسس وَنان چھِ چھُ لُکہٕ کتھن منز عام ۔ یہِ خۄصوٗصیتھ چھےٚ کٲشرٚن لُکہٕ کتھن منز تہِ کُنہِ نظرِ گژھان ۔ لُکہٕ کتھن منز چھےٚ اَتھ مختلف صوٗرژ ۔ اماپوٚز تفصیلن

# لۄکہٕ بأتھ تہٕ جِنسی رٕوِیہٕ

یتھ موخصر مقالس منٛز چھِنہٕ میٲنؠ مقصد تہٕ مُدا تِمن دوٚکھن، دولابن تہٕ مسرت تہٕ شادمانٛین ہِنٛدبن ژِہمن ہُنٛد للہٕ کھوٚل کرُن یِمن دوران سأنؠ لۄکہٕ بأتھ تھنہٕ پیوان چھِ بلکہٕ چھُ میٲنؠ مقصد تِمن دوٚن رٕوِیَن کُن اِشارٕ کرُن یِم یِمن لۄکہٕ بأتن منٛز جِنسہٕ پھیرٕ چہٕ بُنٛیأز پٮ۪ٹھ بڑوٗنہِ کُن یوان چھِ۔ ییتی چھُ یہٕ وَنُن تہٕ ضروٗری زِ لفظہٕ ''جِنس'' چھُ مےٚ گرٛامری اِصطلاح رٕنٛگی ورتومُت۔

لۄکہٕ بأتن ہِنٛدی یِم مختلف رٕوِیہٕ چھِ یہٕ زِ صِنف نوزُک چھُ یُوٚیأٹھی ''گُفتار پسند'' تہٕ صنفِ ثقیل چھُ ''دیدار پسند'' یانے اکھ چھُ وَنُن تہٕ بوزُن یژھان تہٕ بیاکھ چھُ وُچھن یژھان۔ دوشوٕنٛی جِنسن ہِنٛدی یِم بیٚون بیٚون رٕوِیہٕ چھِ خاصکر تِمن وژنن منٛز ٹاکارٕ یِمن أسی لولہٕ وژُن وَنان چھِ۔

بہر حال کأشرس منز چھ لُکہِ کتھن ہُنْد اکھ جان ذٔخیرٕ یتھ منز سانہِ پتھ کالکہ تہٕ سانہِ سوٚنچکہ تہٕ نفسیاتکہ مختلف رنگ جلوٕ گر چھِ ۔ یتھ مقالس منز یمن سارِنے رنگن ہِ احاطہٕ کرُن چھ مشکل تہٕ بقولہِ شاعر

ورق تمام ہوا اور مدح باقی ہے
سفینہ چاہے اِس بحرِ بیکران کے لیے



رۄدی مُتۍ۔ یہِ کتھ چھےٚ غور طلب زِ یتھی ہوِی رجحان ماچھِ مُخالِف جنسہٕ
ہنٛدِس لاشعوٗرس منٛز مردٕ ہنٛز تشنہٕ لب نظرہنٛدِ احساسُک نتیجہٕ۔ مردٕ ہنٛدِ
اَمی جذبأتی جُکاوٕ موجُب چھُ شاید دُنی یہکھو اخلاق پسند تہٕ یوصنف نوزکس
در پردٕ روزنہٕ باپتھ پھِری پھِری تلقین کوٚرمُت۔ یتھے پأٹھی چھےٚ کینٛژن
نفسیأتی ماہرن ہنٛز راے زِ صنف ثقیلس مقابلہٕ چھےٚ مُخالِف جنس
افسانوی تہٕ رومأنوی مواد پرنَس منٛز زیادٕ دِلچسپی روزان تِکیازِ کینٛژن
صوٗرتِ حالَن منٛز چھُ تَسنٛد حِض پرٛاوُنک ذٔرۍ رٔوسیلہٕ قوت سامع یێلہِ زن
یتھبن صوٗرتِ حالن منٛز مردَپننہٕ بصری حسہٕ ذٔرۍ حِض پرٛاوان چھُ۔
عوام الناسچہِ تخلیقہٕ لُکہٕ ادبہٕ برٛونٛہہ یموٚ أسۍ فردٕ ہنٛز تخلیقہٕ یانے
"تخلیقی ادبس"، کُن محض یہِ سرکھ کرنہٕ باپتھ زِ دون جنسن ہنٛدی یم وکھ
وکھرٕ رٔوی یہِ چھِ تخلیقی ادبس منٛز تہِ آمتۍ۔ أسۍ نموپننہٕ شأعری ہنٛز زٕ مثالہٕ
یم بیمہِ صٔدی ہنٛدبن دون نُمایندٕ شأعرن ہنٛدی کلامہٕ منٛز چھِ

ژلہٕ لارِ دُچھمکھ حالہ وٚنہے وارِ دُچھہے روے
گلہِ زیوٚمے گیٚم اوش ووٚتھم دئرایہٕ وٚنے کیا

کتھ کتھ وٚنی نم لوہ تےٚ شال
انگ انگ دُچھمس سیمٕنی چھ

گوڈنیُک شار چھُ مجبور سُند تہٕ اَمیُک شارٕ کردار چھُ مونث تہٕ دوٚیم
چھُ رأہی سُند تہٕ امیُک شارٕ کردار چھُ مُذکر۔ گوڈنکہِ شارٕ کِس گوڈنکہٕ ہے

یقین چھُ یہِ وُنن تہٕ ضروری زِ نفسیاتی رُوِ ین ہُند یہِ پھیر چھُنہٕ چھراسانہٕ لُکہٕ شاعری ہُند خاصہٕ بلکہِ چھُ یہِ پھیر تخلیقی شاعری منز تہٕ ییتہٕ ہوتہٕ دزِ یتھی گوھان۔ یہِ تہِ چھُ صحی زِ یہِ رُوِ یہِ پھیر چھےٚ نہٕ صرف ادبچ خوصوصیتھ بلکہِ چھُ یہِ سانہٕ زندگی ہندِ بن کیٚنژن صوٗرت حالن منز تہٕ کارفرما۔ چنانچہِ ادب یا لکہٕ ادب چھُ فردٕ وٕ ڈسی تخلیق سپدان تہٕ امہِ موٗجب چھےٚ اَتھ منز اِنسانی نفسیاتچ تہٕ زندگی ہنز عکاسی لابُدی۔ یوہے وجہ چھُ زِ لُکہٕ بأتن چھُ باضے قدیم کالہٕ پیٹھچ آدمی وونٔدن ہنز خو دوو پزٲ وی موسیقی تہٕ ونہٕ آمت تہٕ باضے لوٗکہٕ میچ شارٕ تخلیق تہٕ۔

بہر حال یوٗ دوٚے دوشوٗنی جنسن ہندِس بُنیأدی نفسیاتس منز ہشر چھُ، تہٕ گرِتھ تہٕ چھےٚ سانہِ سماجی زندگی ہنز کینہہ حقیقتہٕ یم یتھ مقالس منز زیر بحث خیالس در بر بخشان چھےٚ۔ مثلن عام وٕچھنیہِ موٗجب چھُ "حُسن" تہٕ "خوبصوٗرتی" سہٕ گون ییمیٚک تولق واریاہ حدس تام اِنسانہٕ ہندِس بصری حبسس ستی چھُ تہٕ یہِ چھےٚ اِنسانہٕ سنزِ امی بصری حسچ کارفرمائی زِ مردن ہنزِ پیٹھو ولی ہندِس یتھ دُنی یہس منز چھُ مختلف تہذیبو پتہٕ وَتہٕ پیٹھ صنف نوٗزک ییمہِ دُنی یہک حسین ترین وجوٗد قرار دِتمت تہٕ یہِ وُنن گژھہ نہٕ غلط زِ یہِ خطاب چھُ مردٕ سندِ "دیدار پسند" مزاژُک نتیجہٕ۔ یتھے پأٹھی چھِ فیشن پرستی تہٕ جسمانی نُمائشہٕ ہندی صلہٕ زیادٕ پہن صنفِ نوٗزکس ستی وابستہٕ

سأئنس لُکہٕ رَسس منٛز چھےٚ اَکھ ؤبٕز صفأتی ترکیب ''شانٛڈٕ گنٛدی طوطہٕ''۔ اَمہِ ترکیبہِ ہنٛدِ مانہٕ مفہوٗمٕچ وبڑھنَے کرٕنٛچ چھےٚ نہٕ ضروٗرتھ۔ تہٕ وکھناوُنہٕ ورأیی ہبکو وٕنِتھ زِ یہِ صفأتی ترکیب چھےٚ سأئنس سماجس منٛز گُفتار پسنٛدی ہنٛز نِسوأنی خوٚصوٗصیٖتھ مدِ نظر تھأوِتھ سٹھاہ مُناسب۔ صنفِ نوٗزُک ہنٛز وٕنٛجہٕ تہٕ بوزٕنٛچ تہٕ مردٕ ہنٛز وُچھنٛچ تگ دَو چھےٚ سانہِ لُکہٕ شاعری منٛز تہِ سرٕنیٚ تہٕ گنیٚ پأٹھی لبنہٕ یِوان۔ پٔزٕر چھُ یہِ زِ اَمہِ شاعری ہنٛدٕ بن لولہٕ نغمن ہنٛدِ خأہشن تہٕ امارن ہُنٛد یہِ مأری موٚنٛد دُنیا یاہ چھُ یمنٕے دون مرکزن أندی أندی آبادتہٕ الگ الگ جنسن ہنٛد یہِ الگ رو.حانےٚ چھُ یمن نغمن ہنٛزِ اَتھ لولہٕ باوٕژ رنگ آمیزی تہِ بخشان۔ چنانچہِ دوٚشوے رو.حان چھِ وکھٕر وکھٕر محورن أنٛدی أنٛدی یٖیمہِ کِنیٚ اَتھ شاعری منٛز یمن دوٚشوٕنی رٕوی یَن یارو.حانن ہُنٛد میٖل سپدنہٕ بجایہِ بِکھراو سپدان چھُ تہٕ یوہے بِکھراو چھُ اَتھ منٛز ہجرٕ وصلکہِ دوکھک تہٕ کرٛیشنُک نہٕ ختم سپدن والہِ سلسلُک موٗجب بنیومُت تہٕ کُنہِ حدس تام چھُ امی رٕوی یہِ بنیو کِنیٚ یہِ لولہٕ جذبہٕ بےٚ اولُوٕدتہٕ بنان۔ چنانچہِ یمن لولہٕ نغمن منٛز چھُ ارضی لولُک سیٚد سیٚود اِظہار۔ اماپوٚز یہِ لولہٕ باوَتھ چھےٚ نہٕ وٕسی پایہِ یا بازأری۔ امیُک ہوانواچھُ سانہِ ادبٕچہِ عشقہٕ شاعری ہنٛدِ اکہِ رنگہٕ نِشہِ تہٕ ہنابدون۔ خاصکر چھُ یہِ تِمن لُکہٕ بأتن متعلق صحی یمن منٛز عاشق موٚنث چھُ۔ تِتھین وژنن منٛز چھُ عاشق معشوق سُنٛد

مِصرس منز چھُ امیک شارٕ کردار دوٚن ہمسوسن ہُنز باوتھ کران ۔ اول یارس حال وننک تہٕ دوٚیم سُہ وارٕ وُچھنک ۔ عیاں چھُ زِ اُمِس نِش چھےٚ گوڈٕ انوٲری حال باوُنس نزٕ وارٕ وُچھنس ۔ دوٚیمس مصرس منزٕ تہٕ چھُ بولنچہٕ قووٕژ ہُند نالگہاٲر سپدن اُچھن ہنزِ حالتِ زارٕ بروٚنہہ باونٕہٕ آمٕت ۔ چنانچہ شارٕک عاشق چھُ مونث اَمہِ موٗجب چھےٚ اُہنزِ خاہشہِ تہٕ ترجیحہِ تہٕ پننہِ جنسہٕ مُطابِق ۔ دوٚیم شار چھُ دوشوٕنی جنسن ہُند بیوٚن بیوٚن وُطیرٕ زیادٕ ٹاکارٕ پاٹھی بروٚنہہ کُن انان تہٕ یہٕ چھُ دوشوٕنی جنسن ہنٛد عمل تہٕ ردِعمل حسلبہٕ ۔ یانے مُذکرکرِ دارٕ سنٛز بصری حِسیچ عمل یِیتہٕ گوڈٕنکس مِصرس منز باونٕہٕ آمٕژ چھےٚ تتہٕ تتہٕ چھےٚ دوٚیمس مصرس منز مونث کردارٕ سنٛزِ ونن تژ اے عیاں سپدان ۔ سائنس تخلیقی ادبس منز چھےٚ یمن مخصوص جنسی رُوِیَن ہنٛز وارِیاہ مثالہٕ ۔ مثلن سانین لولہٕ مثنویَن منز چھےٚ سراپا نگاری ہنٛز کیٛہہ مثالہٕ یمن منز مرد کردارن ہنٛدِ ذٔسی زنانہٕ کردارن ہنٛد رنگ روٗپچ خوٗبصورتھ تصویر کشی کرنہٕ آمٕژ چھےٚ ۔ یمن منز چھےٚ نہٕ تِتھن مثالن ہنٛز کمی تہٕ یِیتہٕ زنانہٕ کردارو ہجرٕ کنن حاٲری ثاتن تہٕ حسرتن ہنٛز اثر آموز باوتھکاری دوران پننہٕ گفتاری مزاژ چ برپوٗر عکاسی کرمٕژ چھےٚ ۔ تتھے پاٹھی چھےٚ روسُل میرٕنی شاعری مردلنہٕ شخصیو ہنٛدِ وُچھن حسبکہِ تژرچ تہٕ تژرچ ٹاکارٕ مثال تہٕ حبہٕ خوتونہِ ہِندی سنہٕ وٕنی آلوچھ نسواٗنی شخصیو ہنٛدِ گفتار پسندی عاٗنِ مُطابِق ۔

۶۔ دِلہٕ بوزبہٕ وٕنۍ گِلہٕ ماشوقو          گِلہٕ ماشوقو

ہیٚرِ کنہٕ دِنہٕ آمژ پرٛتھ کُنہٕ شارٕ مثالِہ منٛز چھُ اکہٕ نتہٕ بیٚیہٕ رنگہٕ اَکھ جذبہٕ غالب تہٕ سہ چھُ یہِ زِ شارٕ کردار چھُ پنٕنۍ گدرُن ہٮ۪ن یا ژیٚنۍ ژرژُن باوُن یژھان۔ یانے یِمن شارن ہُند کردار چھُ پننۍ آزادی باوژ ہنٛز آزادی تہٕ عاشق پننہِ لولُک تکمیل پننہِ آزادوٕنُد باوژ منٛز وچھان۔ اماپوٚز مردٕ سُنٛد رو جحان چھُ امہِ نِش مختلف۔ تٔمسٕنٛز دِلچسپی چھےٚ وکھرٕ۔ تٔمسٕنزِ لولہٕ بوچھہِ ہُنٛد تسکین چھُ اَتھ برعکس تٔمسٕنٛدِ وُچھن حبس دٕسی ممکن۔ مثلن وُچھتو یِم کیٛنٛہہ شارٕ مثالہٕ یِمن منٛز مرد عاشقہٕ سُنٛد یہِ وُچھن حبس ٹاکارٕ چھُ۔

۱۔ منٛگی          ذاٗتس          تار          ہاژ نیے

ناٚلی اطلاس چھےٚ ہاژ نیے کھاٚلی مالہٕ کیا چھےٚ شوٗبان

گٹہِ منٛز چھکھے کاژ زوٗن نُنیے ............

۲۔ ہیٚر ہیٚرے کھتی عاشق نیری نہٕر لُتی یے

وٕتھی ترٛ اوتے دارٕ پنٛجر پان ہاوتے لُتی یے

۳۔ گرٛ پسی کوٗری خسنٛچ پرٛی یے لو          گامہٕ اندرِم شامہٕ سوٗنٛدری یے لو

۴۔ اتھہ ناٚلی تنٛس واٚلی کمیٛ ژٕنے کھاٚلی یے          تتھ پٹھ کُمر بوچھی ہیرٕ نتی اٚلی یے

کھسہٕ وُن یوٗن خلصہٕ اطلاس ناٚلی یے          کیاوٗ ریوٗرے پرٛی مےٚ ترٛاوٕ گاٚلی یے

یِمن شارٕ مثالن ہرگاہ وارسو اکھ کتھ چھےٚ بروٗنٛہہ کُن یوان۔

رِشتہٕ سماجی قدرن ہنٛز پٔینٛز وونہٕ مُطابق۔ تتھ منٛز سماجی قدرن ہُنٛد ہ سنسر برسرِ پیکار چُھ۔ یانے یہِ لول چھنہٕ محض عاشق معشوق سُنٛد لول بلکہِ چھُ یہِ دون بأژن ہُنٛد لول۔ وۄنۍ گوتمِ وژن پیٚتہِ عاشق مرد چھُ تمن منٛز چھنہٕ یہِ لول دون بأژن ہُنٛد لول روزان ئلکہِ چھُ یہِ پنہِ لوتہٕ وأے انٛد ازِ بیانہٕ باوجوٗد تہِ عشقیہ شأعری ہنٛز سرحد مانٛڈان۔ دوشوٕنی درمیان یہِ تفاوتھ چھےٚ دِلچسپ تہٕ تہٕ غور طلب تہِ۔ ممکن چُھ زِ امہِ تبدیلی ہنٛدی وجہ ہکو أسی تتھ سماجی ڈانچس منٛز لبتھ یتھ منٛز مردٕ سنٛز پیٹھوٗلی رٕوٗزمٕژ چھےٚ۔

بہر حال کتھ چھےٚ دون مختلف نفسیأتی رٕویَن ہنٛز۔ یہِ کتھ سپدِ شارٕ مثالوٕ ستی زیادٕ واضح۔ گوڈنیتھ نی توَتمِ کیٛنہہ مثالہٕ یمن منٛز عاشق زنان چھےٚ۔ وُچھتو یمن شارٕ مثالن منٛز کیا ہمسوسہٕ چھُ عاشقس یا شارٕ کِرداریس

| | |
|---|---|
| ۱۔ سُمٕ تو وِگنو رٕوٗ وہے کرو و | مستوٗ ری وہنے ژھایے لولو |
| ۲۔ اتھہٕ ترٛ أوی تُون جاناوار | پھیرِ باغس کرِ گفتار |
| یہِ چُھ نغمن ہُنٛد تن دار | اتھہٕ ترٛ أوی تون جاناوار |
| ۳۔ روزٕ بیدار پوشہِ نوٗلو | بوزِ وِگنے رووِیے |
| ۴۔ نجدٕ کے مجلوٗنہٕ بوز میأنی زار | لولہِ منٛز بہٕ کرے گوٗرٕ گوٗرٕ لولو |
| ۵۔ گرٛ اون گن تھاو یاون ژوٗ رو | یاون ژوٗ رو |
| وتہِ پنہٕ ڈلہم دِپنے ژوٗ رو | یاون ژوٗ رو |

اُستھ یُیمہٕ مؤجب مذکر عاشق یا معشوق حُسن تہٕ ماری منٛز رُوچھن تہٕ پھرِ ی پھرِ ی وُچھن یژھان چھُ ۔ یُیمہٕ کتھہِ ہُند احساس چھُ مونث عاشقس تہٕ زِتَنُد امہاری حُسن ہیکہِ مذکر معشوقس آسانی سان پانس کُن متوجہ کرِتھ۔ یہِ تژ اَے چھےٚ لُکہٕ باتَن ہندبن باقے رنٛگن منٛز تہٕ مثلن یِم وَنون ہُری وُچھو ۔

۱۔ پوٗرِ یِیلہِ گوھکھو ژھِنیٛ کنی دار چھے
تھی اندر ہار چھے شولہٕ ماران

۲۔ آنگنس سانس گولاب ٹُھری یے
ژِ ہسا اُمی پرٗ ی یے تمبلوُ وکھ

دون بیٚون بیٚو ن رٕ وِیَن منٛز عکاسی کرن والین یِمن لولہٕ وژنن چھِ پانہٕ وانٛنی کینہہ پھیرِ تہٕ درٛیٖٹھی گوھان ۔ مثلن دیدار پسندی منٛز عکاسی کرن والین باتن منٛز چھےٚ اکہِ لوتہٕ وا ے اندازٕچ پیکر نگاری زیادٕ پہَن ۔ اَتھ منٛز چھےٚ حُسن یا حُسنس متعلق تصورس مورٗضن ستی مشابہتھ دِنٕچ عمل غالِب یَس دویمہِ ورگہٕ کین باتن منٛز اَتھ مقابلہٕ کم پہَن چھےٚ ۔ تہٕ چھُ اَتھ مقابلہٕ سیٚد سیٚود جذبہٕ باوتھ۔ گوڈنِکہِ قسمہ کین باتن منٛز چھُ شارت ووتلاونہٕ باپتھ زیادٕ پہَن دٔخل تخیٖل کِس عُنصرس۔ یِیلہِ زن دویمہِ تژ لیہِ ہندبن باتن منٛز جذبن منٛز شدٗژ دِسی شارت ووتلاونٕچ کوٗشش

یانے یمن منز چھُ عاشقہٕ سُنٛد اند ازِ بیان تأریفی ۔ اما پوٚز یِہ چھُنہٕ ئلی ۔ بلکہِ چھُ اُمِس مرد عاشقس یِیمہِ کتھِ ہُنٛد احساس زِ تٔسُنٛد مونث معشوق چھُ تأریف بوزُن یَژھان تِکیازِ بوزنُک حبس چھُ تٔسنٛدِ باپتھ حِض پزاوُنُک اَکھ فطری وٗسیلہٕ ۔ تہٕ سراپاہکی تأریف کرٕنی چھِ تٔسنٛدِ باپتھ اَکھ آسان تہٕ کارگر وٗسیلہٕ ۔ یِیمہِ موٗجُب زِ صوٗرتھ چھےٚ تشخیٖصُو ہُنٛد سُہ پٔتھے بانٛک پہلو یَتھ اُسی تأریف گرِتھ ہکو ۔ سأنِس لُکہٕ ادبَس منز چھےٚ عاشق معشوق ہنٛز تصویر کأری ''ہارِ تہٕ طوطہٕ'' ہنٛز شکلہِ منز کرنہٕ آمٕژ ۔ شاید چھُ وجہ یِی زِ مونث عاشقس چھِ پننہِ تأریف بوزنَس منز یِہ ان تہٕ طوطہٕ ونہِ تی یِہ سُہ ہیچھناونہٕ ییٖہ ۔ یاورگہٕ پأٹھی یِہ ہأر بوزُن یَژھ ۔ یِہ پزٕ رہکو اُسی بُلبُل پوشہِ نول، بوٚنُر بیٚترِ علامتی لفظن متعلق تہٕ پرکھأوِتھ ۔ سانین یمن لولہٕ وژنن منز چھِ ہأر، یمبرزَل، گُل، کوتر، مسوَل تہٕ اَچھِ دأر بیٚترِ ہوِی مُختلف سیٚدی سادٕ تہٕ وبدی لفظ اِستعارَو تہٕ علامژ رنٛگی ورتاونہٕ آمٕتی ۔ یمٕ دوَے اُسی ژھوٚتھی سأری لفظ چھِ شیٖرتھ پرتھ تہٕ خوش شکل مونث عاشق یا معشوقہٕ ہنٛز تصویر برونٛہہ کُن انان ۔ حالانکہِ نہ چھُ ہارِ ہُنٛد چرِی گیٖش متوجہ کرنس لایکھ تہٕ نہٕ چھےٚ اچھِ دأر بول چالس اہل ۔ یوٗہے حال چھُ یمبر زلہِ یا مسولہِ بیترِ ہُنٛد ۔ تہٕ گرِتھ تہٕ چھُ یِہُنٛد ورتاو مونث معشوقہٕ ہنٛز تصویر کأری کرنہٕ باپتھ پھِری سپُد مُت ۔ امیُک وجہ ہیکہِ سُے مردلنہٕ نفسیأتی زٕ وِی یِہ

زٕوی یہِ اکہِ بدل آیہِ کارفرما ییٚمیُک تصوٗر یہِ کوٚرذہنی سوٚتھرس پیٹھے کران چھےٚ۔
چھیکرس چھےٚ یہِ کتھ تہِ وٕنٛنۍ ضروٗری زِ دوٚشوٕنی جنسن ہٕنٛدېن ییٚمن
زٕوِیَن درمیان چھےٚ نہٕ کانٛہہ تہِ حتمی حد بندی۔ یانے کُنہِ وِزِہیکہِ یہِ اَکھ
أکِس ہٕنٛزِ سرحدن منٛز تہِ دأخل سپدِتھ۔ وٕلٕں گوٚغاأِلب رو۔حجان چھُ یی زِ
ییٚتہِ ییٚتہِ أسی ییمن لولہٕ وٕژنن منٛز دوٚشوٕنی جنسی زٕوِیَن ہُنٛد مسٔ میٖل
وُچھان چھِہ نسوأنیتھ چھےٚ گُفتأری ژراے تہٕ مردأنیتھ چھےٚ وُچھن بوٚچھہِ ہنٛز
ژراے رٹان یانے أکِس منٛز چھےٚ وٕنٛنۍ تہٕ بوزٕنٛچ کل تہٕ بیٚیِس منٛز بصری
حِسٕچ ووتھ ژھاٹھ۔



دِژیٚٹھۍ گوٚھان چھِے۔ گوڈنِکہِ قسمہِ کیٚن باتن منٛز ییٚتہِ مُخاطب سٕنٛز شخصیتھ بروٚنٛہہ کُن اَنٛس پیٹھ زیادٕ زور چھُ تتہِ چھُ نسوانی رٕوی یہِ چھِ شاعری منٛز متکلم سٕنٛز شخصیتھ بروٚنٛہہ کُن اَنٛنج زیادٕ کل۔ یہِ پھیٖر چھُ یہنٛدس اُسلوٗبس تہٕ لفظ ورتاوس منٛز تتہِ ٹاکارٕ۔

لُکہٕ باتن ہُنٛد غالب عُنصر چھُ اَمِچ جذبل لےَ تہٕ موسیقیتھ۔ یہِ چھُ کاشرِ بن لُکہٕ باتن مُتعلق تہِ صحی۔ بامے سُہ نسوانی لہجہِ آسہِ یا مردانہٕ لہجہٕ یِم خصوٗصیژ چھِے دوشوٚنی لہجن منٛز پننہِ پننہِ رنٛگہٕ وزٕ۔ بلکہِ چھُ کُنہِ کُنہِ اَتھ شاعری منٛز جنسی رٕوی یَن ہِنٛدِ نبرل ورتاوٕ ڈیٖسی اَکھ سنہٕ وُن توثرتہِ ووتلاونہٕ آمُت۔ مثلن نی تون یہِ ہکچہِ باتھ

رینٛزس گنٛدم رینٛزس گنٛدم     بین اوٚنم بازرے
شیشے دارے پانے لویم     رُم گیہِ شیشس ہتے ہاے
بب ہے دپیم یہِ کیا کوٚرتھ     بہٕ ژھوپہٕ ژھوپے پھرس چاے

یہِ گنٛدن باتھ چھُ نہٕ صرف کاشرِ بن ہنٛز چاپہٕ ہنٛز مالے ہاوان بلکہِ چھِے اَتھ منٛز اَکس سادٕ لوحَ تہٕ معصوٗم کورِ ہنٛز تصویر تہِ بروٚنٛہہ کُن یِوان یَس پننہِ اترِ کِنۍ وسوسن تہِ اندیشن منٛز ہبنہٕ آموٚ چھِے یمونش یہِ چھیکرس پُنن موکلن پاے ژھوپہٕ منٛز ژھاران چھِے۔ وۄن گو اَتھ ژھوپہِ درپردٕ تہِ چھُ پُرژھہِ گارتہٕ جواب طلبی ہِنٛدس صوٗرتس منٛز مُلہٕ تلہٕ وننگ تہٕ بوزنٕک

مسلہٕ چھِنہٕ صرف گریرسنس مطالعس منٛز بلکہِ چھِ اکثر یوٗرپی عاؔلم اَتھ منٛز ہینہٕ آمِتی ۔ تِمن دٕہن کاشُر زبانؠ ہُنٛد کانٛہہ تہِ اَکھ مقبوٗلہِ عام رسم خط نہٕ آسنہٕ سبب اوس پرٛتھ کانٛہہ یوٗرپی ، رومن اچھرٕل ہنا شیر ژٲرِ کرِتھ پننہٕ طرزِ تحریر خاطرٕ ورتاوان ۔ امیُک وجہ ہیکہِ یتہِ اَستھ زِ کاشُر زبانؠ اوس نہٕ گوڈٕ پیٚٹھے کانٛہہ تہِ گرامر جامع صوٗرتس منٛز لیس یہِ زبان ہیچھناونس منٛز اتھہٕ روٗٹ کرِ ہے ۔ اہٕشر کول سُنٛد گرامر یوٗ دوے اوس تہِ سُہ اوس سنسکرتس منٛز تہٕ تِمی سُنٛد طرزِ تحریر بروٚنٛہہ کنہِ آسنہٕ باوجوٗد تہِ چھنہٕ کاشرو لِکھاربو اَمہِ حسابہٕ کانٛہہ کوٗشش زِ نِہنٛنی تہِ کرمیٚژ گریرسن چھُ اوے ژکھہِ ہوٗت وتان ۔ ( گریرسن ۱۹۱۶ص ۳) زِیٚنتہِ چھُ پرٛتھ کانٛہہ عاؔلم پنُن قونوٗن پانے مرتب کران ۔

بہر حال گریرسنن تہِ چھُ کاشرِ زبانؠ خاطرٕ رومن اچھرٕل ورتومُت تہٕ کاشرِ زبانؠ ہِنٛدی چھِ تِمی ۲۷ واولہٕ تہٕ زِ دواولہٕ (Dipthong) یِدِ کٔڈی مِتی یہِ چھُ پٔزی پٲٹھی اَکھ نِوٚٹھ فہرست یوٗ دوے یِم سٲری واولہٕ الگ الگ فونیم مانہو کھتیلہِ آسن کاشرِ زبانؠ ہشہٕ دُنیہس منٛز کیٚہ زبانہٕ یِمن پننس وسیع واولہٕ سسٹمس پیٹھ فخر آسہِ ۔ مگر ژکہِ چھنہٕ گریرسنن مقصد کاشرِ زبان پننہِ واولہٕ گُنجارِ کنہٕ نیشہٕ ناوِنی بلکہِ چھے یہِ کیٛنٛژھاہ تِمی ہنٛز غفلت تہٕ کیٛنٛژھاہ تِمی ہِنٛدٕ بن وتہٕ ہاوکن ہنٛز ۔ بقولہِ مور جنسٹرین سبٹھاہ بروٚنٛہہ کالہٕ پیٹھہٕ چھِ ہندوستانؠ صوتیاتی ماہر پننہِ نوٗزکتہِ بارِیکھ مشاہد سببہٕ مشہور

## کأشرِ زبأنی ہُنٛد گرامری مطالعہٕ تہٕ

# گریرسن

یِمہ مقالُک مقصد چھُنہٕ کأشرِ زبأنی ہٕنٛدس گرامرس متعلق گریرسن سٕنٛدین کامیٛن ہُنٛد کأنٛہہ مفصل جأیز، بلکہِ چھُ میون مقصد تِمن کینٛژن نوقطن کُن پرن والین ہٕنٛد توجہ پھِرُن یِم اَتھ مطالعس منٛز بحثی یٖتہِ کوتأہیہِ درٛیٖنٛٹھی گوٚھان چھےٚ یا زِ یِم توجہٕ طلب چھےٚ۔

لسأنی وضاحژ چھےٚ رِوایتی طور ترٛٚن شعبن منٛز بأگرنہٕ آمژ۔ گوڈنیک بأوژہٕنٛدی مأدی ذٔریعہِ یعنے طرزِ تحریر تہٕ املا بیٛترِ۔ دوٚیِم گرامر یعنے مارفالجی تہٕ نحو بیٛترِ تہٕ ترٛیِم لوغات سأزی۔ گریرسنن چھےٚ یِمن ترٛیشوٕنی منٛز قلم آزمأیی کٔرمژ۔

اَتھ سأری ہے کامہِ سام ہینٕہٕ پتہٕ چھِ اَسی یِتھ نتیجس پٕتھ واتان زِ امیٛک بوٚڑ حصہٕ چھُ طرزِ تحریرکی مختلف گُھری تہٕ مسلہٕ اَنزراونس کُن لوٚگمت تہٕ تحریری کھوچرتہٕ املأیی بےٚ سوٚمبر چھُ تہِ کٔرِتھ تہٕ اَتی رُد دمُت۔ طرزِ تحریرکی یِم

لفظن منٛز چھُ او، واوبل ۔ یتھے پأٹھۍ چھِ گریرسنن ''e'' تہٕ ''ê'' واوبل دِتی مٕتۍ ۔ بعضے چھُ یِہنٛد ورتاو ''اے'' تہٕ '' ے'' آوازن ہنٛد خأطرٕ کرنہٕ آمُت اَمابوٚ زٕ بعضے چھِ دوشہِ وَ ے ''ے'' بدلہٕ ورتاونہٕ آمتۍ تہٕ بعضے چھِ اکھأ کِس بدلہٕ تہِ ورتاونہٕ آمتۍ ۔

ماتراواوبل چھِ یوٗرپی عالِمن ہنٛدِ بحثکۍ اہم موضوٗع روٗدی مٕتۍ ۔ گریرسنن چھےٚ مینولس تہٕ باقٕے تصنیفن منٛز یِہنٛز ذِکرِ وِزِ وِزِ کرٕ مُت ۔ کأشر زبأنۍ ہنٛزن آوازن یاواوبلن ہنٛز چھُ سہ ترٛنے صوٗرژ مانان ۔ اَکھ سبٹھے ژھوٚٹ، دوٚیم ژھوٚٹ تہٕ ترٛیم زٕ ہتھ مثلن گریرسنٛنی طرزِ تحریر مُطأبق ۔

(۱)za (۲) akh (۳) pan

گوڈنچ ژھوٚٹ آواز چھےٚ ماتراواوبل ۔ گریرسن چھُ ونان ( گریرسن ۱۸۹۶ ) زِ یوٚ دوے یَم یتھ پأٹھۍ غأر اہم باسان چھِ مگر خاپے کانٛہہ کأشُر لفظ آسہِ تیٚتھ یتھ منٛز نہٕ یَم موجوٗد آسن یا یِیلہِ نہٕ یِہنٛدِ ذٕسی لفظن ہنٛز گردان سأزی دوران یا گرامری تبدیلی دوران لفظس منٛز آوازٕ پھیرٕ سپدان آسہِ ۔ بقولہِ گریرسن چھِ یَم ماتراواوبل کُنہِ لفظچ آواز تیٚتھے پأٹھۍ مُتأثر کران یتھٕ پأٹھۍ انگریزی لفظ ''e'MAT' جورنہٕ سٕتۍ MATE بنان چھُ ۔''e'' واوبلہ سٕتۍ سپٕز ''a'' واوبلچ آواز مُتأثر مگر ''e'' چھُ پانہٕ خاموش ۔ یہِ آو برونہے وننہٕ زِ گریرسنن اکثر کامبن ہنٛز بُنیاد چھےٚ شبدھ امرہت یتھ منٛز اپنٛر کولن ماتراہن

اَسی مِتہ۔ یِم ہناتہٕ صوتیاتی پھیرٕ ہاونس منٛز پنٕنہ مہارٔ ژھُنٛد ہاو باوکرنس منٛز تفریح محسوس کران اَسی۔ شاید چھُ امی عادتہٕ کِنۍ اَکثر کولن تہٕ پنٕنہ کامہ منٛز کوٚدٕ کأکی ہأوِمٕژ ہتہٕ پأٹھی چھےٚ تِمس تہٕ کأشرِ واوِلو پتھٕ نظر ڈٲجمٕژ تہٕ امیک اثر چھُ برابر گریرسنٛس مطالعس پتھ تہٕ پیومُت۔

اسی نمو گریرسنٛنہٕ فہرستہٕ منٛز کینٛہہ مثالہ یِیمہٕ ستۍ یہ عیاں سپد زِ اَکے آواز چھےٚ مختلف واوِلو ستۍ ہاونہٕ آمٕژ۔ مثلن نی تو "ŭ" تہٕ "ă" واوِل۔ گریرسن چھُ "ŭ" واوِلس متعلق ونان زِ ہندوستأنی زبانن منٛز چھُنہٕ یتھ کانٛہہ تہٕ واوِل۔ یہ چھےٚ اَکھ مخصوص کأشر آواز۔ اَمیٚ موجوٗدگی چھُ سُہ کُرتھکھ (Kuruthakh) لفظس منٛز ہاوان۔ یہ واوِلس متعلق چھُ ونان زِ کأشرس منٛز چھُ امیک ورتاو کھلہٕ سپدان تیٚژ آواز انگریزی "Hut" تہٕ "Hot" لفظن ہنٛدین واوِل آوازن درمیان چھےٚ مثلن "اُدرُن" (A D RUN)۔ ؤچھی تو دراصل چھُ دوشوٕنی لفظن (کُرتھکھ تہٕ اُدرُن) منٛز "اُ" واوِل۔ مگر گریرسنٛن چھےٚ اَکے آواز دوٕ الگ واوِلو ستۍ ہأوِمٕژ۔ نی تو بیاکھ مثال "ő" تہٕ "ô" واوِل۔ گوڈنکہٕ واوِلچ آواز چھےٚ Promote لفظک دوٚیم "o" ہِش۔ کأشرِ پٕتۍ لفظچ مثال چھےٚ ژور دِنہٕ آمٕژ تہٕ اَمہٕ پتہٕ چھُ "ô" واوِلس متعلق وَنان زِ اَمیٚچ آواز چھےٚ Glory لفظٕکِس اوٚہس "o" ستۍ رلان۔ کأشرِ پٕتۍ لفظچ مثال چھےٚ مول۔ ٹاکارٕ چھُ زِ ژور تہٕ مول دوشوٕنی کأشرٕن

پانس بروٚنہہ واوبلن آوازِ متاثر کرنہِ ۔ سُہ چھُ یمن توٲرٟکھی دلچسپی ہندی مانان۔ أرنسٹ نیوٗ تہِ چھُ یِہنٛز ذکر کران تہٕ یِہند تحریر خاطرٕ چھِن رومن رسم خطکو پانژھ واوبلن ورتاوی متیٕ ۔ یعنے گریرسنٛن ییٚلہِ گوڈنچہ لٹہٕ ماتراواوبلن ہنٛز کتھ تُج پٔتۍ مبوٗ عالموتہِ کرأ تھۍ تھچھ۔ مگر تموٗ مٔشر وو زِ اکثر کول اوس بُنیادی سنسکرت لب ولہجہٕ نِش زٲنی یاب تہٕ باسان چھُ زِ کاشرِ زبانۍ ہُنٛد صوتیات ویژھناونہٕ وِزِ چھُنہٕ سُہ سنسکرتہٕ کہِ اثرنِش مُچھِہ روٗ زِتھ ہیوٚ کُمت تہٕ اَمہِ پتہٕ ییٚلہِ گریرسنٛن کاشرِ صوتیاتک مطالہٕ کوٚر سُہ تہِ پوٚک أ تھۍ نقشہٕ قدمس پٮ۪ٹھ۔ اکثر یوٗرپی عالم چھِ پانہٕ تہِ ییمہِ کتھِ ہُنٛد اعتراف کران زِ یمو منٛز چھنہٕ اکثر آوازٕ بوٗزِتھ ہبکان تہٕ یوس آوازنہٕ بوٗزِتھ ہبکو تمیک وجوٗ دتہٕ ہاوچھُ مُلے غلط۔

گریرسنٛن چھِ یمن ماتراہن زیرِ اَثر لفظس منٛز آواز پھرِ کی کینٛہہ

اصوٗل تہِ بد کٔڈی متیٕ مثلن۔

ییٚلہِ "e" ماترایہِ بروٚنہہ "a" آسہِ سُہ چھُ "ạ" بنان۔ مثلن

"اندر" (Andar) أندرٕ (Andara)

ییٚلہِ "e" ماترایہِ بروٚنہہ "a" آسہِ سُہ چھُ "ȃ" بنان مثلن کانن

(Kanun)، کٲنراوٗن (Konerawun)

ییٚلہِ "i" ماترایہِ بُتھٕ "ä" آسہِ سُہ چھُ "ȃ" بنان مثلن مول

لفظہٕ کس گردانس دوران واوبلن آوازامہِ اَنمانہٕ ۔(m ȃ l) مٲلی MäL

ہُنْد ورتاوا کہِ خاص انداز کۆ رمُت چُھ ۔ سہ اوس لفظس منٛز کُنہِ حرفس پٮ۪ٹھ دِرام (ا) لگاوان یُس یہِ ہاوان اوس اَمہِ برونٛہہ واوِلچ آواز چھےٚ متأثر سپد یمٕژ ۔ اَیِٕشر کولس پتہٕ کرنہٕ کأشرِ مقأمی عألمن کأشرس گرامرس پٮ۪ٹھ کأم ۔ اگر کینٛہہ کامہِ (مثلن خان غلام محمد پویل زیی سنٛد گرامر (۱۹۰۳) تہٕ سیف الدین تاربلی سُنٛد "رسالہِ متلقِ اصوات کشمیری") بامل آیہِ مگر یمہٕ ہش اِنفرأدی کوٗششہِ روزٕ عام عألمن نش دوٗر تہٕ یوٗرپی یَن ہُنْد وتہٕ ہاوُک بٕنیو وشبدھ امر بٕتے ۔ تہٕتھہٕ پٲٹھۍ چھُ یمو تہِ کأشرِ زبأنۍ ہُنْد صوتیات وبٕژھناونہٕ وِزِ ماترا واوِلن کُن ژوٗر توجہ دِژمُت ۔ بقولہِ برج بی کاچرو (کاچرو ۱۹۶۹ص ۲۹۴) چھِ یم ماترا واوِل پُراسرارصوٕرژ زٕنگی پیش کرنہٕ آمتی ۔ گراہم بیلی چھُ ونان (بیلی ۱۹۳۷ص ۱) زِ کانٛہہ تہِ شخص یُس کأشُر رومن رسم خطس منٛز لیکھتھ وُچھِ تہٕ اَتہِ وُچھِ رِکھ ہیوٚ رپہن لوٕکٹۍ واوِل سہ سپدِ حأران زِ یم کیاہ چھِ تہٕ یِہنٛز آواز کیا چھےٚ ۔ یہِ بوٗزِتھ گوٚ ھسہ زیادے حأران زِ یمو منٛز ہیکن نہٕ واریاہ آوازٕ غأر کأشِری بوٗزِتھ ۔ یم چھِ اَسہِ تمن موٗسیقی لہرن ہنٛز یاد پاوان یم سائنس دانن ہِنْدِ وننہٕ موٗجب انسأنی کَن چھِنہٕ بوٗزِتھ ہٮ۪کان مگر بیأری کَن چھِ بوزان ۔ بیلی یَن یوٚ دوے تلفظس منٛز یمن ماترا اہن اہمیت دِژنہٕ اماپوٚ زِ یِہنٛدِ وجوٗدٕنش چھِنہٕ سہ انکار کران ۔ سہ چھُ پانہٕ تہٕ شن ماترا واوِلن ہُنْد فہرست دِوان موٗر جنسٹر ین تہٕ چھُنہٕ یمونش مُلے انکار کران تمۍ ہِنْدی کَنہٕ تہٕ چھےٚ یِہنٛز کأم

ژٕورمس منز باقے تمام مونث ناوٕتی۔ترٛیمس گرادنس منز چھِ گرٕ، کوٗر، سیر، گرٕ، موج، ہٕز، کو چھ ووٕ زتہٕ ؤنی ہوی ناوٕتی شاْمل تہٕ ژٕورمس منز مال، کرٕکھ، روپے، بیٚنہٕ، نٔدی، کوٹھ، گاوٕ ہوی ناوٕتی شاْمل۔

اماپوٚ زیٚمو ورأے چھِ کیٚنٛہہ مونث ناوٕتی یِم یِمن دوشوٕنی گردان بأ گرنبن نسبر اٗستھ ہیکٕہ ہن۔مثلن پٕٹ، بُڈ، راتھ بیترِ۔گریرسن ہٕندِ طرزِ تحریر حسابہٕ چھنہٕ پٕٹ تہٕ بُڈ تریمس گردانس منز شاْمل تہٕ راتھ، وال بیترِ ژٕورمس منز۔مگر یِمن چھُ نہٕ گریرسنٕن دیتمُت واوبل پوٚت لوٚگ لگان، بلکہ کانسونٹی پھیرِ تہِ سپدان۔غرض وُنٕن چھُ بیٚزرِ تمِ ہٕندِ ذٔسی بدِ کڈنہٕ آمُت کأشرِ زبأنی ہٕندِ صوتیأتی نظامُک بُنیادی کھو چر چھُ تمی ہٕنٛز گرامری جڑن ہٕنٛز وضاحژ پیٚٹھ تہِ اثر انداز سپدمُت۔

کأشرِ زبأنی ہٕندس گرامرس منز چھےٚ اَمِچ اضأفی حالت ( Genitive Case) دلچسپ۔یہِ نظرِ تل تھأوِتھ چھُ کأشرِ زبأنی ہُند تصریفی (Inflectional)مزاز بروٚنٛہہ کُن یوان۔گریرسن چھُ پانس بروٚنٛہٕن گرامردانن ہٕندی پأٹھی اضأفی حالت ہاونہٕ خأطرٕ ہُند، سُند، اُک تہٕ اُن، پوٚت جاہن Postpositions) ہُند ورتاوہاوان۔یِم نہٕ صرف کرٕ اول (Subject)یا شخص کہِ جنس، بلکہِ کرأوی (object) کہ تعداد تہٕ جنسہٕ لحاظہٕ تہِ بدلان چھِ۔بقولہِ گریرسن چھُ کأشرِ زبأنی ہٕندبن سارِنے مذکر ناوتبن ہٕنٛز

متأثر سپد نہٕ چھُنہٕ صرف کأشرِ زبأنی منٛزٕ ے یوت۔ اما پوٗ زیہِ چھُ توجہ طلب زِ اَمہِ آوازٕ پھِرِ کی اصوٗل چھا گریرسنٛن ماترا اثر کِنہٕ یہِ چھےٚ واولہٕ ہشرن یا ییٚہِ کأنہہ ازأنی اصوٗل۔

صوتیأتی مطالعہ علاوٕ چھُ گریرسنٛن کأشرِ زبأنی ہِنٛدٕ بن باقے گرامری جُزن مثلن ناوٕ ت (Noun) باوٕ ت (Adjective) کرٛاوٕ ت (verb) تہٕ پرٛی ناوٕ ت (Pronoun) نظامچ تہِ وِزٕ ھنے کرٕ مژ۔ یہِ وِزٕ ھنے چھےٚ گرامری وضاحژ ہِنٛدِس روأیتی اندازس پیٹھ۔ گریرسنٛس بروٗنہہ اٰس ایجورتھ تہٕ ویڈن تہِ کأشرِ گرامرِ چ اَمہِ آیہِ موٗنصروٕ ہھنبہٕ زٕرٕ۔ ویڈن تہٕ ایجورتھن ییٚتہِ کأشرٕ بن ناوتبن ہنٛزٕ اٰٹھ حالژٕ دِژمٕژ آسہٕ تتہِ کوٚر گریرسنٛن یہِ حالژٕ نظام ہنا آسانی سان پیش۔ کأشرٕ بن ناوتبن چھُ سُہ ژورن گردانن منٛز بٲگران۔ ناوتبن ہنٛزٕ گردان سأزی منٛز تہِ چھُ ماترا واولن ہنٛزٕ کارفرمأیی وُچھان۔ دوٚیمس گردانس منٛز چھُ سُہ تمام مذکر ناوٕتی شأمل کران یِم بقولہِ تٔمی ہِنٛدِ "U" ماترا یہِ پیٹھ اندواتان چھِ تہٕ گوڈنکس منٛز باقے تمام مذکر ناوٕتی۔ تٔمی ہِنٛدِ طرزِ تحریر مطأبق چھِ ژوٗر، دوٗش، پریم، سونر، ترکھ، وٗری، دانہِ، گرٕ قأضی بیترِ ناوٕتی گوڈنکس گردانس منٛز شأمل تہٕ گُر، گوٗر، کوٗر، موٗل، ہٕنوی، ژیوٗن تہٕ گاٹل دوٚیمس گردانس منٛز۔ تتھے پأٹھی چھُ تریمس گردانس منٛز تم موٗنث ناوٕتی شأمل یِہُنٛد Nominative واحد "i" یا "u" ماترا یہِ پیٹھ اندواتان چھُ تہٕ

کأشرِ زبأنۍ ہنٛد کرٛاوِتۍ نظام تہٕ چھُ گریرسنن سرسری طور وبہٕ ھنووُمت۔

گریرسن چھ صرف یہِ وٕنتھ کتھ ژٹان زِ سأری کأشرِ کرٛاوِتۍ چھ ترٕنی یار کہِ وٕنی۔
یٚوٚ دوے سرسری طور آسی تہٕ أتھی بأ گرنہٕ نظر تراووأسی ہکوتیلہِ یمن مزید ورگہٕ
باگے کرِتھ۔ مثلن :- رُکہٕ وٕنی کرٛاوِتۍ ہکہِ ہوکھ أسی ترین ورگن منٛز بأگرِتھ۔

گوڈنکس ورگس منٛز چھِ تم یہنٛدس پتھ کال کرٛاول ناوتس منٛز
''Nominative'' بدلہِ ''Agentive'' حالتھ ہُنٛد ورتاوسپدان
چھُ مثلن ''مے اوس'' دوٚیمس منٛز چھِ تم کرٛاوِتۍ شأمل یہنٛدس پتھ کال
کرٛاوِتس منٛز ''Nominative'' حالتھ ورتاونہٕ یوان چھےٚ مثلن ''بہٕ
ژاس'' ''ژٕ آکھ'' بیترِ۔ تہٕ ترٚیمس منٛز چھِ کیٛنہہ کراوِتۍ شأمل یہنٛدس پتھ
کال کرٛاوِتس ستۍ دوشوٕنی وے Nominative یا Agentive حالتھ
ورتاونہٕ یِوان چھےٚ مثلن ''مے نوٚژ'' یا ''بہٕ نوٚژُس'' بیترِ۔

وونی نی تو گریرسنن وبہٕ ھنووُمت کأشرِ زبأنۍ ہُنٛد کالہٕ نظام۔

گریرسن چھُ ونان زِ مختلف کالہٕ ورتاوخاطرِ ہکو أسی اکثر کرٛاوِتۍ یمو مُلہٕ
صوٗرژو پٮ۪ٹھہٕ ورتأوِتھ۔ ا۔ مُلہٕ کرٛاوُت ۔۲۔ ازکال ناوکرود۔۳۔ پتھ کال
ناوکرود۔۴۔ شبقہٕ ناوکرود۔ مثلن کر، کران ، کوٚر ، کوٚرمُت۔ مگر کیٛنہہ
کرٛاوِتۍ فارمہٕ چھےٚ یمو نبر تہٕ باقۍ صوٗرژو پٮ۪ٹھ بناونہٕ یوان مثلن
Infinitive فارمہٕ پٮ۪ٹھہٕ ہکو أسی یم ترٛ کال بنأوِتھ۔

حالتھ ستۍ ''س'' پۆت لگتھ ورتاوسپدان تہٕ اضافی حالتس منٛز چھُ یؠ ہے 'س'
ہُند، پۆت جا کہِ ''ہ'' ہچ جاے رٹان تہٕ یہِ چھُ ''سُند'' بنان۔ مگر امہِ مطابق گۆژھ
تیلہِ تِمن ازٕ وِۍ ناوتیٚن ستۍ تہِ ''سُند''، لگُن یِہُند Dative ''س'' جوڑنہٕ ستۍ بناونہٕ
یوان چُھ مثلن ملس، آسمانس، پوشس بیترِ۔ مگر اضافی حالت بناونہٕ وِزِ چھِ یِمن
ستۍ ''اُک'' لگان نِز ''سُند'' یا ''ہُند''۔ بہر حال کاشرِ زبانۍ منٛز چھِ اضافی حالتھ
ہِنٛدِ بن پۆت جاہن ہِنٛدی شِتھٕ اصوٗل۔ یم وٕنتھی پوٚژھی پاٹھی تہٕ پاٹھی چھِ۔
۱۔ تم عام زٕ وِۍ ناوِ تی یم وأحد مذکر آسن تِمن ستۍ چھُ ''سُند'' لگان۔
۲۔ تریم شخص پرِۍ ناوِ تی کِس وأحد مذکرس ستۍ تہِ چھُ ''سُند'' لگان۔
۳۔ ''ہُند'' پۆت جا چھُ باقٕے سارِنٕے ازٕ وِۍ جمع ناوتیٚن ستۍ، زٕ وِۍ
وأحد مونث یا جمع مونث تہٕ مذکر جمع ناوتیٚن ستۍ ورتاونہٕ یوان۔
۴۔ دوٚیم یا تریم شخص کِس جمع صوٗرتس ستۍ چھُ 'ہند' ورتاونہٕ یوان۔
۵۔ 'اُک' پۆت جا چھُ سارِنٕے ازٕ وِۍ واحد، مذکر ناوتیٚن ستۍ
ورتاونہِ یوان۔

۶۔ ''اُن'' پۆت جا چھُ انسانن ہِنٛدِ بن ناون ستۍ ورتاونہٕ یوان۔
اما پوٚز تِمن مونث ناون ستۍ یم 'آ' یا 'ی' واوِلس پتھ اَندواتان چھِ، چھُ 'ہُند'
ورتاونہِ یوان۔ بعضے چھُ انسٲنی ناون ستۍ تہِ ''سُند'' استعمال سپدان تہٕ اکثر چھ
'سُند' پۆت جا ورتاونہٕ وِزِ مُلہٕ ناوس ''اِ'' پۆت لوٚگ جوڑنہٕ یوان۔

# دردِستان رِوِزِٹڈ

## اکھ سام

پروفیسر اومکار این کول سُند تحقیق تہٕ مطالعہٕ چھُ مختلف زبانن تہٕ تِہندِ بن ادبی پہلوہن وِحاطہٕ کران ۔ ہِندی، اردوٗ، پنجأبی یا کأشُر آسی تن یِمن زبانن ہِندِس مطالیاتس چھُ کول صأبُن رنگہٕ رنگہٕ دِیُت ۔ یِتھہٕ پأٹھی ہکو نہٕ أسی تِہنزِ عألمانہٕ شخصیتھ کُنہِ أکِس زبأنی سِتی وابستہٕ کٔرِتھ ۔ اماپوٗ زتہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ أہندِس مطالیاتس منز کأشرِ زبأنی ہُند پوٗرُ مقابلس گوٗبے پہَن ۔ کأشُر ادب ووہ پرزبانن منز متأرِف کرنس تہٕ ملکی کھوٗ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ موجوٗدِ دورس منز کأشرِ زبأنی ہنزن مُختلف سرگرمی ین منز چھُ اکہِ نتہٕ بییہِ رنگی تِہُند دخل ۔ پروفیسر کول سِندی تخلیقی تہٕ ادبی تحریر اوٗک طرف ترٲوِتھ ہکو أسی تِہنزِ لسأنی کامہِ دون ورگن منز بأگرِتھ ۔ اول یِمہٕ لسأنی

۱۔ مےٚ چھُ کرُن ۔۲۔ مےٚ اوس کرُن ۔۳۔ مےٚ آسہِ کرُن ۔

گریر سٕنٛز بےٚ شبقہٕ پتھ کال بأگرن چھےٚ تو جہس لایق سٕہ چھُ اَتھ ترٛن فارمن منٛز بأگران ۔۱۔ نزدیکھ پتھ کال ۔۲۔ بے شبقہٕ پتھ کال ۔۳۔ دوٗر پتھ کال ۔ مثلن

۱۔ مےٚ کوٚر ۔۲۔ مےٚ کریوو ۔۳۔ مےٚ کریایوو

شاید گوڈھن نہٕ دوٚیم تہٕ ترٛیم الگ الگ ناوٕ کرأ وی آسنہٕ ، بلکہِ گوڈھن یِم علاقأیی یا اُسلوٗ بیأتی پھیرٕ آسنہٕ ۔ بعضے چھِ أسی پتھ کالُک دوٗر بر ہاونہٕ خأطرٕ کرٕ اوتس پٹھ دباوتہٕ اوان اَمہِ موجُب چھےٚ اَتھ منٛز آوازٕ تبدیلی تہِ یِوان ۔ دباوٕ وألی کرٕ اوٕتی چھِ بعضے أسی شرطیہ صوٗرژ منٛز تہِ ورتاوان ۔ مثلن :

''مےٚ کریہِ کوٗشش مگر............

گریر سنٛز چھُ دراصل ترٛ ورگی ہاوٕتی پُری ناوٕتی (Demonstrative) Pronnouns نظامس لَرِلوٚر پتھ کالُک یہِ نظام ہووُمت ۔ بہرحال یِم چھِ کینٛہہ اہم کتھہٕ یِمن متعلق مزید مطالعہ کرنہٕ یُن گوڈھ ، ییٚتھ کأشرِ زبأنی ہِنٛدِس Inflectional مزازس پتہٕ کنہِ کارفرما اصولن ہنٛز نشاندہی کرنہٕ ییہِ ۔ یِم کامہِ چھےٚ نہٕ اَسہِ اَمہِ لحاظہٕ ضروٗری باسان تکیازِ ماجہِ زبوٚ ہیچھنس منٛز چھِ یِم اصوٗل زانٛنہٕ غأر اہم مگر یِیمہِ ساتہٕ اسہِ یِہے زبان غأر کاشرٛن ہیچھناوٕنی پیٚیہِ تمہِ ساتہٕ سپد اَمِچ اہمیت تہِ عیان ۔ ☆☆

کأشِر زبأنی ہنٛز لسأنی ورگہٕ باگے متلعق کوٗل ہٕندی خیال چھِ تٔسنٛزن کیٚنٛژن تصنیفن منٛز کٔنہٕ کٔنہٕ درینٛٹھی گژھان۔ اماپوٚ زدر دِستان رٕوزٕٹڈ ناوٗک مقالہٕ چُھ اَتھ متعلق مفصل مقالہٕ۔ یہٕ مقالہٕ چھُ ڈاکٹر کوٗل تہٕ رٕیوٗتھ تٔمۍتھ یکہٕ وٹہٕ لیوٗکھمُت۔ مقالہٕ چھُ 1984 تس منٛز چھپیمِژ ''آس پیکٹس آف کشمیری لنگوسٹِکس'' ناوچہِ کتابہِ منٛز تہٕ شأمل۔ مقالہٕ نگار چھِنہٕ اَتھ منٛز کأشرِ زبأنی ہنٛز لسأنی ورگہٕ باگے متعلق کانٛہہ نوٚو نظریہٕ پیش کران تہٕ نہٕ چھِے پنٛٹھہٕ کٔنہٕ دِنہٕ آمژن دون راین منٛز کٔنہٕ اَکِس ستی ہتہ فیصد متفق باسان۔ پزٕر چھُ یہِ زِ مقالہٕ نگار چھِنہٕ گرٛیرسنس مُلے ردکران تہٕ نہٕ چھِ کأشرِ زبأنی سیٚدسیوٚد ہند آریأیی زبانن لرِ لوٚر تھاوان بٔلکہِ چُھ مقالہٕ نگارو اتھ موضوٗعس پٮ۪ٹھ اوٚت تام کرنہٕ آمتِس مطالس موٗلأنکون کٔرِتھ تہٕ امیک چھوٚت کرٕہُن نوٚن کٔڈِتھ یہِ موضوٗع وُنہٕ تہٕ بحث طلب قرار دیُتمُت۔

گرٛیرسنس پٮ۪ٹھے مورجنسٹرینس تام یہٕ کیٛنٛژھا مطالہٕ کرنہٕ آمُت چھُ تتھ چھِے پزی کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ پرگی۔ باضے چھُ اَتھ منٛز مناسب موادٕ چ وبٕژ ھے تہٕ باضے محققانہٕ سنجیدگی ہُنٛد ژھر بر لبنہٕ یوان۔ چنانچہِ یم سأری محقق اَسی غأر وطنی یمن نہٕ اَمہِ علاقچن زبانن ہندٕ ن زأوی جارن ہنٛز سرٕ نی زان آس۔ امہِ کتھہِ ہُنٛد احساس چھُ یمن عألمن پانس تہٕ۔ توے چھُ مورجنسٹرین اَتھ سأری ہے مطالس تأنی تأنی تھے مانان۔ (انسایکلوپیڈیا آف

ورگہٕ باگے متعلق چھےٚ تہٕ دۆیم یم کاشرِ زبٲنی ہنٛدس گرٛامرس تہٕ صوتیاتی مطالس متعلق چھےٚ۔ دوٚیمہِ ورگچہٕ کامہِ تہِ چھےٚ دون قسمن ہنٛز۔ اول یم محض تحقیقی نۆعیچہٕ چھےٚ۔ دوٚیمہِ یمہٕ تدریسی نوقطہٕ نظرٕ تصنیف کرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ یَتھ موخصر مقالس منٛز تھاوٕ بہٕ پنٕن قلم صرِف تمن کامن تام محدۆد یِم لسٲنی ورگہٕ باگے متعلق چھےٚ۔

کاشرِ زبٲنی ہنٛز لسٲنی ورگہٕ باگے ہُنٛد موضوٗع چھُ گنٕو ہمہِ صدی پیٹھے ملکی کنٕو پرٕ ملکی عالمن ہُنٛد دِلچسپ موضوٗع رٗدمُت۔ گرٕیرسنٕس پیٹھ مورجنسٹرِینس تام الہٕ پلہٕ سارِنے محققن ہُنٛد اَتھ موضوٗعس متعلق تحقیق چھُ کُلس پیٹھ زٕ اہم رلیہِ بڑٛونٛہہ کُن انان۔ اَکھ راے چھےٚ یہِ زِ کاشُر زبان چھےٚ تمہِ دردی گرُپچ زبان یُس ہنٛد آریٲیی تہٕ ایرٲنی زبٲنن ہنٛدٕن دون بڈٕن گرُپَن منٛز باگ اکہِ الگ گرُپچ خٔژ یَتھ تھاوان چھُ۔ یہِ راے دِنہٕ والین منٛز چھُ گرٕیرسن سُنٛد ناو اَہم۔ دۆیم راے تھاون وٲلی چھِ دردی زبانن تہِ ہنٛد آریٲیی زبانن ہُنٛد اَکھ سب گرُپ مانان۔ یِمن نِش چھےٚ درٕدچھرا اَکھ جوغرٲفیٲیی اِصطلاح نہ زِ لسٲنی اِصطلاح تہٕ یِم چھِ یِمن زبانن ہنٛدِ جوغرٲفیٲیی علاقچہٕ بُنیاژ پیٹھ دردی ناو دِتھ ہنٛد آریٲیی گرُپ چے زبانہٕ تسلیم کران۔ دۆیم راے تھاوَن والین محققن منٛز چھِ مورجنسٹرین، قُسمن بیٹرِ اہم۔

روٗزِتھ ہبکہِ۔ مثلن کینٛہہ محققو چھےٚ کوہستانٛی شِناہ اصطلاح تمن بولین ہٕنٛد خاطرٕ ورتاوان یِم چلاس کہِ جۆنوبہٕ پاسہٕ سِندھ علاقس منٛز بولنہٕ یِوان چھےٚ۔ اَتھ زبانِٛ چھےٚ پانٛژھ الگ الگ بولہِ تہٕ لوٚنٛچہ گنڈنہٕ آمژٕ یِموٚ منٛز "پٹھوچ" تہِ اَکھ چھےٚ۔ مقالہٕ نِگارچھِ نہٕ اَتھ بولہِ شِنامانان۔ مختلف محققو چھےٚ یِہے کوہستانٛی موہر تمن زبانن تہٕ لگاوان یِم سِندھس دوٚیمہِ پاسہٕ چھےٚ تہٕ یِمہٕ ٹاکارٕ پانٛٹھی غارشِناہ بولہِ چھےٚ۔ یِمن چھُ اکثر "میان"، "بشکارِک" تہٕ "توراولی" ناو دِنہٕ آمتی۔ "بروکپا" ناوچہِ بولہِ متعلق تہِ چھُ کول شُمتھ نوقطہ نظر تیتھے ہیوٚ۔ بڑ ونٛہمو عالمو چھےٚ امہِ زبانِٛ ہٕنٛد باشہٕ ماداٚنچ نشاندہی تیٛاری تیٛاری کرمو یپاری یپاری مغربی تبّتی بولہِ بولنہٕ یِوان چھےٚ۔ کولؔ تہٕ شُمتھ چھِنہٕ بروکپا کانٛہہ تہِ لسانٛی اصطلاح مانان بٔلکہِ چھِ اَتھ یِم اَتھنو گژافِک اصطلاح ناو دِوان۔ بقولہِ تِہنٛدِ چھےٚ یہِ اصطلاح تمن شِنا بولن والین ہنٛد خاطرٕ ورتاونہٕ یِوان یِم تبّتی زبانن ہٕنٛدس باشہِ علاقس نکھہٕ چھِ۔

"دردستان رِوزٹڈ" شِناہ تہٕ کاشرِ زبانِٛ ہنٛدِس رِشتس متلعق چھِ سٔروے منٛز توجہ طلب بیان۔ بقولہِ مقالہٕ نگار زِ دوشوٕنی زبانن ہُنٛد تقوبُل کرنہٕ وِزِ چھُ باضے باسان زِ یِوٚدوے شِناہ دردی چھےٚ تیٛلہِ چھےٚ کاشرِ زبان بیٛیہٕ کیا تام۔ یا اگر کاشرِ دردی زبان چھےٚ تیٛلہِ چھےٚ شِناہ بیٛیہٕ کیاہ تام۔ اماپوٚ زِتم تہِ چھِنہٕ یِمن زبانن درمیان رہواٚیتی طور گٔنڑرنہٕ آمتی

اِسلام صفہٕ 164)۔ اہم کتھ چھےٚ یہِ زِ یمو محققومنٛز اوس نہٕ کینٛہہ ہنٛزِ ٹر وے یا تحقیقک مقصد لسانی مطالعہٕ بلکہِ اوس مقصد سیأسی تہٕ یہِ اوس محض بہانہٕ۔ یمو منٛز اوس نہٕ کینٛہہ علم لسانیاتس ستی رژھ واسطہٕ تہٕ مثلن فریڈرک ڈرِو اوس اکھ جوغرافرتہٕ رابرٹ شاہ اوس ٹی پلانٹرن یہِندس یکہٕ وٹہٕ کرِی متس مواد س پیٹھ گریرسنن پنٕن نظریہِ پیش کوٚر مُت چھُ۔

دردستان رِوِزِٹڈ مقالکی مقالہٕ نگار چھِ امہِ سارے کامہِ ہُنٛد جایِز ہیتھ امہِ رِکس اکس اہم نوقصس کُن اِشارٕ کران یُس صحی باسان چھُ۔ تہِندِ وٕنن چھُ زِ دردی زبانن یُس پہاڑی علاقہٕ باگہِ آمُت چھُ تمی چھِ امکس مطالس منٛز کینٛہہ ٹھری پأدٕ کری متی۔ تم چھِ ونان زِ اتھ علاقس منٛز بولن یِنہٕ واجنہِ زبانن ہِندس تید اوس منٛز تہٕ چھُ اتھ سأری سے مطالس منٛز اکھ دُلمبل دژیٹھی گوھان۔ تیمیک وجہ یہِ چھُ زِ اکہِ علاقہٕ پیٹھ بیٚیس علاقس تام گُھلہِ ڈٕلہِ روزوتہٕ آمدرفت نہ آسنہٕ سبہٕ چھُ مختلف بولبن ہِندِس تلہٕ تراوس تہٕ لُہس منٛز کم کاسہٕ بنٛز تہٕ اکثر ورگہٕ باگے کرن والو چھےٚ یہِ کتھ نظر انداز کرِتھ کُنہِ پہاڑی کھونہِ منٛز رٲنج کُنہِ بولہِ تہٕ الگ زبأنی ہُند ناو دیُمت۔ باضے چھُ جایہِ ناوس پیٹھ تہٕ کانٛہہ بولی الگ زبأنی ہنٛدِ کنٛی یژہ گنٛز راونہٕ آمو۔ یتھ پأٹھی چھُ اکس لوکٹس علاقس منٛز زبانن ہُند گنٛجار پأدٕ کرنہٕ آمُت۔ اتھ متعلق چھِ کوٚل تہٕ شِمتھ کینٛہہ مثالہٕ دِوان یہنٛز ذِکر یتھ ِبن مناسب

۴۔ دوشۄنۍ زبانن ہُنٛد پٲری ناوِتی نظام چھُ الہ پلہٕ ہیوٚ۔ اَتھ منٛز
چھےٚ اطراف تہٕ دوٚری ہنٛز ورگہٕ بٔندی تہِ۔ کٲشُر زبان تہٕ امچہِ سرأج تہٕ
پوٚگلی بولہِ منٛز چھُ یہِ پٲری ناوِنی نظام ترٛییہِ انمانہٕ۔ شِنا ہس منٛز چھُ یہِ ترٛیوٚ
کھوتہٕ زیادٕ ورگن ہُنٛد۔ صرف چھُ کوہستی منٛز یہِ آریٲیی آیہِ دُورگی۔ اِشارٕ
پٲری ناوِتی چھِ اَٹھن ورگن ہنٛدی۔

۵۔ دوشۄنۍ زبانن ہنٛدی پوٚت جاچھِ دردی آیہِ۔

دوشۄنۍ زبانن درمیان چھِ کیٛنہہ اہم پھیرٕ یم:۔
۱۔ تالٕری خوٚصوصِتھ چھےٚ کٲشُر زبٲنۍ تہٕ اَمِچِن کیٛنٛون بولین منٛز۔
شنا ہس منٛز چھُ (ماسِوا اے دارسی) لفظُک ہٕتم واوِلی ژھوٚٹراونہٕ یوان۔
۲۔ کٲشرِ زبٲنۍ تہٕ اَمِچہِ پوٚگلی بولہِ منٛز چھُ منٛزم ''ۆ'' تہٕ ''اوٚ'' بیترٕ
ژھوٚٹ واوِلی موجوٗد۔ شناہ زبٲنۍ ہٕنٛزِ کُنہ تہِ بولہِ منٛز چھنہٕ یتھہٕ پٲٹھۍ۔
۳۔ پرٛأنۍ ہند آریٲیی کانسونٹی پنگتھ ''ست'' چھےٚ شناہ زبٲنۍ منٛز
لفظٕ اندس پیٹھ ورتاونہٕ یِوان اماپوٚز کٲشرِ زبٲنۍ منٛز چھےٚ یہِ خوٚصوٗصِیتھ غاٗر
موٗجوٗد۔
۴۔ کٲشرِ زبٲنۍ ہُنٛد ترتیب چھُ وکھرٕ۔ یُس نہٕ کُنہِ پٲٹھۍ تہٕ شناہ
زبٲنۍ یا اَمِچہِ کُنہِ بولہِ سٕتی رلان چھُ۔
یہِ چھےٚ اَکھ ٹاکارٕ حقیقتھ زِ 1947 عیسوی پتہٕ سپُد دردِستانُک علاقہٕ

صوتیأتی تہٕ مارفولاجکل بیٚترٕ ہشر ونشہِ مُلے اِنکار کران۔ یِم ہشر مأنتھ تہٕ چھِ تم ونان زِ امی نسبتہٕ چھےٚ یم اَکھ أکس نِش مختلف تہٕ۔ کأشرِ زبأنی ہُنٛد ''SVO'' لفظ ترتیب یُس اَتھ باقےٚ ہِنٛد آریأیی زبانن نِشہِ الگ کڈان چھُ تَمِچ کانٛہہ ثبقہٕ وضاحتھ دِنہٕ ورأیی چھِ تم یہِ راے دِوان زِ امہِ خأطرٕ گژھہِ مزید مُطالہٕ کرنہٕ یُن یُتھ زِ یہِ سرٕ کھرٕ سپد زِ یم خۆصوصیٚژ چھا پرانٮ۪و ہِنٛد ایرأنی آگرو پیٹھ آمژٕ رِنہٕ پیٚیہٕ کمہِ تام ازأنی آگرٕ پیٹھہٕ۔

بہر حال کوٗل تہٕ شِمتھ چھِ ہِناہ تہٕ کأشرٕ زبأنی ہنٛدِس ہِشرس تہٕ بنٛزٕرس متعلق کیٚنہہ نوقط سرٕ کھرٕ کران یِموٚ منٛز اکثر نوقطہ یِمن بروٚنٛہمٮ۪و عأنٛلمو تہٕ وکھنأوی ئمتۍ چھِ۔ ہشرٕ کی کیٚنٛہہ اہم نوقط چھِ یم:۔

ا۔ لفظہٕ چھلن ہنٛدٮ۪ حدَ دنٛبرٕ تہٕ چھُ اَکھ واول آوازن متأثر کران۔ یہِ خۆبی چھےٚ الہِ پلہٕ کأشرِ زبأنی ستۍ وابستہٕ پرٛتھ کُنہِ بولہِ منٛز اماپوٚز ''سرأج'' چھےٚ امہِ نِشہِ مُچھ۔

۲۔ پرٛأنی ہِنٛد آریأیی کانسونٛنتی پنگتھ ''کرٛ'' چھےٚ دوشوٕنی زبانن منٛز لفظہٕ اندس پیٹھ یِوان۔ صرف چھےٚ کوہستی اَمہِ خۆصوصیٚژ نِشہِ مُچھہٕ۔

۳۔ ہکأری ٹھہراو چھِ دوشوٕنی زبانن منٛز ختم سپدی متۍ۔ یہِ خوصوصیَتھ چھےٚ کشتوأری بولہِ تہٕ کوہستی منٛز تہٕ اماپوٚز پوگلی تہٕ سرأج بولین ہندین تدبھو لفظن منٛز چھُ یہِ ٹھہراو کُنہِ کُنہِ دژینٛتھی گژھان۔

الگ الگ سیأسی سرحدن منٛز تقسیم ۔ یمہِ سبہٕ یمن زبانن ہنٛز آن سُپاٹ سٲر دوے مختلف سیأسی وجوٗہاتو کِنہٕ وارے مشکل سپز ۔ یہِ کتھ نظرِ تل تھأوِتھ یوٚ دوے کوٲل تہٕ شِمتھ ہندس مواد س متعلق تہِ زٕ رلیہِ وۄتلِتھ ہکبن بٔڈ کتھ چھےٚ نہٕ ۔ مگر غور طلب کتھ چھےٚ یہِ زِ اَتھ مقالس منٛز یمہِ سنجیدگی سان اَتھ موضوٗعس پیٹھ امہِ برٛ وٚنہمبن مختلف مطالیأتی کامبن ہنٛزِ مولاٗنکبن کرنہٕ آمٕژ چھےٚ سو چھےٚ پزی مقالن نگارن ہُند عالمانہٕ بٔرک پے دِوان ۔ یہِ چھُ صحی زِ (کأشرِ زبأنہٕ ہنٛز لِسأنی ورگہٕ باگے ہُنٛد مسلہٕ یُس امہِ مولاٗنکونہِ ہُنٛد بُنیأدی موضوع چھُ ) یہِ موضوع یُتھ تشنہٕ مقالکس ابتدا ہس منٛز باسان چھُ مقالکس انٛدس پیٹھ تہِ چھُ یہِ یُتھے زلہِ وُن تہٕ حل طلب باسان ۔ مقالہٕ نگار وچھُ پانہٕ کانٛہہ حتمی فأصلہِ دنہٕ نشہِ گُریز کوٚرمُت ۔ مقالُک ماحصل چھُ یہِ زِ اَتھ متلعق سپدیمتہِ مطالُک زگ پژوٚن بروٚنٛہہ کُن اَنِتھ چھےٚ مقالہٕ نِگار واَتھ موضوٗعس نِوسرِ سَنٛنج ترغأب دِژمو ۔

☆☆☆

